# عصری کاشر شاعری

ڈاکٹر مجروح رشید

بُک میڈیا سرینگر

کتاب ـــــــ عصری کاشُر شاعری
مُصنف ـــــــ ڈاکٹر مجروح رشید / لیکچرار شعبہ کشیری، کشمیر یونیورسٹی
وٗری ـــــــ جنوری، ۱۹۹۵ء
تعداد ـــــــ ۵۰۰
قیمت ـــــــ ۱۵۰ روپیہ
مطبع ـــــــ INDIAN PRINTING PRESS, SRINAGAR

•

کتاب میلنگ پتہ
★ شعبہ کشمیری، کشمیر یونیورسٹی سرینگر
★ کتاب گھر، لال چوک، سرینگر
★ بک میڈیا، ڈلگیٹ، سرینگر

ASRI KA'SHIR SHAIRI
BY
DR. MAJROOH RASHID
1995 PRICE Rs. 150/-
PUBLISHED BY :



Book Media

DALGATE, SRINAGAR-190001 KASHMIR
TEL. : 78218, 73788 (ANU)

# اِنتساب

مآلِس ماجہِ ہِندِ ناوٕ

اے غائب از نظر کہ شُدی ہمنشینِ دل
می بینمت عیان و دُعا می فرستمت

حافِظؒ

# زان

ناو — مجروح رشید

سن پیدائش — ۱۷، فروری ۱۹۵۸ء

جاے پیدائش — آروني، بیجبہاڑہ، کشمیر

تعلیم — ایم۔ اے (۱۹۸۱ء)، ایم فل (۱۹۸۵ء)
پی، ایچ، ڈی (۱۹۸۹ء) کشمیری

مشغلہ — تدریس پتہ تحقیق / شعروشاعری

دوٚیمہ کتابہ — لسہ خان، اسدمیر (زیرِترتیب) برائے ساہتیہ اکادمی

# ترتیب

# پیش لفظ

پرٛتھ دورکس ادبس منز چھ عصری رٕوِیَن تہٕ حقیقژن ہندی عکس نظرِ گژھان۔ تخلیقی فنکار چھِنہٕ شعوٗری طوٗرٕ زانِتھ ماْنِتھ تہٕ ٹاسرِیسان پننہٕ دورچہ حقیقژ نظماونٕچ کوٗشِش کران بلکہ چھِ بدس حقیقژن ہندی رنگ تمٕ سٕنز تخلیقی شخصیژ متاثر کرِتھ، تمکۍ اہم جُز بنِتھ لاشعوٗری طور تہٕ بےٚشوٗنکھی پاٹھۍ تمۍ سٕندین محسوٗساتن تہٕ باوژ منز روٗپ بدلاوی بدلاوی مُشک ژھٹان۔

ہم کال کاشُر شاعری ہند مطالعہ کرِتھ چھُ محسوٗس سپدان زِ ساْنۍ شاعر چھِنہٕ خابن ہندس دُنیہس منز روزان بلکہ چھِ زندگی ہند پیالہٕ دامہٕ دامہٕ چوان۔ تم چھِنہٕ اُزچہ پُر آشوٗب زندگی ہنزن سنگلاخ حقیقژن نِشہٕ لوٚب ہیوان بلکہ چھِ مردانہٕ وار تِہند مقابلہٕ کران۔ ساْنۍ جدید شاعر چھِ معاصر حسیاتی آگہی ہنزن پھیرہاو خصوٗصیژ ونِش پرن وأنس جمالیاتی سطحس پیٹھ واْقف کرِتھ تُس زندگی ہند نازک ترین صوٗرتِ حالک مقابلہٕ کرنُک حوصلہٕ تہٕ دوان۔ عصری کاشُر شاعری ہنزن خصوٗصیژن ہنز نشاندہی چھِ مختلف نقادو پننہٕ پننہٕ اندازہٕ کرمژٕ۔ اتھ سِلسلس منز چھِ ڈاکٹر حامدی کاشمیری سٕنز کتاب "جدید کاشُر شاعری" ہم کال شاعری ہندِ اکہِ باضابطہٕ تہٕ جامع مطالعچ حیثیت تھاوان۔ مذکورٕ کتابہٕ

علاوٕ چھِ اَتھ موضوعس پیٹھ کیٛہنہ جاندار مضمون تہٕ لیکھنہٕ آمتۍ تہٕ کرٕنۍ تہٕ چھیہٕ اَتھ پیٹھ کام کرنچ واریاہ گنجٲیش۔ میٲنۍ یہ کتاب تہٕ چھیہٕ اَمی قبیلچ اکھ کوشش یتھ منز کیٚنژن نماینٕدہٕ شاعرن ہُند مطالعہٕ چھُ پیش کرنہٕ آمُت تہٕ یم باقی کیٛہنہ اہم ناو شامل ہیٚکۍ نہٕ سپدِتھ تِہنٛد مطالعہ چھُ بییٚس کتابہِ منز یوسہٕ وُنۍ کیٚس زیرِ ترتیب چھیہٕ۔

بہٕ کتھ حدس تام چھُس کامیاب سپُدمُت تمِیُک فٲصلہٕ ہیٚکن پرن والۍ کرِتھ، مےٚ چھُ ییٚمہِ کتھِ ہُند شدید احساس زِ تنقید چھُ سیٹھاہ دشوار گزار عمل تہٕ اَتھ مٲدانس منز ہیٚکہٕ نہٕ پرٛتھ کانٛہہ ووٚتھ ژاٚوِتھ، مگر شوقس کیا کرِ زِ —— یہ چھا کانٛسہِ تابع آسان۔ میون دعویٰ چھُنہٕ زِ یہ کتاب کیاہ آسہٕ خٲمیوٚ ژہ مبرا مگر یقین چھُم زِ پرن والۍ بہرِن میون ظون تور کُن یتھ پٔروہہ کُن تِہنٛد ازالہٕ ہیٚکہٕ سپدِتھ۔

بہٕ چھُس پروفیسر رحمٰن راہی صٲبُن، پروفیسر مرغوب بانہالی صٲبُن، ڈاکٹر شفیع شوق صٲبُن، ڈاکٹر مجید مضمر صٲبُن تہٕ ڈاکٹر گلزار احمد وڈر صٲبُن شکر گزار یِہنٛد اَتھ روٚٹ کتاب لیکھنس دوران مےٚ آیہٕ رٕود۔

بہٕ چھُس پننِس مُحسن تہٕ مٲلِس بجا بٲیِس محترم ملک عبدالسلام صٲبُن احسانمند یِموٚ مےٚ یہ کتاب چھاپنہٕ خاطرٕ باند باند کوٚر۔

برادرم معراج تُرکوی سُند تہٕ چھُس بہٕ سیٹھاہ ممنون یِموٚ ییٚنہٕ خوشنویسی سٟتۍ یہ کتاب لوٚبناو۔ برادر رفیع احمد صٲبنِس خلوصس تہٕ شفقتس تہٕ چھُس بہٕ داد دِوان یِم مےٚ یتھ کتابہِ متعلق پرٛتھ کارِ کران روٗدۍ۔

کشمیر یونیورسٹی کیمپس، سرینگر
۲، جنوری ۱۹۹۵ء

**مجروح رشید**

# سَرنامہٕ

برصغیرٕچین زبانَن منز آیہٕ موجوٗدٕ صدی دوران کیہنہٕ اہم لفظ ادبی اصطلاح ہو زٕنگی ؤرتاونہٕ ـ عصریت، جدّت پسندی، جدیدیت تہٕ جدیدکاری بیترٕ۔ یِم لفظ چھِنہٕ اوٚموکھ اہم زِ یِم کیاہ آسی نہٕ اَمہٕ برونہہ ؤرتاوس منز بلکہ ییٚمہٕ کِنۍ زِ یِم آیہٕ نۄٚوینہٕ معنے تہٕ مفہوٗم ہیتھ۔ وُچھوٚے تہٕ تیٚلہٕ اوس یِمَن لفظن ہُند ورتاو تمی وقتہٕ پیٹھٕ شروٗع سپدمُت بیٚلہٕ راجا رام موہن رایے تہٕ تِمۍ ہندی ہمخیال برصغیرس منز نۆوِ آگہی ہُند تبلیغ آسی کران تہٕ جدّت پسندی پیٹھٕ زور دِتھ عصری حقیقتن تسلیم کرنُک تلقین آسی کران۔

پرٛتھ لفظ چھُ بُنیادی طور اکھ تصوٗر پیش کران تہٕ اَمہٕ برگرٕ چھُ انسان پننِس بصیرتس تہٕ تخیُلَس ناو ہیکان کرِتھ۔ کانہہ تہٕ خیال یا کشف ہیکہٕ نہٕ توتام انسانی ادراکس منز یِتھ یوتام نہٕ لفظن ہُند معنے واضح آسہِ۔ کُنہٕ تہٕ لفظُک صحیح معنے تہٕ مفہوٗم سمجھنہٕ خاطرٕ ہیکہٕ نہٕ لغت تہٕ مُکمل پاٹھۍ اَتھ رۄٹ کرِتھ۔ یوٚدوَے لغتہٕ کِہ مدتہٕ سِتۍ اَسی معنے تہٕ مطلبَس قریب چھِہ واتان۔

جدیدیت لفظ چھُ جدّت لفظٕ منز دٕرامُت ییٚمیُک معنے نۆو تہٕ نۄوینہٕ چھُ۔ نۆو یا نۆوٕر گوٚوسُہ کانہہ تصور، چیز یا انسان یُس موجوٗدٕ زمانُک پٲداوار آسہِ۔ جدید لفظس یہٕ معنے دِنہٕ وِزِ چھُ باسان زِ یہٕ چھُنہٕ لفظُک صحیح مفہوٗم تِکیازِ اَمہٕ

ستۍ چھُ فقط وقتُک تہٕ زمانُک پھیرے یوت بَدٕ نیران۔ مگر جدیدیت چھِنےٚ بُنیادی طور تِمَن ادبی ہیَیژن، تصوٗرَن تہٕ موڈن (MODES) کُن سون ذہن پھِران ییم نوٚ آگہی ہندٕ گاشہٕ ستۍ مُنوّر پیدی۔ فن تہٕ شاعری منز چھِنےٚ جدیدیت تِمَن خصوٗصیژن کُن اشارٕ کران ییم جدید فنَس تہٕ شاعری منز بر پوٗر اندازس منز تہٕ شدتہٕ سان نظرِ چھِنےٚ گژھان تہٕ یِمَن ہنز شدتھ اُسہٕ قدیم کالٕ فن پارن تہٕ شاعری منز کھاپے کُنہٕ جایہٕ درِنٹھۍ چھِ گژھان۔ جدید فنکار تہٕ شاعر چھُنہٕ زندگی مُتعلق جدید تصورن چھُرا جذباتی تہٕ عقلی سطحس پیٹھ تسلیم کران بلکہ چھُ سُہ تخلیقی تہٕ تخیُلی سطحس پیٹھ یِمن تصورن مُتعلق پنُن ردِ عمل ہاوان۔

جدید تصوّرن تہٕ قدیم کالٕ سونچس منز ہیکوا اَسی فرق بَدٕ کڈِتھ؟ جدیدیژ ہندِس اَکِس مختصر مفہوٗمس کُن آو گوڈے اِشارٕ کرنہٕ۔ یہٕ چھُ اکھ عصری تصوٗر ییمہٕ کِہ مدتہٕ ستۍ انسانس وقتُک ادراک تہٕ عرفان حاصل چھُ سپدان۔ عصری آسُن گوو اکھ چیز تہٕ جدید آسُن گوو بیاکھ۔ پرتھ کانہہ فنکار چھُ پننہٕ وقتُک تہٕ زمانُک عرفان تہٕ شعوٗر بھاوان تہٕ اَمہٕ کِہ ذریعہٕ زندگی سمجِنچ کوٗشش کران۔ مہجوٗرس تہٕ آزادس تہٕ اوس پننہٕ زمانُک ادراک تکیازِ تِہنز شاعری منز تہٕ چھِ تِہندِ زمانکۍ نقش تہٕ رنگ جایہٕ جایہٕ نظرِ گژھان۔ تہٕ کرِتھ تہٕ ہیکو نہٕ اَسی یِمن شاعرن جدید شاعر وَنتھ۔ اَمہٕ ستۍ گژھِنہٕ یہٕ غلط فہمی پاۓدٕ گژھنۍ زِ جدید آسُن کیاہ چھُ بوڈ یا لوکُٹ آسنُک کانہہ بیانہٕ۔ جدیدیت چھِیہٕ موٗلہٕ کِنۍ اکھ مغربی تصور یُتھ ساتہٕ زندگی ستۍ تہٕ اژھین واٹھ چھُ تہٕ اَزیُک پوٚز فنکار ہیکِہ نہٕ مغربی تصورونِشہٕ دامن بچاوِتھ تہٕ سُہ کرِ لازمٕ پننہٕ ردِ عملُک اظہار تہٕ یہٕ رَدِ عمل ہیکِہ مختلف طریقن مُہند آسِتھ۔ سائنس

تہٕ ٹیکنالوجی ہندِ مدتہٕ سیتؠ پھانپھلییہٕ مغربُک ہنر صنعت کاری۔ کیہنہ لوکھ چھہِ
جدیدکاری تہٕ مغربیتٕس اَکےٚ معنہٕ کڈان۔ یہٕ چھُ پزر زِ صنعت کاری ہنز بُنیاد
چھےٚ سائنس تہٕ ٹیکنالوجی پیٹھے تہٕ یہِ چھےٚ جدید کاری ہندِس اَکِس پہلوس
کُن اشارہ کران۔ مغربیتٕس تہٕ جدیدکاری چھُ پانہٕ واٗنی واٹھ مگر دوٚن درمیان چھےٚ
واضح فرق تہٕ۔ سانہٕ اَزیچہِ زندگی متعلق خیالاتھ ، MODES تہٕ طریقہ کار چھہِ
موٗلہٕ کنہٕ واریاہس حدس تام مغربی مگر یہ کتھ تہٕ چھےٚ پننہٕ جایہ صحیح زِ خیالاتن
تصورن تہٕ طریقہٕ کارن ہُند تبادلہٕ چھُ مشرقس تہٕ مغربس درمیان پننہٕ وَتہٕ رُودمُت۔

جدیدیت چھا پرانِس رد کران؟ جدیدیژ تہٕ روایژ چھا کانہہ رشتہٕ بییہہٕ ہوٚو
سوال چھہِ پاٗدٕ ہیکان سپدِتھ۔ برصغیرس متعلق یمہِ ساعتہٕ کتھ دوٚنہہ تمہِ ساعتہٕ
چھہِ یم سوال زیادٕے اہم بنان۔ اَسہِ چھےٚ اکھ مالدار روایت۔ اَسہِ چھہِ پننہٕ
اقدار تہٕ زندگی متعلق پننہٕ تصوٗر۔ سانہٕ اظہارکی طریقہٕ کار تہٕ چھہِ بیوٚن تہٕ
سانہٕ روایژ، قدرن تہٕ تصورن چھُ جدید زمانہٕ کین ناموافق حالاتن سیتؠ مقابلہٕ۔
اُسہ ہیکون تہٕ پننہٕ روایژ ہند سُہ تصوٗر مُشراوِتھ یُس برصغیرکین قومن ہندِ اجتماعی
شعورُک عکاس چھُ۔ یہ گوو سُہ تصور یتھ کول تہٕ سِیل (KULA AND SILA) وَنان
چھہٕ تہٕ یُس یکہٕ وَٹہٕ رَلِتھ کول سِیل بنان چھُ۔

"NOW KULA AS EVERYBODY KNOWS, IS HERIDITY, INHERITANCE WHICH IS BOTH BIOLOGICAL AND CULTURAL TOGETHER CONSTITUTING WHAT WE CALL TRADITION. ONE DOES NOT DETERMINE ONE'S KULA, IT IS GIVEN TO HIM, HE INHERITS IT IN HIS BLOOD AND PHYICAL FRAME AS MUCH

AS IN HIS LANGUAGE, IDEAS, THOUGHT, VISIONS, IMAGES, SYMBOLS, PATTERNS OF BEHAVIOUR, FOOD, CLOTHING ETC. THIS IS WHAT WE CALL HIS TRADITION: BUT THAT IS NOT HIS ONLY IDENTITY, HIS ONLY TRADITION, IT IS ONLY HIS HALF OR ONE PART OR SEGMENT THAT GIVES HIM HIS SENSE OF BELONGING. THE OTHER HALF OR PART IS HIS SILA. WHAT IS SILA THEN? EVERY MAN FINDS HIMSELF IN A (GIVEN) HUMAN SITUATION WHICH HAS ITS PARTICULAR PROBLEMS, OBLIGATIONS AND CHALLENGES THAT HAVE TO BE MET IF HE IS TO LIVE FULLY AND WELL; IN THE PROCESS ARE GENERATED NEW THOUGHTS AND ACTIONS. HOW AND TO WHAT EXTENT I MAKE MYSELF AWARE OF THEM RESPOND TO AND ARTICULATE THEM IN MY THOUGHT AND ACTION WOULD GO TO DETERNINE MY SILA. SILA IS THUS MY OWN MAKE AND THE MODES AND MANNER OF MY MAKING ARE AS CONDITIONED BY MY KULA AS THEY IN THE PROCESS OF MAKING CONDITION THE UNDERSTANDING AND INTERPRETATION OF MY KULA OR INHERITANCE.[1]

---

حوالہ وُچھِو دوٚیمِس صفس پیٹھ۔

اَزیُک انسان چھُنہٕ ووٚنی کُنہِ خاص زمینہِ ژٕکلُک بسکین بلکہ تمام عالمُک یکیاژِ سوٗرِے دُنیا چھُ ووٚنی اکھ عالمی گام (GLOBAL VILLAGE) بنیومُت. دُنیہس منز بسن واجِنۍ مختلف قوم چھِ از اَکھ اَکس تیوٚت نزدیک آمتۍ زِ یہندین خیالاتن منز چھِیہٕ تِتھ حدس تام ہم آہنگی پاداہ سپنزمژ زِ تمن درمیان کانہہ بیر دِنۍ تہٕ کانہہ پھیر بدٕ کڈُن چھُ وارِہَس حدس تام مُشکل مسلہٕ بنیومُت. خیالاتن منز یہ ہم آہنگی گےٚ نہٕ ہنگہٕ تہٕ منگے پاداہ بلکہ کوٚر سائنسچہِ تیز رفتار ترقی اَتھ منز اہم رول اَدا۔ رسل ورسایل تہٕ ابلاغکۍ باقی ذریعو سٟتۍ گے مختلف قوم اَکھ اَکس نزدیک یوان زِ زندگی متعلق یہندین تصورن منز تہٕ گےٚ وارِہس حدس تام یک رٔنگی پاداہ۔

وُہِم صدی چھےٚ یِژھِ لحاظہِ باقی پرانیو زمانو نِشہِ مُختلف تہٕ جارٕن کرنٕۍ صدی۔ وُہمہِ صدی ہُند عرفان حاصل کرنہٕ موکھہ چھُ کینژن اہم کتھن سَنُن ضروری۔ سائنس، ٹیکنالوجی تہٕ مادٕیتن کٔر موجوٗدٕ صدی منز اہم پرٛاوطےٚ۔ اَمہِ ترقی ہندِس نتیجس منز پیو اکھ عجیب صوٗرتِ حال پاداہ۔ خارجی سطحس پیٹھ چھُ یہ صورتِ حال ترقی تہٕ خوشحالی ہُند ترجمان مگر داخلی سطحس پیٹھ اگر وُچھو تیلہِ گوو سُہ پیرون ذہنی نظام تاپہٕ تاپہٕ لیُس واتنہٕ وادن انسانس اکہِ خاص اندازٕ مزس منز زندٕ تھاوتھ ادس۔ رِواتی تہٕ پرون ذہنی نظام مُنتشر سپدنہٕ سٟتۍ گوو جدید انسان محرومی تہٕ نااُمیدی منز مُبتلا۔ جدید انسانس چھُنہٕ اَتھ صورت حالس پیٹھ کانہہ فخر بلکہ چھُ تس اَمیُک حد کھوتہٕ زیادٕ افسوس.

---

۱۵ NIHARRANJAN ROY: MODERNITY AND CONTEMPORARY INDIAN LITERATURE: (SEMINAR) SIMLA 1968 PAGE NO. 7

ڈُہمہِ صدی منز ژھٹےٚ سمٲجی اِدارن ہندی اخلاقکو تہٕ زمان و مکانٕکی پرٲنی تصوٗر۔

" انسٲنی ذہن ووت تتھ عروٗجس پیٹھ یتیٚن سارِہے کاینانس تہٕ زندگی متعلق پرون سوٗرے فکری نظام چھ اکھ خوش فہمی تہٕ خیال طرازی ہُند زال معلوٗم پیوٚد"۔ ؎

انسان گو وۄتمِن نفسیاتی تہٕ ذہنی کیفیژن ہندِن تُشرکین منز گرفتار یمو منز تٔس ہیٚر نیرنُس کانہہ وتھ چھنہٕ اتھہٕ یوان۔

مغربُک سمٲجی نظام چھُ اکھ صنعتی نظام بنیوٗمُت۔ وجدانہ کھوتہٕ چھُ تجربس پیٹھ زیادٕ زور۔ مغربن کوٚر وجدان رد تہٕ عقل بناوِن پننہِ رہبر تہٕ رہنما۔ عقل رہبر بناونہٕ ستی سپدٕ انسانس خارجی تہٕ مادی سطحس پیٹھ فایدٕ مگر داخلی طور روودُس نہٕ سوٗرے یہِ تٔس رہوایشر منز میوٗلمُت اوس۔

اُمی چھُ ڈُہمہِ صدی ہندِس مغربی ادبس منز "گُنرک" جذبہٕ لیکہٕ پاٹھی نظرِ گژھان۔ اَمہِ جذبکی پرزناوِن نشانہٕ چھیہٕ سونا وومیدی، ووداسی تہٕ بےٚ معنویت یوسہٕ اَتھ اَدبس منز جایہ جایہ درینٛٹھی چھیہٕ یوان۔ شہری زندگی ہندی پھالاوَن صنعت کارییہ، سپیشلیزیشن (SPECIALIZATION)' تہٕ دوٚن جنگن ہندیو خطرناک تجربو کوٚر جدید فنکار سُند فکری نظام قایم کرنس منز اہم رول ادا۔ یُنتےٚ یوت نہٕ بلکہ آیہِ مابعدالطبیعاتی سطحس پیٹھ تہٕ کیہنہ تبدیلیہِ یمو سُہ مُتاثر کوٚر۔

اگرچہٕ بڈیٚن شہرن ہُند پھالاو برونٛہہے اوس شروٗع سپُدمُت مگر ڈُہمہِ صدی منز سپُد اَمیُک رفتار زیادے تیز۔ شہری زندگی ہندی مخصوص حالاتھ چھہٕ ٹھوس اندازس منز صنعتی انسان (INDUSTRIALIZED MAN) سُند وجوٗدی

---

؎ حامدی کاشمیری۔ نئی حسیت اور عصری اُردو شاعری ۱۹۷۴، صفحہ ۱۲۸، (اردو پیٹھ ترجمہ)

کرب بروٚنہہ کنٛ انان ۔ وارڈس ورتھس تہٕ کولرجس پیٹھ ارنالڈس تام تہٕ بودلیرنہٕ
ہوپکنزس پیٹھ اِلیِٹس تام چھُ سارنے ہُنز شاعری منز شہرُک شبیہہ (THE
IMAGE OF CITY) شدتہٕ سان نظرِ گژھان۔ اَکِس منز کم تہٕ بیٚیس منز زیادٕ۔
شہرچ سماجی، اقتصادی تہٕ معاشی زندگی سٟتؠ چھُ فنکارس شہر بوٗزنہٕ سیرِن تہٕ
مکانن ہُند انبار یا بیکراں سمندر باسان۔ انسان چھ مادٕ پرس نہٕ مادٕ پرستی چھیٚہ
تمن پیٹھ تیز حاوی زِ تہندی خیالات تہٕ چھِ مشینی تہٕ بےجان بنیمتی ۔ ہوپکنزن چھُ شہری
زندگی ہُند نقشہٕ یِیمہٕ آیہٕ دوٚتلومُت۔

ALL IS SEARED WITH TRADE; BLEARED SMERARED WITH
TOIL AND WEARN MAN'S SMUDGE AND SHARES MAN'S
SMELL[1].

شہری زندگی ییٚمہٕ رفتار بروٚنہہ بروٚنہہ پکان گےٚ انسان ہنز
انفرادیت تہٕ گےٚ تمی رفتارٕ مسمار گژھان۔ انسان ہنز انفرادیت تعمیر
کرنس منز اوس دیہاتی زندگی وارِیاہ بوٚڈ رول ادا کوٚرمُت تہٕ یہٕ آس
انسان ہنز انفرادیتچ ضامن تہٕ ثابتھ سپزمٕژ۔ کُنہٕ گامس یا لوکٹس قصبس
یا سَریہٕ منز آس زندگی ہم آہنگی سان پکان، نتیجہٕ اوس یہٕ نیران زِ انسان
اوس انفرادیتھ حاصل ہیکان کرِتھ۔ مگر بڈین شہرن منز چھیٚہ انسان ہنز
شخصیتھ ووٚنی فقط اَکِس ژھایہ تاہے محدوٗد سپزمٕژ۔

---

۱ے GERAD MANLY HOPKING : "POEMS", THIRD EDITION NEW
YORK 1948 PAGE NO. 70

ٹیکنالوجی تہٕ مشینی زندگی بنوو انسان تہٕ مشینے۔ انسانن چھوٚل احساساتو تہٕ جذباتو نشہٕ اُتھ ۔ وقتاہ اوس تیُتھ تہٕ بیٚلہٕ انسان پننس کارس کسبس یا آمدنی ہندِ ذریعین ستّی وابستگی اوس محسوس کران تہٕ اُوے اوس یمن چیزن محبت تہٕ کران ۔ مگر تمۍ ہنز اہمیتھ تہٕ چھِ دوٚنی اکہٕ مشینہٕ ہنزے یاُژ تکیاز ییتھ پاٹھۍ مشین پآداوارٕ خاطرٕ اکہٕ پُرزٕچ کٲم چھےٚ دِوان بلکُل تتھےٚ پاٹھۍ چھُ انسان تہٕ اکھ پُرزٕ یوت موٚزیوٗمُت۔

یوٗرپہٕ کین بڈین شہرن منز چھےٚ زمین رِژھ رِژھ سیمٹھے سیمنٹھ بینیمژ تہٕ اُسمان چھُنہٕ کُنہٕ نظری گژھان ۔ آسمانس چھُ اکہٕ طرفہٕ کارخانن ہندو توفناکھ دہِ لمکھو نال دوٚلمُت تہٕ بیٚیہٕ طرفہٕ چھس فلک بوس عمارژو (SKY-SCR-APERS) دیوار بندی کرمٕژ۔ مشینی زندگی واتہٕ نوو تہٕ انسانی نفسیاتس تہٕ شخصیژ یوٚت نوقصان بلکہ گےٚ زمینس اُندی اُندی آکسیجنچ تہٕ تہٕ متاثرٕ۔ ہارورڈ یونیورسٹی ہندِس اکس اجلاسس منز آو یہٕ تام وَننہٕ زِ ۲۰۰۰ء تام ہیکہٕ انسانیت کہٕ خاتمُک خدشہٕ تہٕ ظاہر کرنہٕ ییتھ۔

شہرن منز ییمہٕ قسمکۍ کٲم کار تہٕ کسب پدان چھِ، تمن ہنز بُنیاد تہٕ چھ مشینے پیٹھ۔ نوکری یختیار کرنس منز ییوٚ انسانس بیک وقت دوٚن چیزن ہُند منفابلہٕ کرُن ۔ اکہٕ طرفہٕ گوو سُہ مشترکہٕ خاندانی زندگی نِشہٕ ژھینہٕ ۔ سُہ گوو مٲلس، ماجہٕ بینن باین نشہٕ الگ تکیازِ روزگارن کرنوو سُہ پانس اُندی اُندی گتھ ۔ نتیجہٕ دراو زِ مشترکہ خاندانُک نظام گوو درہم برہم ۔ دوٚیمہٕ طرفہٕ بنیوو سُہ نفسیاتی سطحس پیٹھ پانہٕ تہٕ اکھ مشین ۔ چارلی چیپلن چھُ پننہٕ مشہوٗر فلمہٕ MODERN TIMES منز اُکس

فیکٹری ملازم ہنز عکاسی کران یُس ڈیہہ دوہ فیکٹری منز نٹ کسان تہٕ کھولان چھُ آسان ۔ شامس گرٕ گژھان گژھان چھُ یہ ملازم بُتھ پیٹھ وأنس پرٕتھ کُنہٕ چیز س پتہٕ امی انداز پیش یوان یُس انسانس قیمفیٔژن بند چھہ آسان تس چھُ کھولان تہٕ یُس یلےٚ چھ آسان تس چھُ بند نٕھاوان ۔ جدید یورپی زندگی ہیٚتھ ہیکہِ نہٕ شاید امہ کھوتہٕ جان پأٹھی طنز پیٚدٕ تھ۔

دیہاتی زندگی، یتھیک ذکر برونہہ تہٕ آو کرنہٕ، آس شہری زندگی مقابلہٕ اکھ ہموار زندگی۔ کاشت کاری ہندی کارٕ اوس لوکن درمیان اکھ رأبطہٕ قأیم کورٕمت ۔ موسمن ہُند تغیرُ، فصلن تہٕ میون ہُند پیٚن تہٕ آب ہوٕچ تبدیلی آسہ لوکھ رٕلتھ میلتھ ژینان تہٕ محسوس کران ۔ یتھ ہوی منظر چھہٕ ہاڈے ہنزن ناولن منز یِسلہٕ پأٹھی نظر گژھان، خاص کرٕتھ (THE WOOD LANDERS) منز۔ ہاڈے چھُنہٕ کُنہٕ خاص اجنبیژ ہُند شکار گژھان تکیازٕ دیہاتی زندگی منز اوس تمس حسُن تہٕ پزر درینٹھی یوان۔ مگر ووٚنی چھہٕ حالاتھ بدلیمژ ۔ وُچھتوٚ وُہمہِ صدی ہُند یوٗرپی شأعر کیا چھُ شہری زندگی (یوسہٕ أزچہٕ کُلہم زندگی ہنز نمایند چھےٚ) متعلق محسوس کران۔

UNREAL CITY
UNDER THE BROWN FOG OF A WINTER DAWN A CROWD
FLOWED OVER LONDON BRIDGE, SO MANY I HAD NOT
THOUGHT DEATH HAD UNDONE, SO MANY

شأعرس چھُ بکہٕ وُن لوکہٕ ہجوم زنہٕ لاشن ہُند جلوس باسان تس چھُ باسان زِ انسان چھُ ROBOT یُس نہٕ رکھنی تہٕ محسوس چھُ ہیکان کرِتھ ۔ یمن مصرعن

منز چھُ اکہِ طرفہِ جدید انسان سُند وجوٗدی کرب شدتہٕ سان ووٚنلان تہ بییہِ طرفہِ چھُ کولرج سُند پٔژرون ہانٛز (THE ANCIENT MARINER) نہٕ یاد پیوان یُس بیکراں سمندرس منز ترٛیشہِ دادِ کرٛیشان چھُ۔ کولرجس تہ ایلیٹس درمیان چھیٚے اکھ فرق۔ کولرجس آسہٕ قدرہٕ ڈٔکھس ییمن ہندِ مدتہٕ سۭتۍ تِمۍ سندس ہانٛزس نوٚ زندگی (REBIRTH) میلان چھیٚے مگر اَتھ مقابلہٕ چھِنہٕ ایلیٹس نِش یِژھ ہِشہِ قدرہٕ تہ عقیدہِ نظری گژھان، یوٚدوَے سُہ کولرجنہٕ پیٚٹھ قدرہِ زندگی پیٚٹھ ہُراونٕچ (IMPOSE) کوشِش چھُ کران اَدے چھُ گمان پیدان زِ اگر کانٛہہ چیز ویسٹ لینڈس زرخیز ہیٚکہِ بناوِتھ ہیٚکہِ سُہ ما آسہٕ مذہبے۔

صُبح، دُپہر تہ شام چھِنہٕ ووٚنی مغربس منز تِتھٕ پاٹھۍ نظرِ گژھان یِتھٕ پاٹھۍ یِہُند نظارہ کیٹس، ورڈس وٚرتھ تہ شلی کران آسۍ۔ یِم چھِ ووٚنی شہرن منز پننیو مقامو پیٹھٕ ژٕستِھ گرہٕ ہندِ کینٛژن زاوین نام واتی ہتۍ۔

مشینی زندگی ہندی ماحولن کوٚر انسان اکہِ طرفہِ اردو پیریس منز بندتہٕ بییہِ طرفہِ سپُد تَس محسوس زِ کُنہ چھُ تَسُند ازل لون۔ یہ چھُ اکھ تیٚلیتھ صوٗرت حال ییٚتہِ تہ انسانس کُہنی چھُ تگان ونُن تہٕ نہ کیہنہ بوزُن۔ انسان چھُ یہ صوٗرت حال ہیٚنگہِ سپدِتھ وہتراوان تہ فقط اکھ ازون حارتھ محسوٗس کران۔ سُہ چھِنہٕ کانٛسہِ انسانَس کُنہِ تصورس تہ کُنہِ چیزس سۭتۍ وابستگی یا تعلق ہیٚکان پاد کرِتھ۔ اڈ وارڈ ابل بی ہنزِ THE ZOO STORY منز چھِ جری/پیٹرس وَنان۔

DO NOT YOU SEE A PERSON HAS TO HAVE SOME WAY OF DEALING WITH SOMETHING. IF NOT WITH PEOPLE — IF NOT WITH PEOPLE — SOMETHING. WITH A BED, WITH A

THAT IS ONE OF THE LAST STEPS. WITH A COCKROACH WITH A — WITH A CARPET, WITH A ROLL OF TOILET PAPER — NO NOT' THAT EITHER — WITH A WISP OF SMOKE — WITH — WITH PORNOGRAPHIC PLAYING CARDS, WITH A STRONG BOX — WITH A LOCK — WITH LOVE, WITH VOMITING, WITH CRYING, WITH FURRY BECAUSE THE PRETTY LITTLE LADIES ARE NOT PRETTY LITTLE LADIES WITH MAKING LOVE WITH YOUR BODY, WHICH IS NOT AN ACT OF LOVE AND, CAN PROVE IT, WITH HOWLING BECAUSE YOU ARE ALIVE WITH GOD. HOW ABOUT THAT? WHO IS CLOURED QUEEN WHO WEARS A KIMONO AND PLUCKS HIS EYEBROWS, WHO IS A WOMAN WHO CRIES WITH DETERMINATION BEHIND HER CLOSED DOORS — WITH GOD WHO, AM TOLD TURNED HIS BACK ON THE WHOLE THING SOMETIME AGO — WITH — SOME DAY WITH PEOPLE"

یہ اقتباس چھُ ہاوان زِ جری کتھس مایوس کن دُنیہس منز چھ روزان۔ یہ چھُ اکھ تیتھ دُنیا ییتہِ پرٛتھ طرفہٕ تباہی تہٕ مایوسی نظرِ چھ یوان۔ یتھِس دُنیہس منز چھُ فقط کرِیک تہٕ بے اطمنانی ہُند راج۔ یتے یوت نہ بلکہ ییتہِ نہٕ خدائے تہٕ کُنہٕ نظرِ چھِ گرٛژھان۔

جدید مغربی انسان یا صنعتی انسان (INDUSTRIALIZED MAN) چھُنہٕ تتھس کُنہٕ تصورس سیتی رشتہٕ جوٗرتھ ہیکان یا رابطہٕ قایم کرِتھ ہیکان یُس نہٕ تس عقلِ چھُ دٕرژان۔ مطلب یہ زِ سُہ چھُنہٕ کُنہٕ غار مادی تصوٗرس سیتی پنُن پان وابستہٕ ہیکان کرِتھ۔

انگریزی زبانی ہُند پوسٹ مڈیول ادب پرٛتھ چھُ نَنان زِ خدائے سُند تصوٗر گو شاعرن ہندِ ذہنہٕ منز واریہٕ دوٗر گرٛژھان۔ BROWNING EMLI BRONTE تہٕ DE — QUINCY HOPKINS, ARNOLD متعلق چھُ W.M. THACKERY دَنان زِ یِم چھِ" لوکن ہُند اکھ سیٹھاہ ٹیڈ دنیہس منز خدائے ہندِ تصوہ ورائے روزان چھُ"۔ یہ چھُ اکھ سنگین صوٗرتحال تہٕ یہ چھُ انسانس کھوژناوان۔ خدائس اُچھ ڈٕیتھ انکار کرُن چھُنہٕ کانہہ

---

۱۵ EDWARD ALL BEE, THE ZOO STORY, THREE PLAY'S (NEW YORK, 1960) P P 42-43

۲ فریڈرک ہولڈرلن۔ ترجمہ ملز ملر (برلن ۱۹۱۳) صفہ ۱۲

سہل کتھاہ۔ اکھ وقت اوس سُہ تہٕ ییلہِ ییتھ دُنیہس منز روزان اس تہٕ مغربی انسان تہٕ اوس عام انسانن ہندی پأٹھی یہ محسوس کران زِ خدائے چھُ پرٛتھ جایہ تہٕ پرٛتھ ژٕہس منز۔ انسانس سیتی روزان۔ مگر ماڈرن مغربس منز گوو یہ تصور وارٕ وارٕ غآب۔ کافکا چھُ وَنان۔

"THE WORD WAS THERE, WAS VERY NEAR ATLEAST ON THE TIP OF EVERYBODY'S TONGUE, ANY ONE MIGHT HIT UPON IT[1].

کافکاہن تمی سندِ قبیلہٕ کین ادبین چھُنہٕ وونی یہ لفظ کُنہٕ نظرِ گژھان۔ اَتھ صوٗرتِ حالس گژھِہ نہٕ غلط معنے یُن کڈنہٕ تکیازِ خدایس انکار کرن چھُنہٕ ممکن۔ نٹشے سندِس یتھ قولس زِ "خُدائے مود" چھُہ عام طور غلط معنے یوان کڈنہٕ۔ نٹشے اوس شاید محسوس کران زِ خُدائے سُند تصور چھُ انسانی ذہنہٕ منز وارٕ وارٕ نیران چھُ اَتھ کتھ ییتھ پأٹھی گیئٹ کڈان HOLDERLIN زِ خُدائے چھُ زندٕ مگر

"ABOVE OUR HEADS UP THERE IN A DIFFERENT WORLD"

اَتھ کتھِ گژھِہ ییتھ پأٹھی وضاحت زِ انسانس تہٕ خُدایس درمیان رأبطکی ذریعہٕ گے منقطع۔ یہ چھُ اکھ حأران کرُن تہٕ کھوژناون دول تصوریُس پرٛتھ حساس انسانس بانبرِ چھُ پاوان تہٕ سُہ چھُ اکھ خلا محسوس کران۔ خُدائے سُند تصور یوٗت یوٗت انسانی ذہنہٕ منز نبر گوو نیران تیوٗت تیوٗت گوو انسانس تہٕ

---

[1] فرنز کافکا۔ گریٹ وال آف چینا۔ ترجمہ وِلا تہٕ میئر نیویارک (۱۹۴۵ء)

انسانس درمیان رٲبطہٕ نہٕ ژھینان یوٚتام زِ انسان بنیوو پانس نِش نہٕ اجنبی۔ مغربک جدید فنکار چھُ یہٕ سوٗرے کیہنہٕ وینزاوان مگر اَمہٕ صوٗرت حالہٕ منز نیرنہٕ خاطرٕ چھُس نہٕ کانہہ وَتھ نظرِ گژھان۔ تَس چھُ برونہہ کنہٕ مُنہٕزل مگر مُنزلس تام واتنہٕ خاطرٕ چھُس نہٕ اَتھ وَتھ یوان۔

جدید ادبس متعلق چھِ پرٛتھ ہشہٕ رایہ دِنہٕ یوان۔

۱. جدید ادبس منز چھ "کُنرُک" جذبہٕ جایہ جایہ نظرِ گژھان۔

۲. جدید ادب چھ انسان ہندِ پرٛژھیوٚن آسنُک ترجمان۔

جدید انسانس کوٚر کُنرکِ جذبن تہٕ پرٛژھیوٚن آسنکی احساس ذہن پریشان تہٕ سُہ گوو اَندری کھنُک (INNER NOTHINGNESS) شکار تہٕ سُہ چھُنہٕ وُنہٕ تہٕ اَمہٕ منز نیرِتھ ہیکان۔

کُنوٗہمہٕ صدی دوران لیُس ادب یورپس منز لیکھنہٕ آو تمیُک سرسری مُطالعہ کرِتھ چھُ ننان زِ اَتھی صدی منز اَسی ادیب تہٕ شاعر اکہٕ مخصوٗص اجنبیژ منز گرفتار سپدیمتی۔ یِمن ادیبن تہٕ شاعرن ہندِ فن پارن منز چھِ اَسہٕ تیتھین کردارن سیتی تہٕ زان پہچان سپدان یِمن پننہٕ پرزنُژ پیٹھ شک چھُ۔ یِم کردار چھِ سوال تُلان زِ تِم کتھ پاٹھی ہیکن پانس ہیُر کانہہ ترٛژھ حقیقت لبِتھ ییمہٕ کِہ مدتہٕ سیتی تِم زانِتھ ہیکن زِ تِم کُم چھِ تہٕ تِمن میلہٕ سماجس یا کایناتس منز کانہہ مقام۔ اردٲہمہٕ صدی ہندس انگریزی ادبس منز تہٕ خاص کرِتھ TOM JONES ناوچہِ ناولہِ منز چھُ ہیرو (HERO) گوڈٕ گوڈٕ پننہٕ پرزنُژ پیٹھ شک کران مگر اَخرس چھُ تَمس ییمہٕ کتھِ ہُند عرفان حاصل گژھان زِ سماجس منز چھُ تَمہٕ ہندِ خاطرٕ اکھ خاص مقام۔ یہٕ کتھ چھ مُسلّم زِ انگریزی سماج یا یورپی سماج

اوس اُردا ہمہِ صدی منز مستحکم یُس انسانی وجوٗدکہ استحکامُک ضامن اوس۔ کُنوہمہِ صدی منز چھُ انسان سُند صوٗرت حال کیرکی گارڈ سُند HERO ییتھ پاٹھۍ محسوٗس کران ―――― یہ چھُ وَنان۔

"(MY LIFE)" WAS BEEN BROUGHT TO AN IMPASSE. I LOATHEE EXISTANCE—ONE STRICKES ONE'S FINGER INTO THE SOIL TO TELL BY THE SMELL IN WHAT LAND AM I? WHO AM I? HOW CAME, HERE? WHAT IS THIS THING CALLED THE WORLD? WHAT DOES THIS WORLD MEAN? WHO IS IT THAT HAS LURED ME INTO THE WORLD? WHY WAS NOT I CONSULTED? WHY NOT MADE ACQUINTED WITH ITS MANNERS AND CUSTOMS—? HOW DID, OBTAIN AN INTEREST IN THIS BIG INTERPRIZE THEY CALL RELITY? WHY SHOULD HAVE AN INTEREST IN IT? IT IS NOT A VOLUNTARY CONCERN? AND IF I AM TO BE IMPELLED TO TAKE PART IN IT WHERE IS THE DIRECTOR? I SHOULD LIKE TO MAKE A REMARK TO HIM. IS THERE NO DIRECTOR? WHITHER SHALL I TURN WITH MY COMPLAINT.

انسانی سونچ گوو واریہ بے معنیتُک شکار۔ بے معنیتُک اظہار پتہ

بادنہٕ چھیہٕ نہوُن کار ڈرامہ نگارن ہندین فن پارن منز جایہ جایہ سپدان ۔ خاص کٔرتھ
اینکو ہندین ڈرامہن منز ۔ اَمی ہندین ڈرامہن ہُند دنیا چھُ عوفک تہٕ انکارک دنیا ۔
اَتھ دُنیہس منز چھُنہٕ کانہہ منطق تہٕ نہ چھِ اَتھ اسباب و علل ۔ یِمن ڈرامہن منز
چھُنہٕ کانہہ پلاٹ نہ کانہہ کِردار تہٕ نہ کانہہ زبانے ۔ واریاہ جُملہٕ تہٕ مکالمہ چھِ تِتھۍ
تہٕ یِمن نہ کانہہ معنے چھُ ۔ کینہہ چھِ تِتھۍ تہٕ یِمن منز تضاد چھُ ۔ اینکوہس آس انسانی
زندگی تہٕ وجوُد بے معنے باسان، اَوے تہٕ چھُ بے معنیتُک اظہار تَمۍ سندین ڈرامہن
منز شدتہٕ سان میلان ۔ اَمی سُند دُنیا چھُ اروبیرٕ ستۍ ڈٔلتھ ۔ سُہ چھُ اَکس شکست خوردٕ
انسان ہندِس صوٗرتس منز پننہٕ زندگی ہُند حال احوال پیش کران ۔ اینکو سندی جذبہٕ
چھِ ہٕرٕنی ۔ اَمی سنز نہوُن کارِیہ (NIHILISM) پیتہٕ کنہٕ چھُ اَمی سندِ ذہنک ہُندر
تہٕ زہرِ بوٗرُت فلسفہٕ ۔ اینکو ہندِ نظریُک زندگیُک یِمو ووٗنی کامو تہٕ سارترس کُن ۔ کاموہن
تہٕ سارترن کوٚر دوٚن جنگن ہنز تباہی وُچھتھ زندگی متعلق نٔوِس سوچُن شروٗع ۔
یِہند فلسفہٕ زندگی چھُ ایماندارانہ تہٕ انسان پرور ۔ یِمو کوٚر محسوٗس زِ انسانس پزِ
قدرہ پاد کرنچ کوشش کرٕنی تِکیازِ پرانہٕ قدرہ پرانیہٕ ۔ کامو چھُ پنُن نظریہٕ
( موتُک خوف ) زندگی ہنزِ پریشان تہٕ پشیمان بوچھِ ستۍ تعمیر کران یُس اینکو
ہس مقابلہٕ بلکل مُختلف چھُ ۔ تَمۍ آس زندگی بے معنی زانن والین برونہہ زندگی
ہنز بے معنویت زانٕنہٕ تہٕ تَمیُک اظہار تہٕ چھُن کوٚرمُت ۔ یِیچ شاندار مثال
مِتھ آف سسی فس چھُ ۔ کامو تہٕ اوس گوڈٕ گوڈٕ پننین فن پارن منز زندگی روشان
مگر آخری دورس منز کٔر تَمۍ نہوُن کارِیہ خلاف بغاوت ۔ تَمۍ سنزِ زندگی ہندی
حالات پرٕتھ چھُ باسان زِ یہ تبدیلی آیہ تَمِس جنگکہ خوفہ ستۍ ۔ زندگی ہنز لوچھ
پیٹھ چھُ یہ جنگُک اثر زِ تَمۍ سندی قدم وُتھی انسان دوستی کُن ۔

تمہٕ ژیوٗن زِ قدرِ چھینہٕ کینہٕ نظری گرٛھان مگر انسانس چھہٕ یمن ہنٛز شدید ضرورتھ۔ سُہ ووت آخرس یتھ نتیجس پیٹھ زِ قدرِ ہیکوکھ اَسی انسانس منز تہٕ لبتھ۔

سارتر ہندین خیالاتن منز آیہٕ تمن دوہن پوختگی ییلہٕ فرانسس پیٹھ جرمنی ہُند راج اوس۔ یمنے دوہن سپُدتس احساس زِ آزادی کتھ چھہٕ وَنان۔ نتس باسیوو زِ آزادی چھینہٕ اکھ CHOICE ۔ تمہٕ سنٛز پرتھ کانہہ CHOICE یٔیمیک انتخاب تمہٕ جرمن راجس دوران کوٚر اُمس پٔزٕ تہٕ مستند تکیازِ یم CHOICES آسہٕ موتس روبرو کرنہٕ آمژٕ۔ سُہ چھُ پانہٕ اَمہٕ کتھہٕ ہُند اعتراف کران زِ تمہٕ کوٚر نہٕ پننُ پان زانہہ تیوٗت آزاد محسوٗس یوٗتاہ جرمن راجس دوران کوٚرن"۔

سارترنہٕ فلسفچ بُنیاد چھےٚ یتھ کتھ پیٹھ ڈٔرتھ زِ انسان سُند وجوٗدے چھُ تمہٕ سُند جوہر تہٕ۔ انسان ہیکہٕ پننُ شبیہہ (IMAGE) پانہٕ تعمیر کٔرتھ تہٕ پرٛتھ انسان چھُ پننُ شبیہہ پانہٕ تعمیر کرنکُ ذمہٕ وار تہٕ تہٕ اہل تہٕ۔ سارتر چھُ کامو ہندی پاٹھۍ اکہٕ تتھہٕ اخلاقک جواز پاد کران یُس مابعدالطبیعاتچہٕ غارٕ موجوٗدگی منز بچاؤ چھلتھ ہیکہٕ۔ اینکو یٔتہٕ موتس سٍتۍ آور چھُ تہٕ زندگی خلاف بغاوتھ چھُ کران تہٕ چھہٕ کامو تہٕ سارتر زندگی سٍتۍ رٔلتھ موتس خلاف علم بلند کران۔

سائنس، ٹیکنالوجی تہٕ فلسفس سٍتۍ سٍتۍ کوٚر علم نفسیاتن تہٕ جدید انسان سُند ذہن متاثر۔ یہٕ علم بنیوو وارہس حدس تام انسان سنٛز جذباتی شخصیژ ہُند خاطر زہر۔ قدرن تہٕ رشتن درمیان گوو شکھ پاد۔ اَڈین ہیوٚد شکھے یوت مگر کینژن موٗٹ قدرن تہٕ رشتن ہُند سورُے "بَرم"۔ یوٚتام زِ ماجہ تہٕ تیجوی ہندِس تہٕ کورِ تہٕ ماۍ ہندِس رشتن تام ژاو ژوٚر۔ مسز بیٹی بلر کرٕ رابارٹ براؤننگس تمہٕ ہندِس کردارس تہٕ شخصیژ پیٹھ تحقیقی کام تہٕ دوٚنوٚن زِ سُہ

اوس اڈپس کمپلیکسگ شکار نہٕ اوے اوس پانس زِچھن زنانن ستیٚ محبت کرنس پیٹھ مجبور رُدہٕ

تحلیل نفسی ین کوٚر انسان ALIENATE کرنس منزٕ بردس ردل ادا۔ علم نفسیاتھ آیوو اُدموکھ بارسس زِ یہ بچاوِ انسانس اعصاب زدگی نِشہٕ مگر سیُد اُتھ برعکس تہٕ تحلیل نفسی بنیوو اعصاب زدگی ہُند بیاکھ وجہ۔ اعصاب زدگی چھُنہٕ REPRESSION ستیٚ پادٕ گژھان بلکہ انسان ہنز۔ نا اہلیژ ستیٚ ییلہِ نہٕ سُہ پننین تجربن کانہہ معنے چھُ ہیکان دِتھ تہٕ بیٚیہِ ییلہِ نہٕ سُہ ماحوس ستیٚ کانہہ تعلق چھُ ہیکان قٲیم کرِتھ۔

انسٲنی شخصیژ ریُس پردب علم نفسیاتن وول تمہٕ ستیٚ آو انسان عرشہٕ پیٹھ وکراونہٕ۔ انسانس اندر گوو خود اعتمادی تہٕ عزت نفسگ SELF RESPECT جذبہٕ ختم۔ انسان سُند سُہ تصور پھُٹ یمہٕ مطابق سُہ پانہٕ پننین حرکاتن تہٕ سکناتن ہُند ذمہ دار چھُ۔ علم نفسیاتس چھُ فرایڈ سُند سارویے کھوتہٕ اہم دیُت یہ زِ تمی دیُت انسٲنی نفسہٕ کِین لاشعوری پہلوون پیٹھ زور تہٕ وونُن زِ جنس چھُ کُلہم پانٹھ انسٲنی رُوِیَس تربیت کران۔ تمی سُند شاگرد یُنگ چھُ اُتھ برعکس لاشعورس نوٚو معنے دِوان تہٕ وَنان زِ لاشعور چھُ دوٚن قسمن ہُند۔ اکھ گوو ذٲتی لاشعور تہٕ بیاکھ اجتماعی لاشعور۔ ذٲتی لاشعور چھُ فردٕ ہندین ذٲتی تجربن ہنز۔ آماجگاہ ییلہِ زن اجتماعی لاشعور انسان ہندین جدن اجدادن ہندین تجربن ہندی عکس چھُ آسان یم پیپر در پیپر اکہِ نسلہِ پیٹھ بییس نسلس تام واتان چھہ۔ یمن تجربن چھُ یُنگ آرکی ٹایپ وَنان تہٕ یہندِ اظہارٕکی اولین نموٗنہ چھِ اساطیر

---

۷ مسز بیٹی ملر۔ دی وکٹورین پویٹس اہر وانڈ پرس ۱۹۵۶ صفہ ۶۴-۶۳

تہٕ لوٗکہٕ ادب۔

کُنوٛہمہِ صدی ہندِن ابتدآئی وٕریَن منٛز ووٚن ماہرِ بشریاتو زِ نہٕ چھُ اخلاق تہٕ نہ نظریہ کانٛہہ حقیقتھ تھاوان۔ یِتھٕ پاٹھۍ بروٚنٛہہ وَننہٕ آو زِ علمِ نفسیاتَن کوٚر انسان پننیو محرکاتو نِشہٕ آزاد تہٕ سمجھوٗن زِ ژےٚ تہٕ چاٚنِس شعورَس چھُنہٕ چانِہن محرکاتن پیٹھ قوبوٗ۔ اخلاقس متعلق تہٕ وۄتھو سوال تہٕ کینٛژو لوٗکو زون زِ اخلاق چھُ اکھ اضافی تصور تہٕ کینٛژن حلقن اندر آیہ مذہبی نظریہٕ" توہم پرستی" زاننہٕ۔ انسانس ووٚنُکھ زِ ژٕ چھکھ نہٕ جنتہٕ منٛز کڈتھ ژھننہٕ آمُت آدم یا اشرف المخلوقات بلکہ ارتقاہُک پاٚداوار۔ مغربی مفکرو مُشراٚو مابعدالطبیعات تہٕ چھرا منطقچہ بُنیادِ پیٹھ لوگُکھ تلاش تہٕ جستجو کرُن۔

دوُن جنگن ہند برپا سپدنہٕ پتہٕ ہیژ دد انسانن کمیونزمس سجدہٕ کرن مگر تس پھُٹ یہ بُت تہٕ جلدی۔ رٗوس یوٗت یوٗت باقی ملکن پیٹھ اُچھ تُلنہٕ ہیژ تہٕ آخرس یِیلہِ سُہ کینٛژن مُلکن پیٹھ قبضہٕ کرنس منٛز کامیاب گوٚو انسان گوٚو وارے ووٚداسی۔ پتہٕمِن کینٛژن وٕریَن اندر یہ کینٛژھا روٗس افغانستانس منٛز کوٚر تمہِ نِشہٕ چھِ ساٚری واقف۔ رٗوسی دراٚیہ افغانستانہٕ منٛزہٕ واپس مگر ینُن ملک گوٚکھ چھلہٕ چھانگر۔ تتھ کم کم وجوہاتھ ہیکن آستھ سُہ چھُ اکھ بدل مسلہٕ۔ رٗوس چھلہٕ چھلہٕ گژھنہٕ ستیٚ تہٕ گوٚو نہٕ کانٛہہ اہم مسلہٕ حل۔ بلکہ چھُ پزر یہ زِ عالمس منٛز گوٚو طاقتُک توازُن درہم برہم تہٕ امریکہ بنیوو واحد سُپرپاورتہٕ یوٚاہِن، او بنووٗن پننہِ سیاسی مقصد باعمل اَننہٕ خاطرہٕ آلہٕ کار۔ پوٚزہے بوزو نیٚلہٕ اوس گوڈٕ پیٹھے سلامتی کونسل مختلف مسلن متعلق منافقانہٕ رول ادا کران۔ امریکہ یُس جمہوری قدرن ہنٛز آبیاری ہند

دعویٰ چھُ کران چھ عراق نشہٕ کویت" آزاد" کرناوانہٕ موکھ خوفناک جنگ برپا کران
مگر بوزنیاہس منز مجبوٗر تہٕ محکوٗم مسلمانن یہ کینژھا گدٗران چھُ تتھ چھ اَچھ
ووٗٹھ تماشہٕ وُچھان تہٕ صرف زبانی زبانی کنہٕ کنہٕ وزِ مسلمانن ہندِس صوٗرتحالس
پیٹھ ٹُنگہٕ اوٗش تراوان ۔ اَز چھ تمام قومن مغربی جمہوٗریتس کُن نظر۔ اَڈی چھِ برونہہ
مایوٗس بسپدی تہٕ مگر واریاہن چھُ وُنہ تہٕ برٛم ۔ فلسطینس تہٕ جنوبی ایشیاہس منز یم حالات
از درپیٹھی چھِ گرٛژھان تمن متعلق کیاہ چھُ مغربُک سوٗنچ سوٗ تہٕ چھینہٕ کانہہ
سرکتھاہ بلکہ چھِنے حقیقت سارنے برونٛہہ کنہٕ ۔

اکہٕ وقتہٕ اوس انسانس توقع زِ سائنس کاسہٕ قودرتس تہٕ انسانس
درمیان ساری ٹھڑی ۔ مگر سپُد اُتھ برعکس ۔ انسانی زندگی گےٚ دوہ کھوتہٕ
دوہ MYSTERY بنان ۔ اکہٕ وقتہٕ اوس انسان فقط منطقہٕ کس بلبوتس پیٹھ
پرٛیتھ سوالُک جواب ژھانڈان ۔ یتہٕ آو نتیجہ دور یلہٕ انسانن ترقی (PROGRESS)
پیٹھ یقین ہیوٗت کرُن تکیا زِ ارتقاہچہ کتھ آسہٕ بازر ہمیشہ ۔ وُہمہٕ صدی منز
چھُ دوہ زِ سائنس وننان زِ کاینانس منز ہیکہٕ کینہہ تہٕ سپدِتھ تہٕ پرٛتھ کنہٕ
واقعہٕ کس سپدنس ہیکہٕ نہٕ منطقی اندازس منز جواز بیٛنِث سپدِتھ ۔ رچارڈ ، این . کو
چھُ لیکھان ۔

"MICRO PHYSICS SUGGESTED THAT CERTAIN FORMS OF ENERGY SHARED SIMULTANEOUSLY THE CONTRADICTORY PROPERTIES OF WAVES AND PARTICLES; QUANTUM PHYSICS GAVE IT TO BE UNDERSTOOD THAT THE LOGICALLY

IMPOSSIBLE COULD AND DID HAPPEN. ATOMIC PHYSICS PRODUCED EVIDENCE WHICH IMPLIED THAT EFFECTS NEED HAVE NO NEESSARY CAUSE AND THAT PHENOMENA MIGHT CREATE THEMSELVES OUT OF NOTHING?

زمان و مکان کس رِوایتی تصورس متعلق ننہٕ وُتھ سوال ۔ اِنسٹائین بدلوو کلہم پاٹھۍ اَمیک پرٕون تصور تہٕ اضافیتُک تصور پیش کٔرتھ دِتن یِژانہٕ ساری رِوایژ پھیش ۔ اَسہِ چھُنہٕ یتھِن پہٕ غرض زِ سائنس تہٕ سائنس دانن بیٹھ کیا پیٚو، یمن تبدیلین ہُنٛد اثر یا چھا منطقی کینہہ پکارٕن تہٕ زانن والین ہُنٛد ردِ عمل کیا رُوٗد بلکہ چھُ سون مطلب یہ زِ فن تہٕ فنکار کیتھ پاٹھۍ گوٚو یموٚ تبدیلیوٚ مُتأثر ۔ کُنہٕ خاص زمانُک فنکار چھا واقعی پننہٕ زمانہٕ کیو فکری رجحانو تہٕ حالاتو نِشہِ فرار ہیکان لٔبتھ یا سہ چھا پننٕ دامن مروجہ فکری تہٕ فلسفیانہٕ ہنجو نِشہِ بچاوِتھ ہیکان ۔ یہ چھُ اکھ پرٕون سوال تہٕ اَمیک جواب چھُ سیوٚد تہٕ سادٕ زِ کانہہ تہٕ فنکار ہیکہٕ نہٕ پننہٕ زمانچہِ فکری آگہی نِشہِ اُچھ وٹٔتھ تہٕ تمہٕ ہندِ زمانکی حالات واقعات تہٕ سوچن ترایہِ تہٕ طرز چھِ تس مُتأثر کران ۔ وُہمہِ صدی ہُنٛد فنکار چھُ یمہٕ سارےٚ حقیقژ ژینان تہٕ وبتراوان یم پتمِن دوٚن صدیَن دوران برونہہ کُن آیہٕ تہٕ یموٚ گُمشُدہ ذہنی تہٕ فکری نظام چھلہٕ چھانگرٕ کوٚر ۔ موجوٗدہ دورکس فنکار سُندین فن پارن منز چھُ انسانی زندگی ہندین پینہٕ وردار تہٕ پیچیدٕ مسلن ہنز عکاسی سیدان تہٕ سہ چھُ یمن کھُری دار مسلن حقیقتھ زانِتھ تسلیم کران ۔

---

لہ رچرڈ این، کو، اینسکو (اڈن برگ اینڈ لنڈن اولور اینڈ بوائڈ (۱۹۶۱) صفہ ۲۴

# مہجور، آزاد تہٕ ترقی پسند دور

ڈُہمہِ صدی تام واتان اَس کاشُر شاعری چھُرا صوفیانہٕ اصطلاحن ہنز۔ وۄستہٕ کاری بنیمژ یتھ منز۔ تصنُع زیادٕ تہٕ تجربٕچ تیتہٕ سٹھے کم اَس۔ یتھ فن پارس منز تجربٕچ تیتہٕ آسنہٕ سٕہ کیتھ پاٹھۍ ہیکون تخلیقی سرگرمی ہُند نمایندٕ مانِتھ۔ یتھ کیتھ ہیکوٚ تہٕ انکار کٔرتھ زِ صمد میر (کیہنہ رژٕ نظمہٕ تہٕ وژن) تہٕ احد زرگر رۄدی یتھ پُر آشوب صدی منز پننین صوفیانہٕ تہٕ سری تجربن زلوانان (یہِ عمل یۄدوے ڈُہمہِ صدی ہندِس پرن واٲلس موادٕ رنگو کمے پہن دیان چھُ) تہٕ رژٕ شاعری تخلیق کران۔ وۄنۍ چھُ سوال پادٕ سپدان زِ احد زرگرس تہٕ صمد میرس ستۍ ستۍ ییم باقی شاعر صوفیانہٕ آیہ پننۍ خیالات نظماوان رۄدۍ تِمن منز کیاہ تہٕ کمہِ قسمٕچ کمی آس۔

احد زرگرس تہٕ صمد میرس متعلق ہیکو وثوقہٕ سان ونِتھ زِ یمن شاعرن ہندی شعر پٔرِتھ چھُ انسان محسوس کران زِ اکھ تجربہٕ چھُ پیش سپدان یتھ پننۍ حسبِ حال اظہار تہٕ میلِتھ چھُ ہیکان۔ اَتھ برعکس آسۍ باقی شاعر چھُرا صوفیانہٕ اصطلاحن، مقامن تہٕ تصوف کِن مختلف مکتبہٕ فکرن ہنز کیتھ نظماوان یمن منز شاعری کم تہٕ باقی چیز ژٕری نظرِ چھِ پِوان۔ اتھ ہیکن مختلف وجوہاتھ تہٕ آسِتھ۔ یتھ صورتِ حال کیازِ گوو پادٕ۔ اکھ وجہ ہیکہِ یہ آسِتھ زِ اَمہِ قسمکۍ شاعر آسۍ پرانین یا ہمکال شاعرن ہندِس کلامس اوّرِ یور لفظ

پھیر کران تہٕ پانٕ پانس شاعر آسنک برٕم دِوان۔ اگریمن شاعرن ہندین تجربن منز کانٛہہ انفرادیت آسہے تیلہِ آسہے یمو ضرور کانٛہہ انفرادی رنگ تہٕ اُسلوب وۄتلاوِتھ ہیوٚکمُت ۔ یُس شاعر تہٕ پننہِ فکرِ ہُند منفرد انداز وۄتلاوِتھ ہیٚکہِ سیٚزِرے کتھاہ چھےٚ زِ تٔمۍ سُنز باوتھ تہٕ رٔژہٕ کانٛہہ مخصوص رنگ ییٚمہِ کنہٕ سہٕ پرزنادہٕ ییہِ۔

دُہمہِ صدی منز ہیٚژن کٔشیرِ منز تعلیم عام سپدنہٕ تہٕ نتیجہِ دراو زِ سانٛین شاعرن پیٹھ تہٕ ییوٚو امہِ تبدیلی ہُند ٹاکارٕ اثر۔ اکہِ طرفہٕ گوٚو کٲشُر شاعر برٕصغیر کین سیاسی حالاتن تہٕ واقعاتن سٟتۍ منسلک تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ سپٕز تٔس مشرقی ادبہٕ علاوٕ مغرب چین فکری تہٕ ادبی نٟہجن ہنٛز زان تہٕ حاصل ۔ نتیجہِ دراو یہِ زِ تٔمۍ سندین فن پارن منز ہیٚتۍ علاقٲیی رنگو علاوٕ باقی رنگ تہِ درینٛٹھ یِنۍ۔ کٲشرین شاعرن آو مختلف النوع فکری روحجانن سٟتۍ زانکٲری حاصل کرنُک موقعہٕ تہٕ لازمی کتھاہ چھےٚ زِ تِہندین فن پارن منز تہِ ہیٚتۍ رنگارنگ تجربہٕ نظرِ یِنۍ۔

دُہمہِ صدی ہنٛزِ کٲشرِ شاعری (صوفی شاعری اوٚکطرف ترٲوِتھ) منز چھُپرن والۍ سُند ظوٗن یکدم دوٚن کتھن کُن گژھان ۔ اکھ گوٚیہِ زِ کٲشر شاعری دراےہ تصوف کیو پیٚت وُنو منزٕ تہٕ آیہٕ عام انسان سندین معاملن نکھ تہٕ قریب ۔ دوٚیُم یہِ زِ شاعرو ہیوٚت سیاستس تہٕ وطنس تہِ للہٕ کھوٚل کرُن ۔ یہِ کتھ چھےٚ پننہِ جایہِ قٲیم زِ دُہمہِ صدی برونٛہہ تہٕ اوس کٲشرِ شاعری منز عام انسانی لول تہٕ ماے یا باقی لولہٕ قدرٕ موجوٗد۔ رسول میر، حبہ خوتوٗن تہٕ محموٗد گامی ہوٚین شاعرن ہندِس کلامس منز تہٕ چھُ انسانی تہٕ زمینی لوکُت ولولہٕ شدتہٕ سان نظرِ گژھان۔ مگر امہِ پتہٕ ہیوٚتُن انسانی معاملن سٟتۍ وابستگی ہُند عنصر

شاعری منز واپہ وارٕ کم سپدٕن تہٕ کاشرِ شاعری منز گوو صوفی شاعری ہند اکھ زیٹھ دورک ابتدا، یُس ؤہمہِ صدی تام جاری رُود۔

مہجور چھُ بیمہِ صدی ہند گوڈنیک شاعر یمہِ سندِ شاعری منز ماورائی تجربو بجایہ عام انسانی تجربن ہنز باوتھ چھےٚ میلان۔ سُہ چھُنہٕ کانہہ تٔو رلوایتھ قائم کران بلکہ چھُ رسول میرنی شعر رلوایتھ نۄسر زندہ کرِتھ شعر لیکھان۔ سُہ چھُ پانہٕ امہِ کتھِ ہُند اعتراف کران تہٕ اَمِچ شہادت چھےٚ تمہِ ہنزِ شاعری منز تہٕ میلان ۔

میر سُند پرٛون مس لۄد نۄین بانَن

نی گُنُن نزوو مے خانن منز

مہجور باگراو پھِرژ پے مانَن

جاے تمہِ رٹ پرستانن منز

یا

اَتھ دردہٕ صورژ پردِ تلتھ گوو سہ رسول میر

مہجور لاگتھ آو بلیہِ دُبارٕ اتی روز

مہجورنہِ وژنن کیو غزلن منز یٚیتہٕ اکہِ طرفہٕ رسول میرنی قائم کرمژ رلوایتھ نۄو زنہٕ چھےٚ لبان تتہٕ چھُ مہجورنہِ تخلیقی ناگہ رادن ہُندیے تہٕ لگان یۄد وے تمہِ سندی گوڈنکی فن پارٕ سیدِ سیۄد رسول میرنی لۄت آواز چھِ باسان۔ یہِ صورت حال چھُ پرٛنہِ نس شاعرس سیتۍ گوڈٕ گوڈٕ پیش یوان یُس کانسہِ بیٚیس شاعرس سیتۍ پننہِ پان ہشراوُنچ کوشش چھُ کران تہٕ امہٕ پتےٚ چھُ سُہ وق واتان یێلہِ سُہ شاعر پننہِ انفرادیتھ تہٕ اُسلوب اختیار چھُ ہیکان کرِتھ۔

وَنتہٕ ہے وٕنِسی بے وفائی یِتھوِے دِلدار چھا

نازنینن مہ جبینن قتلہٕ غارتھ کار چھا

بستہ لوٗپن نسِتہٕ خنجر بستہٕ گوو درخستہٕ جان

تیغ بازس رزم سازس تُرکتازس عار چھا

سینہٕ سوزن عاشقن دِل شہلن یامتھ وُچھن

یِم دُپیتان یا سِپنان دارِوے بیمار چھا

وُچھتو وونی رسول میرنی یِم شعر۔

در جنگ گران کار خنجر دست رنگین چانی

ہم پنجہ دستاں چھےٚ نہ رُستم سام نگارو

یِم قُبہ سینکی ڈیشہٕ وُنِہن دُبہ پھران دل

انار شیرین کونہٕ دُپستان دیاں چھی

رسول میرنِہن یِمن شعرن ہُند۔لفظٔت، انداز تہٕ آہنگ چھُ مہجورنِہن شعرن منز پوٚت آلوکی پاٹھی نوٚن نیران۔ مگر اَمیُک مطلب چھُنہٕ ہرگز یہ زِ مہجورنُند اندازِ فکر یا تمی ہنز۔ باوتھ بنیہ ٹایپ بلکہ یہ زِ یہ اوس تمی ہندِ شاعرانہٕ وجوٗدُک ابتدائی پڑاو تہٕ برونہہ کُن تمی پننی پرٛزنتھ تہٕ انفرادیتھ قایم۔ یوٚہے چھُ وجہ زِ تسنزِ شاعری متعلق آو پتِمن پانژن ڈٲہن منز واریاہ کینہہ لیکھنہٕ تہٕ اَز تہٕ چھُ تمی ہندِ ین فن پارن پیٹھ غور و فکر سپدان۔

مہجورنہٕ ابتدائی شاعری پیٹھ روٗد فارسی زبانی ہُند واریاہ اثر مگر وقتس ستی ستی ہیوٚتن فارسی لفظن ہُند ورتاو وارہ وارہ کم سپدُن تہٕ برونہہ کُن

گوو مہجور شوؤد تہٕ شوۄژ کاشُر مزاز ووتلاوُنس منز کامیاب ۔ تمۍ ہنٛز شاعری منز
آیہ اَتھ ستی ستی بێیہٕ کینہہ تبدیلیہ تہٕ ۔ نتیجہٕ دراو یہ زِ اختصار تہٕ ابہام گوو بے شوژی
پاٹھۍ مہجورنین نمایند فن پارن ہنٛز خصوصیتھ بٔنتھ ۔ چونکہ مہجور اوس ییمہ کتھ
ہُند قایِل زِ شعر گژھہِ موسیقی خاطرِ موزوٗن آسُن لہٰذا رُود سُہ یتھ پاٹھۍ تمے لفظ
ورتاوان یم صوتی آہنگ حسابہٕ موسیقی تہٕ رقص نزدیک چھہِ ۔ اَتھ تہٕ گژھہٕ
غلط مطلب یُن کڈنہٕ ۔ میانِ کنہِ چھُ مہجور موسیقی ذہنس منز تھاوِتھ تہٕ تتھی
شعر تخلیق کران یم نہٕ صرف صوتی آہنگہ ستی آسہ محفوٗظ چھہِ کران بلکہ چھہِ
رمزیہ اندازِ بیان تہٕ فکری ورتاوِ ستی ہیوون ظوتن پانس کُن ہِران ۔ یہ شاعری
چھےٚ کنن تہٕ خوش کران تہٕ ذہنس تہٕ متأثر کران ۔ مطلب یہ زِ مہجورنی شاعری
چھنہٕ فقط چھکرِ منز گیوونہٕ خاطرے یوت ۔ تمۍ ہنٛدی کینہہ شعر چھہِ سانین ذہنن منور
کران تہٕ اُسی چھہِ تمۍ ہنٛدِ بصیرتکۍ قایِل گژھان تہٕ تمۍ ہنٛز قدر سنجی کرنس
پیٹھ مجبور سپدان ۔ یتھی شعرَ تخلیق کران چھُ مہجور پننین تمام تخلیقی صلاحیتن
تہٕ تخیلس کام ہیتھ تجسیم کاری تہٕ استعارن ہنٛدی نرل نموٗنہٕ برونہہ کُن نژاوان ۔
اکہِ طرفہٕ چھیہٕ کاشُر زبان تخلیقی اعتبارٕ پننس دامنس منز قیمتی لال تہٕ جواہر سومبراوان
تہٕ بێیہٕ طرفہٕ چھُ پرن والی سُند ذوقِ جمال وولسنس ۔ یتھ مہجورس شاباش
کران تہٕ داد دِوان ۔

لوٗ ہرٕ تہٕ چھندریمژٕ مسول و نان چھےٚ واوس
داماہہٕ میون یمۍ چھول تس زانہہ قرار آسیا
داو صُبحک سُلہِ اوس لاراں
تلنہٕ لیوٗ مُت کستاں ژھاراں

خنٛدہٕ پوشو کرٕس جایہ جایے
پایہٕ بڑٕ میانہٕ یاوٕن رایے

یار دڑاو پھیرنہٕ پوشہٕ ٹادانَن
سانتھاہ بیوٚٹھ ارغوانَن منٛز
پوشوٚ رنٛگ روٚٹ آنَن فانَن
جاے تمیٚ ژٹ پرٕستانَن منٛز
یاری بیلہٕ واش کوڈ زُلفہٕ پیچانن
گاش روٗد ژوٗرٕ دُردانَن منٛز
مُشک دار واو ژاو منٛز گلستانَن
جاے تمیٚ ژٹ پرٕستانَن منٛز

ژاکھ میانِس لولہٕ باغَس دڑاکھ تاراجاہ کرٕتھ ،
ہوش نیوٚتھم روشہٕ روشے پوش چھاوِتھ ژوٚلہو

ژلہٕ لارٕ وُچھکھ حال وَنہٕ ہے واہ وچھے رۄے
گلہٕ زبومے گیمٕ اوٚش دوٚتھم ددرایہ وَنے کیاہ

دوٚتھ شوٗر یامتھ داو حُسنس موج تُلتھ گو
اظہارتی کوٚر زُلفچے تھُترایہ وَنے کیاہ

یِم شعر پُرِتھ چھُ محسوٗس سپدان زِ مہجوٗر چھُ اکِہ طرفہٕ کاشُر شاعریہ منز نوٚبر پسندی ہندِس روجحانس متٕ کران تہٕ بییہِ طرفہٕ چھُ پننٕ دامن کُشادگی سان پھالاوِتھ کاشرِ شاعریہ پننہٕ مخصوٗص انداز برٚژر کران۔ یِم شعر پرِتھ چھِیہ مہجوٗرنٕ تخلیقی شخصیتھ تمام تر امکاناتن تہٕ مضمراتن ہُند پےٚ دِوان۔

رحمٰن راہی چھُ وَنان :

" تمٕ کوٚر رسول میرنِس خارجی پھولونارس داخلی رومانیتُک ہُند پےٚ وَند۔ حبہ خوتوٗنہٕ، اُردی مالہ نہٕ محموٗد گامینس سبزرس تہٕ نرم رفتارییہ تہٕ سوزوگدازس دِتُن پننہٕ پُرکاریہ شوخیہ تہٕ خودپسندی ستی ہُریر۔"

مہجوٗرن غزلیہ کلام پُرِتھ چھُ باسان زِ تمی ورتوو رِوایتی وژن یُس نِسوانی لہجہٕ کنیٚ نرم تہٕ سنہٕ دُن چھُ۔ مگر تمی کوٚر اتھ رِوایتی صِنفِہ تہٕ ہیٚژ منز پننین تخیلی تہٕ تخلیقی صلاحیژن ہندِ مدتہٕ ستی اکھ مقام تہٕ انفرادیتھ حاصل۔ چونکہ مرد آسنہٕ موکھ چھیہٕ تمی ہندِس اُمہِ قبیلکس کلامس منز تمی سنز مردانہ شوخی بےشونکھی پاٹھی کلہٕ نوٚن کڈان تہٕ وژنُک نِسوانی لہجہٕ تہٕ نسوانی گفتارُک انداز چھُنہٕ قائم ہیکان روٗزِتھ۔ مگر نغماتی شاعر چھُنہٕ ڈرامائی شاعری لیکھن والین شاعرن ہندی پاٹھی پننین شعر کِردارن متعلق ژوٚر CONSCIOUS آسان۔ چونکہ وژنُک فارم تہٕ صنف چھیہٕ مرد تخلیق کار سندِ خاطرٕ غار فطری لوٚدوٚے زن یہٕ تمن شاعرن ہند خاطرٕ مُفید ہیکہٕ ثابتھ سپدِتھ یِم ماورائی تجربن پننہٕ شاعری ہُند مُلہٕ مایہ چھِ بناوان۔ (مثالے شو تہٕ پاروتی ہُند تصوٗر)۔ خاص کٔنتھ آس چِلان مہجوٗرنہٕ مردانہ شوخی ہنز تہٕ یژھِہ ہشہ مثالہ چھِ تمی سندِس پیرس (رسول میرس) نِشہ تہٕ میلان۔

زٲلی ڈبہٕ بھیے کینہٕ رنگہٕ لرے
دوہتھ ونیسی یارس پرنگ وہتھراو
کیہنہٕ نے منگھس شوٗمگھس لرے

(رسول میر)

یارٕ سُند مارٕ موٗت سار چھُمنہٕ نھاوان
یارس لرٕ پان ساوان چھس
کامہٕ دِ دیار چھُنہٕ جامہٕ مُژراون
پوشن مالہٕ کرناوان چھس
(مہجوٗر)

وُچھتو دوٚنی زنانہٕ شاعر اٚرِی نہٕ مال (اگر سو پزی اکھ توارِیخی کردار چھیٚ) کتھہٕ پاٹھو چھیٚ یوٚہے مضموٗن تہٕ خیال پیش کران۔

یار گومے باغہٕ منز نیرِتھ
پوش لاگس گوندرے گوندرے
کیہنہٕ منگھس یمنا چھیپرِتھ
زول چھُم نے سوندرے سوندرے

عبدالاحد آزاد چھُ لیکھان زِ دوٚنوٚنی شعرن ہُند نفس مضموٗن چھُ کُنے مگر اٚرِی نہٕ مالہٕ ہندِس شعرس منز چھُ نِسوانی حیا نظرِ گژھان تہٕ میرنِس شعرس منز چھیٚ مردانہٕ شوخی"[1]

مہجوٗرن کوٚر نہٕ وژن تہٕ غزل لیکھنس پیٹھے اکتفا۔ نظم تہٕ بنیہٕ تمہِ سنز

[1] عبدالاحد آزاد "کشمیری زبان اور شاعری" جلد دوم۔ گوڈنیک ایڈیشن صفہ ۲۹۱

باوٕژ ہُند اکھ وٕسیلہٕ۔ ظاہر کتھاہ چھےٚ زِ مہجورنین نظمن منز چھِ کٔشیرِ ہند تمدنی ماحولکٕ تہٕ سیاسی کیو سماجی زندگی ہندی عکس جایہِ جایہِ نظرِ گژھان۔ نظمہٕ لیکھنہٕ وِزِ اوس شاید مہجورٕ محسوس کران زِ کاشرین گوڑٕھ پننہٕ تہذیبی پتھ کالک عرفان حاصل سپدُن۔ تِم گژھن واٹسِ وادن منز غولامی ہندی زولانہٕ ژٹنہٕ تہٕ سیاسی پادِ کرٕتھ بہتر مستقبلچ وتھ شیرنہٕ لگنہٕ۔

VISION

محمدؐ یوسُف ٹینگ چھُ لیکھان:۔

" وہاب پرین تہٕ لیچھرِ واریاہ نظمہٕ یِمن منز پننہٕ دورکین سماجی تہٕ سیاسی حالاتن پیٹھ تبصرٕ چھُ تہٕ یِمن منز کُنہٕ کُنہٕ شایہٕ کاشرٕ آسنکُ واضح شعورٕ تہٕ موجوٗد چھُ۔ یِتھٕ رِبوایتھ آسِ سانہِ لُکہٕ شاعری منز لڈی شاہ چہِ شکلِ منز موجوٗد۔ یِتھ منز سماجی تہٕ سیاسی واقعاتن تہٕ حالاتن ہند برجستہٕ تہٕ دلچسپ اندازس منز ذکر چھُ۔ مزاحچ چاشنی تہٕ چھےٚ، قومی شعورچہ زژ تہٕ پچھےٚ۔ مہجورنی کاشرِ شاعری چھےٚ سانہٕ قومی تحریکہِ لِرِ لوٗر پکان۔ یوٗت یوٗت کٔشیرِ منز قومی تحریکہِ منز رِیہہ شعلان گےٚ مہجورنس کلامس منز تہٕ ہیوٚتُن شبنم ژھوکن تہٕ اکہِ بدل قسمکُ آلو پرٕزنُن۔ اکِس بجہِ قومی تحریکہِ چھنہٕ سیاسی نعرن تہٕ اصولن ہُندے یوٗت ضروٗرتھ آسان۔ اَتھ چھِ کینژن جمالیاتی قدرن تہٕ تہذیبی ژھاین گراین ہنز موحتاجی تہٕ آسان تہٕ یہ ضروٗرتھ کٔر مہجورن پوٗرٕ تہٕ اَدے ہرگاہ تس کینہہ لوٗکھ کٔشیرِ ہُند قومی شاعر وَنان چھِ تِم چھِ واریہس حدس تام صحیح"۔[۵]

مہجورنہِ اکثر نظمہٕ چھِ مُولہٕ کِنہٕ تمہٕ ہنزِ سیاسی ذکرِ تہٕ آگہی ہنز عکاسی کران۔

---

[۵] محمد یوسف ٹینگ کلیات مہجور ۱۹۸۲ء

کینژن نظمن منز چھُ لولہٕ شاعری ہُند ہیوٚو ہوا نوا تہٕ رومانی لہجہٕ یُس سون ظوٗن پانس
کُن پھران تہٕ تخلیقی عنصرن ہُند ییٚب چھُ دِوان۔ کیٚہنہٕ نظمہٕ چھےٚ ترتھ تہٕ یِمن
منز شاعر کُنہِ خاص قسمُک تخلیقی فضا دوٚتلاونہٕ بجایہ محض ظاہری خیال تہٕ موضوع
نظاوِنس منز دلچسپی چھُ ہاوان۔ اَکھ سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ وجہ ہیکہِ شاید یہ آسِتھ
زِ یِمن موضوعن تہٕ خیالن مازنہٕ وِزِ چھُ شاعر جلدٕ روٗس اندازس منز جذباتی تیٚس
کام ہیوان۔ سُہ چھُ یہ کَتھ مُشراوان زِ جذباتن ہیکہِ شعرس دوار واتنٕ دِتھ۔
یوٚدوے شاعر بقولِ ایلیٹ شعر لیکھنہٕ وِزِ پننس جذبس تہٕ احساسس پیٹھ غور و فکر
کرِنہٕ یا اگر خیالس محسوس کرِتھ ہیکہِ نہٕ تمہِ وِزِ چھُ شاعر شاعری تخلیق کرنہٕ بجایہ
غار تخلیقی سرگرمی منز پھسان تہٕ سُہ چھُ فن تخلیق کرنہٕ کہ بُنیادی مقصد رٔژھہٕ
دوران۔ زیرِ بحث نظمن منز چھُ باسان زِ شاعر چھُ نعرہ بازی کران تہٕ یہ
نعرہ بازی چھےٚ اَمہِ قسمچین نظمن فن پارہٕ بننہٕ بُتھہٕ پیٹھ رُٹان۔ اَمہِ قبیلچین نظمن
منز چھُنہٕ شاعر سُند کانہہ ذاتی ردِ عمل، تجربہٕ یا تِمہٕ سُند کانہہ خاص کشف
سون ظوٗن آوران تہٕ نہٕ چھُ یِمن نظمن منز کانہہ تیُتھ تضاد دوٚتلان
یُس شاعر سٕندِس ماحولس تہٕ تَنسُنز ذاتہٕ ہنز کشمکشہٕ سیتی تخلیقی رنگ رٹتھ
ہیکہِ ہیٚے۔ نتیجہٕ چھُ یہ نیران زِ مہجوٗر چھُ ردیف قافیہ کہ مدتہٕ سیتی زنتہٕ کُنہِ
سیاسی پلیٹ فارمس پیٹھ تقریر کران بحر، وزن یا ردیف تہٕ قافیہ
چھُنہٕ شعرچ ضمانت فراہم کران تہٕ شعریت چھیےٚ یمو چیزو وراے تہٕ دوٚتلاونہٕ
یوان۔ مہجوٗرنہٕ یِمہٕ نظمہٕ پرِتھ چھُنہٕ پرن والِس ذوق جمالس کانہہ تسکین میلان
بلکہ چھیےٚ بے مزگی پادٕ سپدان۔

مہجوٗرنین سیاسی خیالاتن تہٕ احساساتن ہُند احترام چھُ اَسہِ تھےٚ مگر

تِمۍ ہنز اکثر سیاسی نظمہٕ اگر نہٕ شعرکِس قالبس منز وستھ چھےٚ ہکان تتھ کیازِ کرو۔

محبّت پننِہ وطنکُ پوٗر آسُن شوٗبہِ انسانس
ژیٖ مان منزلس واتھ ییٚنھےٚ ایمان پادا کر



ذات بُتراتھ کاشرِن ہنز چھوٚ کُنی
خاہ مخواہ دوٗر برمہ پاٚدِ و پانہٕ وانی
دود چھُ مسلم ہیوٚند چھُ شکر صاف صاف
دود تہٕ بیٚیہِ شکر رلاٚوِو پانہٕ وانی



داوٕ صُحکہِ یوٚد ژ واتھ مُلکہِ امریکس اندر
لیکھ سیکس کونسلس منز حال سون وَن سربسر
مُلکہِ منز گڈٕ توکھ یم دانا اسہِ کیٚت تی چھُ جان
اسی کرو پانے حکومت دعوی تیوٗنٔے اوس مختصر
غارٕ تس سائنس کرٕ و تھہ کوٚت کالا امتحان
اسی مرو غارٕس کھوٚرن تَل زانہٕ تنہٕ کو مراو دِنہٕ سر

یتھی ہِوی شعر یا "وولو ہا باغوانو" تہٕ "باغوانا مہربانا" ہِشہِ نظمہٕ پرِتھ چھُ مہجوٗرنہٕ سیاسی شاعری ہندِ غارٕ تخلیقی آسنُک ثبوت میلان۔ سوال چھُ پاد سپدان زِ مہجوٗر کیازِ چھُنہٕ پننِن سیاسی نظرِن یا پننہٕ سیاسی فکرِ شعر بناونس منز کامیاب گژھان۔

تمؠ سنز. سیاسی فکر کیازِ چھنہ جذبکُ آے زٔتھ ہیکان ۔ وجہ چھُ نوؠن تہٕ ٹاکارٕ زٕ مہجور چھُ مروجہ سیاسی فکرِ پننہٕ شاعرانہٕ وجودٕچ کانہہ ژھاے گراے تراوٕنہٕ بغار ٹاسر ریان پیش کران تہٕ یتھ پاٹھؠ چھ اکہٕ قسمچ نعرہ بازی پرن والی ہندؠن کنن پیراوان حقیقت پھٹے یہ زِ مہجورٕنی تقریہ بازی چھنہٕ کانسہ شعلہ بیان مقررٕ سند لہجہٕ تہٕ اختیار ہیکان کرٕتھ یُتھ تمی سندِ ہندِ گفتارُک یا لہجُک کانہہ خاص انداز تہٕ اُسلوب قایم سپدہے۔

ییتھ کنہٕ یمن نظمن ہُند حوالہ دِنہٕ آو تہٕ یمن ییٹھ کم کاسہٕ تبصرٕ سپُد تم اکھ طرف تراوِتھ تہٕ چھِ مہجورن تِژھ کیہنہٕ سیاسی نظمہٕ تخلیق کرمٕژ یمن منز سُہ وارِہس حدس تام بحیثیت اکھ فنکار وۄتلِتھ چھُ ہیکان ۔ یِژھ ہِشہٕ نظمہٕ پٔرِتھ چھُ محسوس سپدان زِ شاعر چھُ مروجہ سیاسی نظرٕنیاتٕ سیاسی فکرِ تہٕ ماحولس انفرادی تہٕ نرٕل مشاہدٕچو نظرو وُچھِتھ تہٕ محسوس کرِتھ زبو انان تہٕ نعرہ بازی بجایہ چھِ شعرٕ تخلیق سپدان یم فکری بصیرٕژ علاوٕ منس رنسزوان چھِ ۔ یِژھن نظمن منز ہیکوکھ "سنگرمالن ییوو پراگاش" "آزادی"، "لالو لالو ہا گلہٕ لالو" تہٕ شامل کرِتھ۔

"سنگرمالن" نظم پٔرِتھ چھُ باسان زِ مایوسی تہٕ ووداسی ہندِ اکِ زیٛٹھِ دورٕ پتہٕ اوس مہجور کشیرِ منز اکِ نوِینہٕ زندگی (RE-BRITH) ہُند خواب وونان ۔

"آزادی" تہٕ گلالہٕ نظمہٕ چھِ امی خابہٕ شہرکین کھنڈرن ہُند شہر آشوب ۔

یمن نظمن منز چھُ مہجور پننہٕ من کانٛچھِ خابہٕ شہرُک تصور پرن والین برونہہ کُن انان ۔ سُہ ییلہِ ژینان چھُ زِ خواب رودی فقط خوابے ۔ تمی سُند تعمیر کار ذہن چھُ مروجہ سیاسی نظامس پننہٕ تیز تہٕ تعمیری طنزُک نشانہٕ بناوان ۔ سُہ چھُ پننہٕ کانٛچھمتہ خوابہٕ شہرٕچ حقیقت محسوس کرِتھ اکھ تیُتھ شہر آشوب پرن والس برونہہ کنہٕ تراوان یُس زمانٛچِ ناہمواری ستی ستی مروجہ سیاسی نظامچین تمام

کتافرٕزن وُرُن تھوٗد تلیتھ پرٕن واٲدٕ سُند ذہن پانس کُن پھران چھ طنز چھ یِنٛہن نظمن ہُند بُنیادی خاصہ تہٕ کٲشرِس سیاسی تہٕ طنز یہ ادبس منز روزِ ہمیشہ یمن اکھ خاص مقام حاصل۔

گلالہ لولچہ مشالہ زالن
تمہِ نورٕ روشن گرٕزھہ آکاشس
ییمبرزل شبنمُک مس پھرِ پیالن
سنگرمالن ییوٗ و پرٛاگاشس
گلہِ افتابن موہرٕ لٔرتھ تھالن
لولکہِ اسمانٕہ ہیتھ آوراشس
اسبند زولس اُمی گلہِ لالن
سنگرمالن ییوٗ و پرٛاگاشس



یہ آزادی چھےٚ سورٕ کیٚہ خور پھیریا خانہ پیتہٕ خانے
فقط کینٛژن گرٕن اندر چھےٚ ماراں گرایہ آزادی
ژُلکن پیٹھ گےٚ یہ آزادی سیٹھاہ گوٚب ہارِ پرٕ بیتھ زن
چھےٚ کینٛژن خوش نصیبن پوشہٕ ٹُلہ زےٚ ڈایہ آزادی
یہ آزادی چھےٚ تراوان مغربس کُن رحمتُک باراں
کراں سائنس زمینس پیٹھ تٔھرے گگرایہ آزادی
گُمتہٕ دم پھٔٹ چھِ ساری بے قراری چھکھ دِلن اندر
دیان وٕنہٕ ہو بنُن اوحال اَبہ مالایہ آزادی

نوژکھ ڈانجہِ کمی داڑی داتن وانہ نوؤ ے تزے آزار
تنہ چھا ییتہ چی ہش بے راہی تنہ چھاتھے گژھ کار
تنہ چھا گوپہ ماتھ صبحس وُنان راتھ ازکلس وُنان دودار
تنہ چھا مہجور تہنا ہتھ کو کرن چھکان موختہ ہار

تنہ چھا وقتکی زیرک تہ گاٹلی ظالمس وُنان دلدار
تنہ چھا پنجرس اندر تھوان تس ہیوٗ زیس آسہ گفتار

مہجورن یوسہ شعر رلوایتھ قایم کر تہ موضوع تہ ہیئتہ رنگی ہم تجربہ کرِی تمن قابلِ قدر اضافہ کرنس منز کوٗر عبدالاحد آزادن اہم رول ادا ۔ رحمٰن راہی چھ آزادس متعلق کتھ کران لیکھان :-

"مہجورنہِ اتھ نو پرپسندی پیتہ کنہِ اوس رلوایژن ہند ناکافی آسنک تیتھ سوٗن احساس تہ نوی سرحد ژھنڈنک شہ جوٗرتھ ۔ یمیک اندازہ اُسہ عبدالاحد آزادنہِ شاعری پران پداں چھ ۔ واقعہ چھ یہ زِ آزاد چھ کاشر شاعری ہند گوڈنیک باغی شاعر یمی رلوایتی موضوع تہ پتھ کالک ویوٗد اندازِ بیان اُکھ کُن نرآوِتھ پننہ دورچہ پیچیدہ زندگی ہنز ترجمانی کرنہ خاطر بڈ پیمانہ تہ بڈ ہمتہ بغاوتھ کر۔ آزادنس شعوری فضہس منز چھ تمہ وارِیاہ بیوٗن بیوٗن آواز گریزان یمہ جدید انسان سنز پُرآشوب ذہنی تہ روحانی زندگیہ ہنز نمایندگی چھ کران ۔ تہ چھ وارِہن رلوایژن تہ مولن (VALUES) ہندس پرزس تہ لگہاری متعلق سوالہ تلان ۔ تمن شکی نظرو تہ وُچھان تہ کینژن خلاف تنہ وانہ بغاوتھ

تہ کران ۔ تَسند آزادی پسند روح چھُ غولامی ہنز زنجور ژٹنہٕ یژھان تمیٖ سُند آدمی یار ضمیر چھُ مذہبی تعصبن تہٕ سماجی نابرابری ڈُچھتھ غوصہ رٹان تہٕ احتجاج کران ۔ تَسُند کاشر ذہن چھُ عالم گیر مساواتھ تہٕ امن وسلامتی ہندِ یقینچ باوتھ کران ۔ یِمہ کتھ آسہ کاشر شاعرہٕ خاطر نوٚ یہند مناسب فنی اظہار بایتھ آسنہ اعتماد پاد کرن واجنہ رلوایتر قایم سپز مرٕ۔

راہی صابنُ تجزیہ چھُنہٕ فقط ٹاکارپزرے یوت بلکہ چھُ کاشر زبانی تہٕ ادب کین نقادن آزادنی صحیح صحیح قدر سنجی کرنہٕ تہٕ تمیٖ سُند دیٖت پرکھاوپہٕ خاطرہ وَتھ تہٕ ہموار کران ۔ پزر چھُ زِ آزادُن شاعرانہٕ مقام بدٕ کڑنہٕ خاطر چھُ تمسہ تواریخی پوٚت منظرک سوٚن تہٕ گوٚن شعوٗر تہٕ عرفان آسُن تہٕ ضروری یِس آزادنہٕ شاعری ہُند سرچشمہ چھُ ۔ آزادُن اکثر کلامہٕ ڈُچھان چھُ احساس گنان زِ تمیٖ ہندین غزلن وزنَن تہٕ نظمن منز چھُ اکِہ نوٚینہٕ قسمُک تخیلی فضا وۅتلان ۔ یوٚدوے یہ کلامہٕ نوٚینہٕ طرزُک آسنہٕ باوجوٗد پننہٕ ماحولہٕ (NATURE) کِنۍ ہنگامی چھُ ۔ مگر یہ کتھ چھیہ پننہٕ جایہ مسلم زِ آزادنہ یِمہ قسمکین تجربن زلوٚاوس اَتھ یژھان تم آسی کاشر شاعری ہندِ مُروجہٕ اوٚسلوٗبہ نِشہٕ بالکل بدٕ وٗن ۔ یِمکۍ اشارہٕ تمیٖ سندین شعرن منز جایہ جایہ نظر چھُ گژھان یِتھ میوٗل تہٕ تَس وقتے زِ نشہ ڈالہ پنٕنن نوٚینہٕ سوچہٕ ترایَن تہٕ تازہ وارد تجربن پننہٕ وۅتھوٗرہٕ سحرکاری ہُنداتھ زِ "مرگہٕ واون ژھۍنہٕ کوٚر کالک ژونگ"۔

ستم ظریفی چھیہ یہ زِ وُنتام تہٕ آیہ نہٕ آزادنی پزنہٕ پاٹھۍ قدر کرنہٕ یِمیُک سُہ حقدار چھُ یُس آوُنہٕ تتھ پاٹھۍ مولناوِنہٕ یتھ پاٹھۍ تمیٖ سندی ہم عصر آیہ ۔ "دٕرٕیاو"، "پان ژادر"، "شکوۂ ابلیس" تہٕ آرول ہیِشہٕ نظمہٕ تہٕ کینہہ غزل چھ آزادنین تخلیقی تہٕ تخیلی سرگرمین ہنز واضح تصویرہ یِہٕ وۅتلاوان تہٕ تمیٖ سند فنکہٕ ارتقایچ بر ہوٚلہ

---

لہ رحمٰن راہی ۔ کہوٹ (۱۹۷۹ء) صفہ ۱۸۴-۱۸۵ء

عکاسی نہٕ کران ۔ کاشُر زبانہِ ہنز شعر رلوایژ ہُند تنگ دامانہٕ وُچھتھ چھُنہٕ آزاد ہمت ہاران بلکہ چھُ سنگلاخ حقیقژن ہُند مقابلہٕ کرِتھ کوہکن پندی پائھٕ نو وَتہٕ تعمیر کران تہٕ پتہٕ والین شاعرن ہندِ خاطرٕ زمین ہموار بناوان ۔ موجود کاشُرِ شعری رلوایتھ بیتہِ اکہ طرفہٕ ترقی پسند شاعرن ہنزِ تجربہٕ پسندی ہنز مرہون منت چھیہٕ ۔ تتہِ چھُ بیٚیہٕ طرفہٕ آزادنی خلاق ذہنن ترقی پسندن برونہہ شعری تجربن ہنز مجبوریہ رکھنہٕ زبانی ستی متصادم پیدتھ اُدٕ چ شعری رلوایتھ قایم کرنس منز پنُن اکھ خاص فرض ادا کوٚر مُت ۔

کنن کھمبرن کھینہٕ کھاشن، پکان چھُس منز گٹن گاشن
نہ چھُس محتاج شاباشن، نہ چھُس مشتاق گندن باشن
کمن سنگین قلاین تے بلاین پان چھاوان چھُس
پنُن چھکراونہٕ آمُت کنہ بیٚیہٕ سوٚمبراوان چھُس
ژٹان سنگر تہٕ ٹھاسان بال پھیران جنگلن اندر
پوان چھُم زندگی ہُند سوز سفرن منزلن اندر

" دریاو "

وارہ متے وَنتہٕ آرولی کیاز گیچھ وُبانی یے
جانہِ کری تہٕ کن بری وَنتہٕ کمٕ گولانی یے
سازٕ ڈہکس ژے سوٚن شبُی ونتہٕ بہٕ کیاہ گیبی وَنن
دور ژھِ چھکھ پھوٚ بکھ ونَن نور برژ متالی یے

( آرول )

فنی نوقطہٕ نگاہ کنۍ یوٚدوَے یمن نظمن سام ہیمو تیلہٕ چھُ ننان زِ یمن ہُنـد اوٚسلوٗب چھُ وضاحتی تہٕ لفظ چھ بےوایہ پاکھٕٹی تہٕ بلا ضروٗرتھ وزناونہٕ آمتی ۔ یمہ نظمہ چھہٕ ییمہ کتھہ ہنز تہٕ ثریہٕ وَن دِوان زِ آزادُن نووطریہٕ تخیُل چھُنہٕ پنہٕ پاکھٕ پر مزا آوِتھ وُڈوہِکان کرِتھ تہٕ بہ تہٕ زِ تمی سنزن یمن نظمن ہنز چھنہٕ تمۍ سٕندِ فنی شعوٗرچ پوٗختگی ! محسوس سپدان ۔ یمہ نظمہ چھہٕ پھِری پھِری باس دِوان زِ آزادُن تجربہٕ پسند ذہن چھُ فنی تجرُبچ اہمیت مشراوان ۔ ییتن موقعن پیٹھ چھُنہٕ سُہ فن پارچہ خود کفالتُک ہُنـد کانہہ خیال تھاوان ۔ دریاو نظمہ ہندی کینہہ مصرٕ چھہٕ رِتی یِم پرِتھ واَلس پوٗرٕ حظ چھ دِوان ۔ اَکھ نظمہ ہنز چھُ شاعرسُند کُلہم رُویہ DISPASSIONATE شاعر چھُ وارِیہس حدس تام شاعرانہٕ کردارس (PERSONA) کاڈ دِوان کڈنہٕ ۔ یُس اَمہ نظمہ ہنز کامیابی ہُند اکھ راز چھُ مگر کینہ کنہ جایہ چھُ باسان زِ شاعر چھُ شعر کردارس کینہہ مکالمہ یورے آپراوان تہٕ پتھ پاکھٕ چھُ ۔ یہ کردار اُڈ کھٕشی گژھان ۔ دریاوچہٕ نٕباَنی پتھ ہیو مکالمہ بوزُن چھُنہٕ پرن والِس وِہان ۔

مہ وُچھ لہرن ہندین قہرن تنازعن لایہ لاین کن
گنہ آسِتھ کنہ میون وُچھ مہ وُچھ جگرٕن تہٕ نیاین کن

"آردل" نظم پرِتھ تہٕ چھُ ییتھے ہیو صورت حال ہیش یوان ۔ آردل یو شیچ تمثیل چھنہٕ ابتدا پیٹھ انتہاہس تام تمثیل روزان تہٕ کیازِ شاعر چھُ اکثر جاین تمثیلی انداز مُشراوِتھ یہ خوش کرِس تہٕ تہٕ آرولہ کنُ وَنان ۔

مابے تہٕ لول ماشران دل تہٕ دماغ راوِراں
زہر محبتس کران دیار تہٕ دیارٕ والی یے

پڑھن نظمن ہنز فنی اہمیت اَوکطرف نزرآوِتھ چھُ محسوس سپدان زِ اگرنے آزاد جانہٕ لمرگ گرژھِہ ہے کأشرِ زبأنی آب ہے اکھ قداوار شأعر باگہِ آمُت۔

مہجورس تہٕ آزادس لرِلوَر یمو شأعرو شعر ونۍ ییتی تمن منز چھہِ غلام نبی عارض مرزا عارف تہٕ فاضل شأمل۔ عارض چھُ اکھ عاشق مزاز شأعر۔ تمٕی سندی لولہٕ خاب تہٕ جذبہٕ چھہِ سیوٚد تہٕ سادٕ تہٕ انداز بیان چھُ حسب حال تہٕ برجستہٕ۔ تمٕی سندی شعر پرِتھ چھِیہٕ جبہ خوتوٚن تہٕ اُردِ بِہ مالہِ ہندین روٗمانی شعرن ہنز یاد تازٕ سپدان یمن ہُند پرزناوُن نشانہٕ چھُ سُہ حیامند لنسوأنی لہجہٕ یُس غمن تہٕ گراوَن ہندِ امتزاجہٕ سِتۍ بارٕسس چھُ یوان۔

دکہٕ زد ہی مال دِین کیتھ برلو گرچون تل پاتال
لولہٕ چانہٕ ہیتھ آم ویتھہ کھیتھ مرلو کرلو لولہٕ متہٕ لاے

سٔنز ژوٚر داغ دِتھ دامنہٕ گوم
تہٕ وینہٕ پنہٕ گوم نازنین پان

عارض سُند کلام چھُنہٕ کنہِ خاص انفرادی اوٚسلوٗبچ یا کیفیژ ہند بیب دِوان بلکہ چھِیہٕ تمُس نشہٕ محض لطیف تہٕ لوت وَے جذبن ہنز عکأسی میلان۔ عارضنس کلامس منز چھِیہٕ سادگی تہٕ منظر نگاری جاپہٕ جاپہٕ نظر گژھان۔ ڈاکٹر حامدی کأشیری چھُ لیکھان:

" فاضلِنہ کھوتہٕ چھہِ عارضنس روٚس اندر کأشرِ زبأنی، شأعری، ریوایژ تہٕ معاشترکی سٔنز تہٕ پایدار موٗل ہتہٕ سُہ چھُ اُمیک زیادٕ لاب تُلان، تمہِ ہندِس

کلامس منز چھ جایہ جایہ تمہ ترکیبہ تہٕ استعارہ موجود یم کاشرِن ہنز تہذیبی تہٕ ذہنی زندگی ہندین وُری یہ وادن ہندین تجربن ہندر رس تہٕ جوہر چھ پیش کران تہٕ کاشرِ میٖنر ہند مُشکھ ژھٹان چھ مثلن پوشہ بستر، موختہ ڈبہ، روہ تہٕ دار بنگرِ نار وُزمل بتیر"[1]

عارِض تہٕ پُد ترقی پسند تحریکہ ستی متأثر تہٕ اَمِچ شہادت چھیہ تمی پسنزن تمن نظمن منز میلان یمن منز سہ گامہ موزوُرن تہٕ محنت کشن ہنز ترجمانی کرِتھ نوٚ آگہی تہٕ زمانچ ژیٖنہ وُن چھ دِوان۔ یمن نظمن منز چھُنہ تخلیقی وُشنیر تہٕ حرارتھ محسوس سپدان مگر تمی ہندس غزلس منز چھ ہُنہٕ بیٚیہٕ تتھی شعر نظرِ گژھان یمن منز تمی سنز عصری آگہی تخلیقی اعتبار پراوِتھ چھ ہیکان۔

مرزا عارف بیگنس کلامس منز چھ اَسہ مہجور تہٕ آزاد نہٕ شاعری ہندی پاٹھی سیاسی، سماجی تہٕ قومی حالاتھ تہٕ مسلہ تہٕ تہندی بیوٚن بیوٚن رنگ تہٕ اظہار دیدمان یوان۔ رحمن راہی چھ عارفنہ "دُسہ" نظمہ متعلق کتھ کران لیکھان:

" کاشرِس سماجس منز محنت تہٕ محنتزٕ ہندس استحصالس متعلق یمن موضوعن تمی شعرک جامہ وولمُت چھُ تمن منز چھیہٕ "دُسہ" اکھ ماری منزی نظم ییتھ پنُنہ بربکہ آمژ لیہ، وٲنگہ ہٕ نہ لہجہ تہٕ خلوکھ ہار لفظٕ ژار تہٕ تخلیقی وحدژ ہندِ لحاظہ عارفنس کلامس منز تھزٕ جاے چھیہٕ۔عارفن کوٚر مستقل پاٹھی ٹکھ لیکھتھ کاشر شاعری منز اکِہ اہم صنفہ ہند بُرزر یمہ واکھن ہنز جاے ژٹ"[2]

"دُسکہ دُسہٕ چھ عارف سماجی ناانصافی تہٕ محنتزٕ ہندِ استحصالک نقشہ وونلاوتھ

---

[1] حامدی کاشمیری۔ جدید کاشر شاعری۔ ۱۹۸۲، صفہ ۷۵۔
[2] رحمن راہی کہوٹ ۱۹۷۹ صفہ ۱۸۶

ہٕنٛز زمانچہِ آگہی ستہٕ زان کٲری کرنہٕ علاوٕ پرٕن واکس محظوظ تہٕ کران، اکہِ طرفہٕ چھ تمہٕ وقتکۍ اقتصادی حالات برونہہ کُن یوان بیٚیہِ طرفہٕ چھ تمن منز ہیٚنہٕ آمتس انسان سُند ژھرٕ ژھرٕ کرُون روح تمام کرب ناکیو ستہٕ پرٕن واکس متاثر کران۔

" خوبہٕ پوٗک ہم پھیکہِ بون تزٛاوِتھ

داغ میانی ہاوِتھ ما

اکھ دُنیا آس اَز ماوِتھ

داغ میانی ہاوِتھ ما

فاقہٕ شُری باژ لرِلرِ ساوِتھ

پھنب ژاراں تھاوِتھ کاہ

خوٗنِ جگر ژانگس تزاوِتھ

داغ میانی ہاوِتھ ما

اہرٕ شو گاش تھکراوِتھ

آش لفرِچ تھاوِتھ ما

دان پوشک رنگ لیدراوِتھ

داغ میانی ہاوِتھ ما"

طبقاتی کھس وس تہٕ دولتہٕ ہندِس غلط تقسیمس متعلق عارفُن ردِعمل چھُ تمہٕ ہنزٕن بیٚیَن نظمن منز تہٕ باوتھ لبان" باہُنبہ بال تہٕ گریوس" تہٕ موزرٕ ئے چھ امی قبیلچہِ نظمہ۔

عارف ییٚنہٕ اکہِ طرفہٕ سماجی مساواتُک بہی خواہ اوس، تیٚنہٕ اوس سُہ حسرت موہانی ہندی پاٹھۍ مذہب کس دامنس چیرٕ تھپھ کرِتھ۔ تمہٕ سُند یہ

اقتصادی نظریوٕ کنۍ ہیوٚو نہٕ تمہٕ ہندِس مذہبی نظریس پیٹھ کانہہ اثر۔ تمۍ کرٕ مذہبی
خیالن، جذبن تہٕ احساسن تہٕ شعرک جامہٕ وٲلنچ کوشش۔

ہنہٕ ہنہٕ ییلہٕ منہٕ مل زولمُٕ
وِنہٕ اَدٕ آم نوٗرِ رحمٰن
جانہٕ ستی فرقان پوٚلمُٕ
مدٕ وولمُٕ پننۍ پانن

غلام احمد فاضل (فاضل کشمیری) چھُ عارفس ستۍ
شاعری ہُند سفر جاری تھوان۔ اُمُند کلام چھُ پیٹھ پاٹھۍ رلوانی تہٕ نوِ دورچہٕ فکر
تہٕ آگہی منز چھُنہٕ ژھ کانہہ دلچسپی ہاوان بلکہ چھُ رلوانیٚژ زوٚر لول برٕتھ کٲشرِ شاعری
ہندِس نغماتی شعر سرمایس ہُر برٕ کران۔ رحمٰن راہی چھُ تمہٕ سنز نظمہٕ
"چلینہٕ روٚس پیالہٕ گوم خٲلییے!"
پیٹھ تبصرٕ کران لیکھان۔

"نظمہٕ منز یوسہٕ فریاد کروٕنۍ ہے، نشترکار انداز بیان تہٕ حسرت
برٕتہٕ موڈک مدریر چھُ تمو سارِوے کتھو چھِ بییہٕ کیژن خصوصیژن ستۍ
زلیتھ پہٕ فاضلنۍ اکھ شاہکار نظم بناوٕمژ۔ تیٚنز بیاکھ نظم "ژرِ ری" بوٗزتھ چھُنے
باسیومُت زِ یہ چھُ ماسٹر زندکول تہٕ غلام رسول نازکی یس پتہٕ موجود دورک
شاید بیاکھ تنہا شاعر یُس مذہبس شعر بناونچ صلاحیژ چھنے۔ [۱]"

---

[۱] رحمٰن راہی۔ کہوٹ (۱۹۷۹) صفہ ۱۸۸

فاضلنہٕ بێیہٕ زٕ مشہوٗر نظمہٕ چھیٖہ "کرالہٕ کوٗر" تہٕ "پہلی کوٗر"۔ یمہٕ دۄنوٕے نظمہٕ چھیٖہ سراپا نگاری ہنٛز واٹھ ہتھوان۔ نظمہٕ پٔرتھ چھُ محسوس سپدان زِ فاضلنہٕ سراپنگاری ہنٛد فن چھُنہٕ کُنہٕ تہٕ جایہٕ رُسل میرس برونہہ نیران بلکہ چھُ پزٕر یہٕ زِ فاضل چھُنہٕ رُسُل میرس قریب تہٕ ہیکان واتِتھ۔ "کرالہٕ کوٗر" نظم گیہٕ "پہلی کوٗر" نظمہٕ مقابلہٕ کمہٕ ورٲستہ تہٕ مقبوٗل۔ مگر پزٕر چھُ یہٕ زِ مقبوٗلیتھ چھُنہٕ کانہہ معیار۔

شالہٕ مارن چانے آشنے گُل پھولن
کرالہٕ کوٗری مالہٕ کریے کوٗسمن
پیالہٕ بریے لال جریے ہیٚرتہٕ لیوٗن
کرالہٕ کوٗری مالہٕ کریے کوٗسمن

مہجوٗرس آزادس، عارضس، عارفس تہٕ فاضلس ستی ستی یم نوجوان شاعر شعر وننہٕ لگی تِمَن منٛز چھُ دینا ناتھ نادمؔ، رحمٰن راہیؔ، نوٗر محمد روشنؔ، امین کاملؔ تہٕ غلام نبی فراقؔ شامل۔ یِمو نوجوانو کٔر شعوٗری طور سُرخ انقلاب تہٕ ترقی پسند فلسفہٕ پننین فن پارن منٛز وٕرتھناونٕچ کوٗشش۔ امیُک مطلب ہیٚکہٕ نہٕ ہرگز یہٕ ٲستھ زِ یم کیاہ آسی امہٕ تحریکہٕ ہنٛدی ایجنٹ (AGENTS) - یم آسی خلوصہٕ دل سان سوشلسٹ انقلابٕچ یٔژھ بران۔ ترقی پسندی ہنٛز بُنیاد آس یمن برونٛہہ آزادی تہٕ اوٚمرٕ۔ کاشرٕ شاعری منٛز سپز نہٕ یہٕ تحریک ہنگہ تہٕ منگے مقبوٗل بلکہ اُس ترقی پسندی ہنٛز تحریک سارِسے برصغیرس منٛز زوٗرس پیٹھ تہٕ اتھ اُس اکھ روٗمانی کشش تہٕ تِمو یِمَن کانہہ فنکار متاثر کوٗر۔ موضوع آسی گنڈٕتھ تہٕ

---

۱؎ رحمٰن راہی۔ کہوٹ (۱۹۷۹ء) صفہ ۱۸۸

اقتصادی نظر یوٗ کنۍ پیوٗو نہٕ تمیٚ ہندِس مذہبی نظریَس پیٹھ کانٛہہ اثر۔ تمیٚ کرٕ مذہبی خیالن، جذبن تہٕ احساسن تہٕ شعرُک جامہٕ وَلنچ کوٚشش۔

ہَنہٕ ہَنہٕ ییلہٕ مَنہٕ مَل زولُم
وَنہٕ اَدٕ آم نوٗرِ رحمٰن
جانہٕ ستی فرقان پوٗلُم
مدٕ وولُم پننےٚ پان

غلام احمد فاضل (فاضل کشمیری) چھُ عارفس ستی ستی شاعری ہُند سفر جاری تھوان۔ اُمُند کلام چھُ پیٚتر پاٹھو رلوایتی تہٕ نوِ دورچہِ فکرہٕ تہٕ آگہی منز چھُنہٕ کانٛہہ دلچسپی ہاوان بلکہ چھُ رلوایٔتر ژوٗر لول بَرتھ کاشرِ شاعری ہندِس نغماتی شعر سرمایس ہُر بَرکران۔ رحمٰن راہی چھُ تمیٚ سنٛز نظمہٕ

"چلینہٕ روٗس پیالہٕ گوم خالی یے!"

پیٹھ تبصرہ کران لیکھان۔

" نظمہِ منز لوٗسہٕ فریاد کروٚنۍ، نشترکار انداز بیان تہٕ حسرتہٕ بَرتہٕ موڈک مدریر چھُ تمو ساروے کتھو چھِ بیٚیہٕ کیٚژن خصوٗصیژن ستہٕ رٕلتھ یہِ فاضلن اکھ شاہکار نظم بناوٕمٕژ۔ تمیٚنز بیاکھ نظم "ژری بوٗزتھ" چھےٚ باسیومُت زِ یہ چھُ ماسٹر زندکول تہٕ غلام رسول نازکی یس یٚتہٕ موجوٗد دورک شاید بیاکھ تنہا شاعر یُس مذہبس شعر بناوَنچ صلاحیتھ چھےٚ۔ [1]"

---

[1] رحمٰن راہی۔ کہوٹ (۱۹۷۹ء) صفہ ۱۸۸

فاضلنِ بێیہِ زٕ مشہوٗر نظمہٕ چھێہٕ "کرالہٕ کوٗر" تہٕ "پہلی کوٗر"۔ یمہٕ دوٚنوٕے نظمہٕ چھێہٕ سراپا نگاری ہِنٛز واڑھ ہتھوان ۔ نظمہٕ پٔرِتھ چھُ محسوٗس سپدان زِ فاضلنہٕ سراپانگاری ہُنٛد فن چھُنہٕ کنٛہ تہٕ جایہٕ رُسل میرس بروٚنہہ نیران بلکہ چھُ پزر یہ زِ فاضل چھُنہٕ رُسُل میرس قریب تہٕ ہێکان واتِتھ۔ "کرالہٕ کوٗر" نظم گێیہٕ "پہلی کوٗرِ" نظمہٕ مقابلہٕ کمزور آسِتھ تہٕ مقبوٗل۔ مگر پزر چھُ یہ زِ مقبوٗلیتھ چھُنہٕ کانٛہہ معیار۔

شالہٕ مارن چانے آشے گُل پھولن
کرالہٕ کوٗری مالہٕ کرِیے کوسمن
پیالہٕ برِیے لال جرِیے ہێرتہٕ لوٗن
کرالہٕ کوٗری مالہٕ کرِیے کوسمن

مہجوٗرس آزادس، عارضس، عارفس تہٕ فاضلس سٟتی ییم نوجوان شاعر شعر وَننہِ لگی تِمَن منٛز چھُ دینا ناتھ نادمؔ۔ رحمٰن راہیؔ، نور محمد روشؔن، امین کاملؔ تہٕ غلام نبی فراقؔ شامِل۔ یِموٚ نوجوانو کٔر شعوٗری طور سُرخ انقلاب تہٕ ترقی پسند فلسفہٕ پننین فن پارن منٛز وَرتھناونٕچ کوٗشِش۔ اَمیُک مطلب ہێکہِ نہٕ ہرگز یہ آسِتھ زِ ییم کیاہ آسی اَمہِ تحریکہِ ہِنٛد ایجنٹ (AGENTS) - ییم آسی خلوصہِ دل سان سوشلِسٹ انقلابچ یٔژھ بَران۔ ترقی پسندی ہِنٛز بُنیاد اوٚس ییمن بروٚنٛہہ آزاد تہٕ آوہِش۔ کاشِر شاعری منٛز سپز نہٕ یہ تحریک ہنگہ تہٕ منگے مقبوٗل بلکہ اوٚس ترقی پسندی ہِنٛز تحریک سارِسے برصغیرس منٛز زورس پێٹھ تہٕ اَتھ اوٚس اکھ روٗمانی کشش تہٕ یٔمہِ پٔنٛتھ کانٛہہ فنکار متاثر کوٗر۔ موضوٗع آسی گنڈِتھ تہٕ

---

۱ رحمٰن راہی - کہوٹ (۱۹۷۹ء) صفہ ۱۸۸

شاعر آسی پننہ پننہ انداز ہنز باوتھ کران ۔

ترقی پسندی ہنز تحریک ہیتھن کنوہمہ صدی منز پھانپھلنی تہ یہ
اُس ادبس منز مارکس تہ انجلیز ہندین نظرین ہنز ترجمانی کران ۔ بجنیتہ اکھ
تنقیدی مکتب چھیہ مارکی تنقید ۱۹۲۹ء پتہ پننہ عکس رُوسی ، انگریزی تہ امریکی ادبس
منز ہاوان ۔ مارکسی تنقیدِچ بُنیاد چھیہ اشتراکی تہ سماجی مساواتس پیٹھ ۔ اُمہ
مطابق گژھہ فنکار حقیقت پسند آسُن تہ تس پزِ پننُ فن سماجی مساواتہ کِہ
پھالاو ، پارٹی سپرٹ تہ بیہ پارٹی ہندِ کُلہم فایدہ خاطرہ ورتاوُن ۔ بقولِ لینن ادب
گژھہ سوشلسٹ پارٹی ہُند اکھ لازمی جُز بنُن ۔ ترقی پسند نظریہ اوس بُنیادی
طور اکھ مثالی ریاستھ تہ سماجُک خاب یتھ منز پرتھ انسانس زندگی گُذارنُک صحیح
موقعہ میلہ ۔ یہ اوس تہ نظام یتھ منز طبقاتی تہ جاگیردارانہ نظامہ خاطرہ کانہہ
گنجایش آسہ ۔ یہ چھیہ بیاکھ کتھ زِ یہ نظام گوو وونی پوٗر پانٹھ درہم برہم تہ سوویٹ
یونین چھلہ چھلہ گژھنہ پتہ تہ مشرقی یورپ منز سیاسی تبدیلیو کنہ چھ وونی
سوشلسٹ نظریہ تہ اکھ رجعت پسند فلسفہ بنیومُت ۔

کاشر زبانی منز بدس ترقی پسند ادب چھ نعرہ بازی تہ پروپگنڈہُک ادب ۔
یہ کتھ چھنے بڑ اہم زِ کاشرِ شاعریہ کوٚر ترقی پسند نظرین اکھ تجرباتی کِردار عطا
لیُس قابلِ قدر چھُ ۔ دیناناتھ نادم چھ پننہ شاعری ہُند آغاز " موج کشیر " نظمہِ
ستہ کران ۔ بقولِ شفیع شوق :

امہ نظمہِ پتہ کینژس کالس روٗز یہنز شاعری آزادی ہنز پوٚت آواز مگر
اُتھی منز آسی تم ساری عنصر موجود یم اٰخرس نٔو دراہ تہ نادمُن مزاز سپُد
الگ ۔ تمی ژیوُن زِ کاشرِ شاعریہ ہنز رِوایتی ترکیبہ تہ استعارہ چھ تفریبن

موردِ گمتی تہٕ اوٚکنِ چھےٚ کأشر شأعریہٕ ہنز زبان رلوایتی فارسی اثرٕ نشہٕ نیبر کڈنٕ تہٕ امیکٕ بپنٕ روومُت حسن چھُ بحال کرن ۔ یوٚہے مقصد پراوِنہٕ خأطرٕ روٗد نأدم پیہم کوٗشش کران تہٕ آخرس گوو کامیاب ییلہٕ تمی کأشرِ نظمہٕ ہنز رلوایتی فارم بدلأوِتھ نوٚین فارمن ہُند تجربہٕ کوٚر نہٕ

نادمن کرِ کأشرس منز بےٚ قافیہ شأعری کرنکی شروعات ۔ رحمٰن راہی سُند وَنُن چھُ زِ تمیٚ اوس نادمس برونہہ کٔشیرِ منز یتھ تجربہٕ کوٚرمُت تہٕ اُردو زبأنی منز اوسن بےٚ قافیہ نظم لیکھنک ڈسلابہٕ کرِتھ یمین تجربن ہنز اہمیت ژینیہ مژ ۔ خأر کتھ آس چلان نادمس متعلق تہٕ بےٚ قافیہ نظمہٕ لیکھتھ ہنز روٗد سہٕ بحرِ منز نظم لیکھنس پابند ۔ تمیٚ کوٚر ردیف تہٕ قافیہ موسیقی پسِ پُشِ تراوِتھ لفظن منز شوٗنگتھ سازُت وُزناونچ کوٗشش ۔ یہ کتھ چھیہٕ ژیتس تھاونی لایق زِ نادمنہٕ امہِ قسمچہِ شأعریہٕ منز یُس سازُت وۄتلیوو سہٕ چھنہٕ رلوایتی تہٕ نرم گفتأری ہُند سرگم بلکہ اکھ گریزونی آواز۔ یہ اوس نہٕ صرف کأشرِ شأعریہٕ ہندِ رلوایتی لہجہٕ نشہٕ فرار تہٕ گریز بلکہ خیالچ (IDEA) تہٕ وِژنچ (VISION) نوٚ آگہی ۔ یہ صورتِ حال چھ اَسہِ نادمنین دونونی پابندیو آزاد نظمن منز محسوس کران۔ نادمنین ترقی پسند نظمن منز چھِ "جنگ باز خبردار" مےٚ چھم آش پگہٕ ہچ" تہٕ "داون وۄنم" قابلِ ذکر۔

وُشن وۄزل بہار وُچھ کٔشیرِ ہُند امار وُچھ
ژٕ کالہٕ کین کنڈین پھٔلتھ پگاہ چھِ میون یار وُچھ
یرادہٕ دسنوار وُچھ تلوِ تینگل تہٕ نار وُچھ

---

نہٕ ناجی منور شفیع شوق کأشر ادبک توأریخ ۱۹۷۸ء صفہ ۱۷۴

منےٚ چھم آش پگہچ
پگاہ شولہِ دُنیا
دوہس گاش ہُر گل تہٕ گلزار پژزلن
زمینس سبزٕ لگہٕ تہٕ سبزار پژزلن
وُچھس منزٕ ہمس لولہٕ پھنوار پژزلن



زرس بوش زر دانےٚ راج روزیا
ژھرِ لورِ کٹھن سرس تاج روزیا
اُکس ژوُر تہٕ ہر بیاکھ محتاج روزیا
تہٕ مزور سرمایہٕ دارن پژھن چھم
پیٚٹھےٚ باپنہٕ کین نوبہارن پژھن چھم

فنی اعتبارٕ اگر یمن نظمن سام ہیمو تیٚلہٕ چھُ باسان زِ یم چھےٚ بےٚ ڈول۔ یتھ کتھِ تہٕ ہیکو نہٕ انکار کٔرِتھ زِ "منےٚ چھم آش پگہچ" چھےٚ اکھ رژ تخلیق۔

تاہم چھِنہٕ نظم اکھ نامیاتی وحدت بنتھ ہیکان۔ نظمہِ ہندی کینہہ جُز چھِ اکھ ماری منزٕ حیثیتن برونہہ کُن انان مگر نظمہِ ہند وضاحتی اُسلوب چھُ اتھ اکھ خود کفیل فن پارٕ بننہٕ نِشہٕ پتھ رٹان۔

نادم چھُ امہِ قسمچن نظمن منزٕ لفظن ہنزٕ اہمیت محسوس کرنہٕ بغارٕ تہند ورناو کران تہٕ یمہ چھےٚ وضاحتی بنان۔ سُہ چھُ لفظ بےٚ وایہٕ خرچاوان تہٕ تشبیہہ تہٕ استعارٕ چھُ تمہِ اندازٕ ورناوان زِ تمُ سُند مواد چھُنہٕ یمن منزٕ شرٕ بیتھ ہیکان۔

پیٹھ کنہٕ یمن نظمن ہُند حوالہٕ دِتہٕ آو تمہٕ چھیہٕ چھرا نعرہ بازی تہٕ پروپگنڈا۔ یمہٕ چھُنہٕ پرن واٲلس کُنہٕ تخیلی دُنیہس منز واتہٕ ناوان بلکہ چھُ پننہٕ سطحی آنکُ احساس دِوان۔

نادِم اوس یمہٕ نظمہٕ لیکھنہٕ وِزِ یقین (شاید رُود سُہ پننہٕ عمرِ ہندِس آخری دوہس تام اَتھ کتھِ تھَپ کرِتھ) زِ شاعر چھُ سماجُک اکھ کارآمد پُرزٕ یُس سماجچہٕ پایہٕ پرجایہٕ تہٕ بجایہٕ خاطرٕ پننہٕ فن ورتاوِتھ ہیکہٕ۔ سُہ اوس کلچرل فرنٹک تہٕ کلچرل کانگریسک ممبر تہٕ ۱۹۴۹ء منز بیلہٕ جلے رٹتھ منز کلچرل کانگریسک گوڈنیُک اجلاس سپُد تتھ منز آیہٕ یتھ اعلان ناُمس منظوری دِنہٕ۔

"کٲشُر ہندِس پرتھ کانٛسہٕ باشعور لیکھن واٲلس تہٕ گاٹلس چھُ فرض زِ اکہٕ طرفہٕ تھوٚ سُہ مُلکچن سماجی حالاتن پیٹھ نظر تہٕ بیٚیہٕ طرفہٕ تھوٚسہٕ رجعت پسندن ہنزن کوشِشن تہٕ مدِ نظر"۔ [۱]

ظاہر کتھاہ چھیہٕ زِ یُس شاعر یِم چیز ذیہنس منز تھاوِتھ شاعری کرِ سُہ ہیکہ نہٕ سہل سہل جذباتیت نِشہٕ پننہٕ دامن بچاوِتھ تہٕ نادِمس متعلق تہٕ چھیہٕ یہ کتھ وارِہس حدس تام صحیح ثابتھ سپدان۔ مگر یہ کتھ تہٕ چھےٚ مسلّم زِ جذباتی لہجہٕ اختیار کرنہٕ باوجود چھُ نادِمُن اظہار اکھ تیرل انداز پراونس منز کامیاب گژھان۔ یوٚدوے سُہ اَمہٕ قسمچن نظمن منز بربوٗر پاٹھیٚ تخیلی فضا پادِ چھُنہٕ ہیکان کرِتھ۔

شاعر اگر خلوصِ دِل سان کُنہٕ نظریک قایل آسہٕ یہ چھُنہٕ تمہٕ سٕندِس

---

۱ کوٚنگ پوش (مگر کاروان سون صفہ ۱۱

فنکارانہ روٗیس کانہہ ددارٕ واتناوان یا سوچھ کران۔ شاعرس یُس چیز مرتب بختان چھُ سُہ گوو تمہٕ سُند فن تہٕ باوُژبل۔ اَمہِ قسمُک شاعر چھا تیٚلی کانہہ رُت فن پارٕ تخلیق ہیکان کرِتھ ییلہِ سُہ پنٕنین جذباتن غاَر شخصی اندازس منز پیش کرنس منز کامیاب گژھہِ۔

محمد یوسف ٹینگ چھُ نادمس متعلق لیکھان۔

" اَمہِ سُند ادبی مزاز چھُ وُنیُٹھی پوٗھٹی پاٹھی اردوٕکِس جوش ملیح آبادیس ہِتی رلان۔ دوٗنوے چھِ سرشار باگہِ بٔرژن تہٕ رنگین شخصیژن ہندی مالک۔ دوٗنوٕنی ہُند قلم چھُ لفظن ہنز رُدِ راٹھ تہٕ وہراتھ پھران۔ دوٗشوے چھِ حقیقت نگاری ہنز پارٕے دِوان۔ مگر دوٗشوٕے چھِ تمی جذباتی شدتِ وٕ وُفورٕکہ تہٕ تموزٕکی شکار گژھان یوسہ روٗمانی شاعرن ہنز خصوٗصیتھ چھیٚہٕ آسان۔ خیال چھِ ٹاہرِ تہٕ ہنگامی"[1]

نادمن کوٚر ترقی پسند خیالن ہُند پنٕنین غزلن منز تہِ اظہار۔

دِلس چھوکِن آم انگ کاٗتیاہ جگرٕ ژٹھہِ پھٕلی مٔنٕے رنگ کاٗتیاہ
ژٕ گژھ تہٕ لوٚت لوٚت قرار میانے بہار اَنتن شُمار کرِ ہے

یوٚتام مٔنٕے جگرس اُلاو قایم یوٚتام مٔنٕے چمن جلاو قایم
توٚتام آبٕس اٹز شرابُک توٚتام مٔنٕے روٗلیس گولاب باقی

---

[1] محمد یوسف ٹینگ مضمون: پاٗری زان رنگن ہنز مشمولہ "بٔتیہِ سٕے یان" (امین کامل) صفحہ ۱۱۸

گوٚمُت گولاس اُچھن چھُ پچہِ پھٕیرتہٕ سنبلن پارٕ زان ڈٕجمٕژ
چھنا غنیمت چھیٚنی ییٚمہٕ زلہٕ ییٚمِس اُچھن وُنہٕ چھُ آب باقی

یِم غزلیہ شعر پٔرِتھ چھُ محسوس سپدان زِ نادم چھُ جذباتی وُتشاہ باوجوٗد رٔژ شاعری تخلیق ہیکان کٔرِتھ تہٕ شاید چھُ اَتھ جایہ تٔمِس غزلُک رمزیہ اظہار تہٕ اندازِ بیان اَتھ روٗٹ کران۔ اگر یِمن شعرن ہند تواریخی پوٚت منظر پٔرن والِس ذیٚہنس منز آسہ تہٕ سُہ وَنہٕ زِ یِم چھِ ہٕتی روٗمانی شعر۔ مگر ییٚلہٕ پٔرن والِس سُہ سوٗرے پوٚت منظر ذیٚہنس منز آسہ سُہ وَنہٕ یکدم زِ نادم چھ پننہٕ عصری آگہی شعرُک جامہٕ وٕلنس منز کامیاب گوٚمُت تہٕ تِمہٕ سندی اَمہٕ قسمکی شعر چھِ زمانہٕ مکانکی ساری ہٕرٕ ژٕٹِتھ شاعری ہندِس زمرس منز شامل سپدان۔ یِم چھِنہٕ ہنگامی حالاتن ہندی پٔداوار اَسِتھ تہٕ ہنگامی نوٚعیژٕ ہندی شعر باسان۔

رحمٰن راہی رٔود ۱۹۵۳ تام اُردو زبانی منز شعر لیکھان تہٕ اَمہٕ پتہٕ لوٗگ سُہ کاشرِ پأٹھۍ شعر وَنہٕ۔ سُہ اوس گوڈٕ گوڈٕ مارکسی نظریُک قٲیِل۔ سُہ چھُ پانے وَنان۔

"ترقی پسند خیالاتن نِشہٕ گوس بہٕ گوڈنچہِ لٹہٕ ۴۴، ۴۵ ۱۹ہس منز سرینگرکس اَکِس روشن دماغ کتب فروش مرحوم نور محمد صابنِس دُکانس پیٹھ اَنزی مُنزی ییتہٕ پشاورکس اَکِس تازٕ فکر پٹھان مسٹر فیض پراچس سٕتی مختلف مسلن پیٹھ کتھ باتھ اَس سپدان۔ پتہٕ سپد مےٚ اَتھی دُکانس پیٹھ گوڈنکس ترقی پسند شاعر مرحوم عبدالاحد آزادس سٕنٛز ملاقاتھ یمہٕ مےٚ مارکسیات پرنچ تحریک دِژ۔[ا]

---

[ا] رحمٰن راہی۔ شیرازہ، جولائی ۱۹۶۶، (کلچرل اکادمی) صفحہ ۲۲

راہیؔ چھُ نادِمنِس اثرس تَل کاشرِس منز شعر لیکھنہِ ہیوان ۔ مگر وارہٕ وارہٕ چھُ پنُن منفرد تہٕ بدۄن لہجہٕ پرزناوِتھ تہٕ تتھ استحکام بخشِتھ پنُن تخلیقی سفر جأری تھوان ۔ تمہٕ سُنز "نوروز صبا" چھپیہٕ کلہم پأٹھۍ ترقی پسند نظمن تہٕ غزلن ہنز سۄمبرن ، کاشرِن ترقی پسند شاعرن منز چھُ راہیؔ سُہ واحد شاعر یمِس ترقی پسند خیالاتھ نظماونہٕ وِزِ تہٕ فنچہٕ اہمیژ ہُند سۄن تہٕ گۄن احساس اوس ۔ یۄہے چھُ وجہ زِ تمہٕ سُنز ترقی پسند شاعری پرٕتھ چھُ پرٕن وأنِس خاصے کُنہٕ ساعتہٕ گمانہٕ گژھان زِ سُہ چھُ نظریأتی شاعری پران ۔ تمہٕ سُندِس اُمہٕ دورُکس کلامَس پیٹھ چھُ علامہ اقبالؒ تہٕ فیض احمد فیضؔ ہندِن خیالاتن تہٕ استعارن ہُند اثر ٹاکارہٕ پأٹھۍ نظرِ گژھان ۔

شبنما وۄتھ باغ یتھہٕ لاوِن گلُس نارہٕ تتھ
آبشارا دراو گرزہٕ ہیتھ کوہسارن پھاس پیو

(راہیؔ)

جس سے جگر لالہ میں ٹھنڈک ہو وہ شبنم
دریاؤں کے دل جس سے دہل جائیں وہ طوفان

(اقبالؒ)

ییتہٕ زلوہ تہٕ قلم زٕٹی پھرِ درو دُبراے دیہہ بدنام سپز
تتہٕ چانہٕ غنچہٕ دیوانہٕ رگیہ نظرن چھٹے گراں تلوار متیو

(راہیؔ)

متاعِ لوح و قلم چھن گئی تو کیا غم ہے
کہ خونِ دل میں ڈبو لی ہیں انگلیاں میں نے

زباں پر مہر لگی ہے تو کیا کہ رکھدی ہے
ہر ایک حلقۂ زنجیر میں زباں میں نے

فیض احمد فیض

راہی ہنز ترقی پسند شاعری پُرتھ چھُ باربار تہٕ پھِری پھِری احساس سپدان زِ سُہ چھُ پننہٕ فکرِ شعر بناوُنس منز کامیاب گژھان۔ سُہ چھُنہٕ مُقرر ہندی پاٹھی ظاہری خیالات باوان بلکہ چھُ پننین خیالاتن جذبچہِ صوُرژ منز پیش کرنس منز کامیابی حاصل کران، یہ چھُ تیٚلی ممکن سپدان ییٚلہِ رحمٰن راہی پننین خیالاتن تہٕ جذبن بصری پیکرن ہندِ مدد ستی تخلیقی زوٗ زیتہٕ بخشان چھُ۔

وُڈُر پیٚٹھ اگر راتھ لٔج تو تہٕ کیاہ گوو
پگاہ کاروانس چھِ گلزار چھاوُنی

یہ کمہٕ ووٚن اکی ڈنجہِ پیٚٹھ روزِ دنیا
جنٛونس چھِنا کیہتہ تہٕ زور آزماوُنی

راہی ہنز ترقی پسند فکر چھیہٕ محنت کشن تہٕ آزادی پسند لوٗکن اکھ نوٚو پیغام دِوان۔ سُہ چھُ اَمہِ قسمچین نظمن منز یتھ کتھِ پیٚٹھ زور دِوان زِ فن گژھِ زندگی ستی وابستہ آسُن تہٕ یہ گژھِ سماجی زندگی ہندین اندرٛنین پرزناوُن تہٕ تمن پرزناوتھ یتہٕ گژھِ سماجس تموٗ نشہٕ نجات دِنٕ یتھ اکھ نوٚو زندگی شروٗع گژھِ۔ "ونشا کھِ تہٕ رنگر" اَزِچ کتھ" تہٕ "فن برائے فن" چھِ اَمی قسمچہِ نظمہٕ۔ تمہٕ ہندِ ذہنک ترقی پسند رجحان چھُ تمس گلہٕ ہے ترٛھن نظمن

ہُند ترجمہٕ تہٕ کرناوان یمن منز اَمی قسمکین خیالاتن ہُند اظہار چھُ میلان۔ ناظِم حکمت پسنز "جیلہٕ باُجس کُن" نظمہٕ ہُند ترجمہٕ چھُ اَمیُک واضح ثبوت۔

رٲہیس اوس شاعری شروٗع کرنہٕ پیٹھے یِیمہٕ کتھہٕ ہُند احساس زِ شاعری منز چھُ فن خیالہٕ کھوتہٕ زیادٕہ اہم۔

مستی ژھچھتھ کتھن ہنز معنے وَنان چھُ راہی
غزلس چھُ رنگ کھالاں چنگُ رباب ساقی

راہی سنزن ہژن ترقی پسند نظمن منز چھ "صبحُک مقام"، "سنبالِہوش اگر" پتھ اگریٖ ہے موتس تہٕ وارِ شامل۔ شاعر چھُ یمن نظمن منز پننہٕ فکرِ جذبہٕ بناونس منز واریاہس حدس تام کامیاب سپدمُت۔

خبرے ژھیٚیہٕ لوٚلہٕ شمعس کم واوِہ گُلی جھِہ زاگان
پتھ گوو امار آسُن، پوٚنپری نثارگے نا

(صُبحُک مقام)

پھوٚلِتھ زن آسمانچ زوٗن وژھمِ نوٗرہٕ پھٹی ٹلی ٹلی
ہوٚنزڈلیشتھ ہوٚنزمندس جگر پھوٚل
خیالن ووٚتھ گُڈس بنین اتھن لوٗگ یا نہٕ متی کمنے

(فن برائے فن)

بوٗزِمتی چھم واریاہ افسانہٕ سوٚرگکی بارھا
جنتچن یِیمبرزلن پتھ راوی بوٚمبری شمار
نقد کھیاوِتھ کاٹھ واتھو وونِ رم باپارہٕ کوٚر

عُمر وأژم بےکسی ہندی نارٔ تٔی للہٕ وان
پٕتہٕ موئیٚ کاوِ پکھہٕ زن شین پیوم
(پیٚھ اگر یی ہے تہٕ موتس وٲری)

"نوروزِ صبا" سۆمبرنہٕ منز چھ "سونہٕ لانکہٕ بیٹھ" ہش نظم ییٚتھ نظر گرشھان ییمُکُ موضوع موت چھُ۔ شاعر چھُ اَتھ نظمہِ منز اکِہ طرفہٕ زندگی ہندِس حُسنس سام ہیوان پتہٕ بیٚیہِ طرفہٕ چھُ تَس موتکُ خوف باپر پاوان۔ یہٕ نظم چھ وضاحتی اَستھ تہٕ خوش کران خاص کٔرتھ چھُ نظمہِ ہُند یہٕ مصرعہٕ پٔرن وٲلِس زِنتہٕ مرِ بٔندرِ تھوٚد تُلان۔

"سونہٕ کِس پنجرس چھُنا اڈ وٗژھ تہٕ روزان دٲرزاہہٕ"

ترقی پسند نظریُک قٲیِل آسنہٕ باوجود تہٕ اوس راہی اَتھ دورس منز مادی مسلو علاوہٕ انسان ہندین ازلی معاملاتن متعلق سونچان ییمُک ثبوت "سونہٕ لانکہٕ بیٹھ" نظم چھیہٕ ——— ترقی پسندی ہندِ زالہٕ منز نیرتھ بنیہٕ راہی سنز شاعری ہندی اہم موضوع تمہٕ مسلہٕ یمن ہند مقابلہٕ انسان ازلہٕ بیٹھ کران آو۔

ایمن کامل اوس ۱۹۵۳ء تام راہی ہندی پأٹھی اردوس منز شعر و نان مگر اَمہٕ پتہٕ آوٗ کاشُر زبأنی کُن۔ شفیع شوق چھُ ؤنان۔

نادمن یُس خطابی لہجہٕ کأشرس منز پھانپھلووٗ تیوٚ ایمن کاملن اَنھٕس پتہٕ تمہٕ ہندی وۍ اَتھ آس زوال تہٕ"[1]

"مس ملر" پٔرتھ چھُ محسوس سپدان زِ کامل اوس محنت کٔشن

---

(۱) ناجی منوّر، شفیع شوق۔ کأشرِ ادبُک توأریخ، صفہ ۱۷۶

موٚزوٗرن تہٕ گربستین بیدارٕی ہُند پیغام واتہٕ ناوُن۔ ژھان۔ کاٹلس اوسہٕ ترقی پسند
دورس منٛز یمہٕ کتھہٕ ہند احساس رودمُت زِ شاعری اگر پیغامچے کام چھیہٕ ہیٚنی تہٕ کرٕتھہٕ تہٕ گرٕتھہٕ
تتھ منٛز شعرٕیت قایم روزن۔ یوٚہے وجہ چھُ زِ "مس طر" سوٚمبرنس منٛز
شاعری چھیہٕ تبلیغ زیادٕہ تہٕ شاعری کم۔



# جدید کٲشُر شاعری

کٲشِرِ شاعری پیٹھ ترقی پسند تحریکِ ہُند اثر ہیوتُن الہٕ پلہٕ ۱۹۵۵ ءیَس اَندٕ پکھہٕ سوتُن۔ رُوٗسَس منز یِم حالات سٹالِن ہِنٛدِ مرنہٕ پتہٕ پٲدٕ گۓ، تِمَو چھٕٹرٲو ترقی پسندن ہِنز خانہٕ عمارت۔ سارِس برصغیرس منز ہیوتُن امیُک اَثر دارٕ دارٕ کم گژھن تہٕ شاعرو ژیوٗن زِ محض وۄزمِن خیالن تہٕ موضوعن نظماونہٕ سۭتۍ چھنہٕ تِم شاعری سۭتۍ انصاف ہیکان کٔرِتھ۔ وۄزمِ خیال تہٕ موضوع اپناونۍ چھنہٕ غلط مگر ییلہِ نہٕ یِم خیال تہٕ موضوع شاعر سنٛز EMOTIONAL PERSONALITY متاثر ہیکن کٔرِتھ تمہٕ وِزِ چھِ تِہنز افادیتھ ختم گژھان۔

چونکہ کٲشرِن شاعرن گیوٗو یہِ احساس زِ تِمَو ہیوٚت زندگی متعلق نۄوِ سرٕ نۄو اندازٕ تہٕ نۄو انمانہٕ سونچُن۔ تِمَو ترٲو نعرہٕ بازی تہٕ پروپگنڈا تہٕ پننۍ ذاتی جذبن ہیوٚتکھ زبان اَنُن۔ اَمہِ تبدیلی ہِندِس نتیجس منز یِم شعر تہٕ نظمہٕ تخلیق سپدۍ، تِمَن منز ہیکون اَسۍ دیناناتھ نادم سنٛز "نابد ٹیٹھ وَن"، رحمٰن راہی سنٛز دۄہہٕ ۄہری، امین کامِلنۍ یارٕبلُک سحر، غلام نبی فراق سنٛز نظم محجوب سنٛز قبرِ پیٹھ تہٕ بُلبُلس کُن" تہٕ شامِل کٔرِتھ۔

نیلس پر دس وُزھ تھتھرایا
گُل پترامانسِ ژانُس دژاھرہ
گُل دانِسُ منز دوٕن ٹورن پیٹھ
دوٕن سرِکھنِ ہُند آکاراہ ہیو

(نابد پیٹھ وُن - نادم)

بے خیالی منز یہ تھتی یار بُلس پیٹھ ووتُس
دِہہ وُزی برونہہ تہ یہ کول آس ییژھے ستی باسان
لوہ پیٹھ آس گرشان ٹنزی یتھے پاٹھی لولیاہ
(زن تہ خاموش سرس منز چھپہ ٹلاں وو ٹھ گاڈاہ)
سُے کِکر پھلیہ ہوا پرانہ سِراہچ تہ ہتھ
نب یُتھے ناگ وُنگ زوٗن یپے زل پرِ دیا

(دہر وُہری - راہی)

دوس آہستہ قدم تِل ٹوٹھ دلبر چھُم ییتی
اوٕ یمن وٲرن گلبن تِل اوٕ ییتی باغس اندر

(محبوب سنز قبر پیٹھ - فراق)

کلُس تِل روٗپے روپھ چھُ لیس ہیرٕتے بون
ژہے مضراب لوٗیتھ پھلے ہیٚرنہ منے چھاوٕ نہ
دلن ڈوٗرِ دیت شوقہ جین گانٹہ بیرن

## بہارس چھُ عازت نظرراوٕراوٕنۍ

(بُلبُلس کٕن فراق - فراق)

کاشرِ شاعری ہُند یہِ نوٚو انداز تہٕ اظہار چھُ اکھ ٹاکارٕ تبدیلی ہُندِ پے دِوان ،
دیناناتھ نادِم چھُ وارٕ وارٕ نظریاتی شاعری ہندِ تبلیغی اندازٕ نِشہٕ لوٚب ہیوان تہٕ اکھ
نوٚو اظہار تہٕ اوٚسلوب اختیار کران - سہٕ چھُنہٕ راہی ہندی پأٹھۍ اَمہٕ تبدیلی ہُندِ نٔنہٕ وٲنہٕ
تہٕ ٹاکارٕ پأٹھۍ اعتراف کران بلکہ چھُ روٗپ بدلاوِتھ پرٕنۍ وأنس اَمہٕ مزاجٕ تبدیلی ہنٛز
ژینہٕ وُن دِوان - سہٕ چھُنہٕ راہی ہندی پأٹھۍ قدرن ہنٛز پامالی تہٕ تباہی ہُند شکار
گژھان بلکہ چھُ دوٗر روٗزِتھ اَمہٕ تباہی ہُند تماشہٕ وُچھان - اگر نادم ، راہی ہندی
پأٹھۍ داخلی سطحس پیٹھ زیادٕ متاثر گومُت سہٕ آسہٕ ہے تٔمی سندی پأٹھۍ وٲرگس تہٕ اردٕ بیرس
منز ہیتہٕ آمُت -

نادمن ہیوٚت ترقی پسندی ہُند نظریاتی تبلیغ اکھ طرف ترٲوِتھ زندگی ہندِس
دِلہٕ ہارس سنُن - تٔمی ہیوٚت زندگی منز گُپھتھ اسرارن نٔم دِتھ تِہُند حُسن بدٕ کڈُن - تٔمی
ژیوٚن زِ زندگی چھےٚ بدل وٕنۍ اظہارن ہُند روٗپ تہٕ یمنے بدل وٕنۍ اظہار
لوٗگ سہٕ پننہٕ شاعری منز تخلیقی طور پیش کرنہٕ -

ڈاکٹر حامدی کاشمیری چھُ نادمنہٕ اتھ مزاجٕ تبدیلی کُن اشارٕ کران لیکھان۔
" چنانچہ نظریٔ ہُند ٹھٹھنیار ، وٕ میزن ہنٛز پامٲلی تہٕ خابن ہنٛز چھِلہٕ چھانگرٕ
علاوٕ ہیوٚت نادمن پننین نظمن منز زندگی تہٕ ماحول کین بنیین توجہ طلب
مسلن پیٹھ غور کرُن یمن منز یاوُن ، ہجر ، سونتھ ہرُد کاشُر حُسن ، کاشریت ،
کاشُر کلچر تہٕ دیومالا قٲبلِ ذکر چھےٚ "

(حامدی کاشمیری - جدید کاشر شاعری ، صفحہ ۱۰۱ - ۱۰۲)

جنس (SEX) چھُ ناد مُن اکھ اہم موضوع ۔ " نابدٹیٹھ وَن" نظم چھےٚ اَمہِ قسمچو نظمو منز ناد مینٚز اکھ نمایندٕ نظم یتھ منز شاعر جنکس جذبس تہٕ اہمیژ پیٹھ غور چھُ کران ۔ اَمہِ نظمہِ ہُند اکھ اکھ مصرع تہٕ لفظ چھُ یہ تاثر دونلاونس منز کامیابی پراوان زِ جنس چھُ کُلہم انسانی تہذیبک تہٕ تمدنُنک آگُر ۔ نظمہِ منز چھِ اَسہِ تِم مشہور توٲریخی تہٕ نیم توٲریخی کردار تہٕ سمکھان یِمن جنسس سٟتۍ اکھ خاص تعلق رُودمُت چھُ یا یِم اَمی جذبچہِ گرمی ہندۍ پیداوار چھِ ۔ کل پترا ، شکنتلا تہٕ کُنتی چھِ تِم کردار یِمن اَمی جذبچہِ برکژ اہمیت چھےٚ میچھز ۔ شفیع شوق چھُ اَتھ نظمہِ متعلق کیتھ کران وَنان ۔

" اَتھ منز چھُنہٕ معنیک ارتقا بلکہ توثرک ۔ ساریے نظم چھےٚ اُکس علم جنسی تجربس اَندی اَندی وونتھ مگر یہ تجربہٕ چھُنہٕ رِوایتی اندازس منز پیش آمُت کرنہٕ بلکہ ییتھ پاٹھۍ زِ یہ چھُ بے واٹھ تہٕ اکھ اُکس نِش زِٹھنہ پیکرن ہندِ ذریعہ پانئے باوتھ لبان ۔ پرِتھ کانہہ مصرع چھُ اکھ پیکر تہٕ پرِتھ پیکر چھُ پننہِ جایہ بیٚیس پیکرس نِشہِ بیون تہٕ بدون اکھ حقیقتھ "۔ [۱]

پزر چھُ یہ زِ یہ نظم چھےٚ جنسچہِ اہمیژ متعلق تہٕ یہ احساس چھُ واریہ وارہ ارتقا لبان تہٕ پرن والس بیٹھ چھےٚ یہ کتھ وانشگاف سپدان زِ جنس کوتاہ اہم چھُ تہٕ انسانی تہذیبس منز کیاہ چھُ اَمیک رول رُودمُت ۔ وین گو وشوق صابُن یہ وَنُن زِ نظمہِ ہندۍ پیکر چھِ اُکس اکھ نِشہِ ژھینتھ چھِ سطحی طور پزر باسان مگر ہنا چھِ سُنتھ یہن محسوس سپدان زِ یِمن پیکرن چھِ داخلی طور اُکس اکھ سٟتۍ اژھیون واٹھ ۔ یہ چھُنہٕ صحیح زِ نظم کیاہ چھےٚ اُکس عام جنسی تجربس اَندی اَندی وونتھ بلکہ چھُ

[۱] شفیع شوق ۔ کاشرِ ادبُک توٲریخ ۔ صفہ ۱۹۰

نظمہِ ہُند موضوٗع جنسک جذبہٕ تہٕ اہمیت۔

اُندۍ یکھ سوٚدرا شیشے ناگس
یمپوشس تھٔہ بیوٗمُت برما
بُنگرن گوو چھوٗنۍ اُنہٕ اُندرٕ
میٚے چھُ باسان راٗژ ہنز باہ آسن
ہُتھ پَردس پٮ۪تہِ کنہِ کھتہ کھتہٕ ہش
دہ شوے دارہِ کنہِ اُچھ جوراہ

اَمہِ نظمہِ ہُند عنوان تہٕ چھُ بیٚنہٕ جایہِ اہم۔ نظمہِ ہُند عنوان چھُ" نابد ٹھٹھوٚن"
یتھ کیہنہٕ لوٗکھ غلطی کنہِ نابدٕ ٹھٹھون چھِ پران۔ شاعر چھُ دراصل یہِ کتھ پرٛتھان باوٕنۍ
زِ یتھ زمانہٕ تہٕ لوٗکھ نابد چھِ وَنان سُہ چھُ بُنیادی طور ٹھٹھوٚن تہٕ یُس تمن ٹیوٚٹھ
چھُ باسان سُہ چھُ ژکہِ نابدٕ نابد۔

"کاٹھ درواز بیٹھ گرتام" نظمہِ منز چھِ جنسک تُنزر تہٕ مروجہ سماجس منز
پھانپھلیمتہِ شوٗعورُک عکس برونہہ کُن یوان۔ فرایڈنہِ نوقطے نظرِ کنہِ اگر نظمہِ سام
ہیمو تیلہِ چھنے یہِ کتھ ٹاکارہ پاٹھۍ نَنان زِ نظمہِ منز وۄتلن وول معصوم شُرکتھ پاٹھۍ
چھُ پننہِ احساس باوِتھ پننہِ پرٛزنتھ (IDENTITY) ژھاران۔ نظمہِ ہُند اکھ
تاویل ہیکہِ یہِ آستھ زِ شرکُند شبیہہ چھُ ژکہِ فرایڈ سند تصورِ اڈک (ID)
علامتی اظہار تہٕ ماجہِ ہُند پیکر چھُ (ایغو) ہُنٛز علامتھ بنان۔ "کاٹھ درواز بیٹھ گرتام"
ہم چیز شُر دُچھان چھُ تہنز کُشش چھنے اڈچہِ (ID) زورٛوری تہٕ طاقتُک
پے دِوان۔ شُر چھُ جنسی جذبکہِ مژرچ عکاسی مختلف چیزن ہندِ منگہٕ ستۍ کران

گمرموج (EGO) چھِنے شفقت تہٕ مایہٕ ستۍ برم دِی دِی شُرِس یِمَو چیزَو نِشہٕ بچھ رٹان۔
شُرِیُس زن اڈٕچ علامتھ چھُ ہیکہٕ پھاسہٕ یا کاٹھِس تہٕ کھالہٕ ناوِتھ تِکیازِ سُہ چھُنہٕ
سماجس منز بارسس قدرٕن، ریژن تہٕ رلوایژن ہُند وارے برٲن۔ اَتھ مقابلہٕ
چھِنے موج، یوسہٕ زٕن نظمہِ منز ایگو ہِچ علامتھ چھِنے، یِمَن سارِنے چیزن ہُند احترام
کرِتھ یِمَن ہنز پابندی تہٕ قبوٗل کران۔
نظمہِ منز چھِ یہٕ موج شعوٗرٕچ تہٕ ادراکٕچ عکاسی کران ییلہٕ زن شُر محض اڈکِین
بے پرٕژھ تہٕ بے لگام محرکن (DRIVES) ہنز نمایندگی چھُ کران۔ نظمہِ ہِندِ عنوانکۍ
زٕ لفظ "کاٹھی درواز" تہٕ "گرٕ" چھِ اہم لفظ۔ مطلب یہ زِ سماجک احترام کرنہٕ ورٲے
تہٕ سماجی پابندی قبوٗل کرنہٕ ورٲے ہیکہٕ انسان تہٕ انسٲنی تہذیب ختم گژھِتھ۔ "گرٕ"
لفظ چھُ سکوٗنس تہٕ استحکامس کُن اشارٕ کران تہٕ امہٕ ستۍ چھِ یہٕ سماجس منز فردٕ ہنز پرزنتھ نتۍ
نیران۔ سماج تہٕ چھُ برونہہ پکان تہٕ فرد تہٕ چھُ پننۍ شخصیت تعمیر ہیکان کرِتھ۔

تۄت کیا با چھکھ پونس پی پژ
وُچھ دِتھ زن ژرج۔ مےٚ تہٕ گرژھ پی پژ
تۄت کیا با چھکھ۔ ترٕیشا چمہٕ ھا

---

تۄت آسُن چھُ جنسک زور، ترٛز تہٕ مزر ہاوان۔ نظم چھِنے عام کتھِ باتھ ہِندِس
اندازس منز تہٕ مکالمن ہِندِ ذریعہ ازتقا لبان۔
نادمن ییٚتھ ہِمہٕ نظمہٕ ییکھنہٕ پننہٕ تہٕ کیہنہ ترٕژھ نظمہٕ یِمَن نظریٲتی وابستگی ہُند مُشک
چھُ پِوان۔ مگر یہ تہٕ چھُ پننہٕ جایہ صحیح زِ امہٕ قسمچِین نظمن منز رُود نہٕ تمی سہٕنز نظریٲتی وابستگی
ہُند عنصر حاوی بلکہ گویا غامک ژونگ ناموافق حالاتن ہِندِس داو طوٗفانس منز

ژھینہٕ۔ سُہ چھُ پننِس کنِہ پھُٹہٕ متین خابن نوٚ سرٕ تعمیر ژھان کرُن مگر یہِ کران چھُ تس محسوٗس پیدان زِ تس چھُ ماحول تہٕ حالات طنز کران تہٕ ٹیپ ژٹان ۔

اٰسہٕ کھنڈا اکھ اَڈگر مڈگرٕ
ژھوپہٕ ڈیرس پیٹھ ترٛاوان گاہ
گاوا اکھ پیٚچ مُدیا گرنس
ہوٚنیا اکھ پیٚچ دُنینس ہاہ
مرٕ اکہٕ تیٚچ تھوٚزچہِ ترٕ پشرتھ
اَمہٕ اور کمہٕ وُچھ کس وَنہٕ کیاہ

رحمن راہی سُند خیال چھُ زِ یہٕ نظم ما آسہٕ ہے "پاسہٕ سون" بنیمژ اگر آخری دون مصرعن ہنز جاے کانہہ بدل موزوٗن نہٕ حسب حال اظہار رٕزِہ ہے۔ سُہ چھُ لیکھان زِ "مے چھیٚاتھ منز زچہِ ترٕ تہِ بدقسمت باسان تہٕ پشرتھ تھاونُک تصور تہِ تہٕ یہِ باس چھُ میانِس سرورس خلل کران۔ نتہٕ ہیکہٕ ہا یہٕ پاتےٚ ظاہر کنِہ اَمہٕ اور نہٕ خبر کیاہ کیاہ وُچھتھ تہٕ شاعرس آس نہٕ فکرے زِ کس وَنہٕ کیاہ" [1]

راہی صابن لیُٛس تاویل گرتھ نظمہِ ہند تنقید چھ کوٚرمُت تمہٕ کنِہ چھُ ممکن زِ تِہُند تجزیہ آسہٕ پتنہٕ جایہٕ درست ۔ اگر نظمہِ ہُند تاویل یتھ پاٹھی کرو زِ شاعر چھُ پننین پھُٹہٕ متین خابن ہنز چھلہِ چھانگرٕ وُچھتھ پریشان گژھان تہٕ یمن پھُٹہٕ متین خابن ہُند امار چھ تس یہندِ باپتھ کانہہ محفوظ دامن ژھانڈنہٕ خاطرٕ آمادٕ کران۔ شاعرس یمن

---

[1] رحمن راہی ۔ کہوٹ ۱۹۷۹ء صفہ ۴۹

قدرن پیٹھ پرٛتھ چھےٚ آسان تِمہ چھہ ووٗنی فرسوٗدٕ سپزٕمژٕ تہٕ زچہٕ ترن منز تبدیل
گامژٕ۔ فرسوٗدٕ گمژٕ یِمہ قدرٕ چھِنہٕ شاعرس کانہہ اَتھ روٗٹ کران بلکہ چھُ سُہ یِمن
پتھ پھُٹمتی خاب زورٕ پیش راوان۔ اَمہ حسابہٕ اگر سنوٚ تیلہٕ چھہ نظمہٕ منز بیش سیدمُت
پزتھ کانہہ اظہار موزوٗن تہٕ حسبِ حال باسان تہٕ سرورس منز تہٕ چھُنہٕ کُنہ قسمُک
خلل پاَدٕ گژھان۔

جدید زندگی ہُند پُرآشوب صوٗرتِ حال چھُ تمی ہنز نظمہٕ "زلرِ زاج" منز وضاحتہٕ سان
باونہٕ لبان۔ شاعرس چھُ سوٗرے اوٚند پوٚک گرد آلود باسان تہٕ یہ گرد چھِنہٕ زندگی
ہنٛدس ماَری منزٕ رس تہٕ حسس تہٕ پرٛتھان۔ یہ نظم چھہ اکھ تیتھ عالم وۄتلاوان یتہٕ تہٕ
کہنی چیز ڈنجہٕ چھُ۔ ساَرے چھُ پھُٹی بھاک گومُت۔ برن چھہ ٹنگ دراَمتی۔ یوان
چھہ بینشن تور بڈن منز تبدیل گامتی۔ لاَلہ ہنٛدس بیرس پیٹھ چھِیہ گرد ڈاپھ ترٛاوِتھ۔
دیوان خانن چھُ لرٛتھ ہُند گچھ گرِتھ۔ (لرٛتھ ہُند گچھ زن چھُنہٕ موزوٗن اظہار باسان
تہٕ کیازِ اَمہ لفظُک ورتاو چھُنہٕ نظمہٕ ہنٛدس موڈس ستی ہم آہنگ سپدان۔ مایوسی منز
کیتھ پاٹھی ہیکہٕ گچھ کرنُک تصور پاَدٕ سپدِتھ) ژھوایاری چھہ زلرِ زاجس ہند راج۔ شاعر
چھُنہٕ یہ صوٗرتِ حال وُچھان تہٕ ژینانے یوت بلکہ چھہ اَمہ منز نیرنچ وَتھ تہٕ ژھاران
یوسہٕ نہٕ سُہ لبِتھ چھُ ہیکان تہٕ آخرس چھےٚ تمی ہنز کل تہٕ آش "دیوٚ" لفظس پیٹھ اَند
واتان۔ سُہ چھُ ذہنیچہِ زلرِ زاج لدٕ دارٕ مژران تہٕ واو زنگن وُنی دِوان مگر تِمہ
چھِنہٕ نظری گژھان۔

برٛنگہ دراَمتی زنپنے ژاہتی
بُڈٕ جورا بینشن ہنہٕ آمتی

ٹھکوِ متھ ژھٹنٕہ متھ جسہٕ ولسرِمتھ
زِندٕ پانے ییمہٕ دُنیاہ گاہِ متھ
ہے دم گو وولہٕ ڈارا مُژراوُو
واو رٔنگا دٔوو بیہٕ کیٚنہٕ کانژھا
دٔوِ یِم زاج پتھر پٮ۪ن بون کُن
دیوان خانس دیوگژھِ شہہ پھیر

اَمہٕ ذہنی کیفیژ پتہٕ چھُ شاعر نوین کیفیژن ہندی عالم محسوٗس کران ۔ زٔہری زاج نظمہٕ منز ۔ یوٚدوے یقینس تہٕ یرادس کانہہ عمل دخل چھُ نہٕ مگر تو تہٕ چھُ شاعر آش تہٕ طماہ ہیکان کٔرِتھ ۔ اَتھ نظمہٕ منز چھُ ناٗدم لفظ بے وایہ تہٕ اختصارٕ لحاظ کرِنہٕ ورٲے ورتاوان، سُہ چھُ اوٚہ ، اوٚہ ، اوٚہ تمہٕ تکرارٕ سان ورتاوان زِ یہ چھُ یٔرن وٲلس تہٕ کھران تہٕ نظمہٕ ہنٛدِس حسنس تہٕ چھُ اَمہٕ سٟتی دداہ واتان ۔

ناٗدمُن ذہینی سفر چھُنہٕ اَتی منجمد گژھان بلکہ چھُ بروٚنہہ پکِتھ نوین پڑاوَن ہنٛدی سرحد ژھنڈان ۔ یمن پڑاون پتھ وٲتِتھ چھُنہٕ ناٗدمس یقین ، یرادٕ یا آش کانہہ اَتھ روٚٹ ہیکان کٔرِتھ بلکہ چھُ سُہ شکن تہٕ وسواسن منز ہیٚنہٕ یوان ۔ سُہ چھُ پرِتھ کُنہٕ چیزس شکچ نظرٕ وُچھان ۔ یہ کیفیتھ باوٕنہٕ خاطرٕ چھُنہٕ ناٗدِم خود کلامی کاٗم ہیوان یوسہ ییٚتھِس حالتس منز زیادٕ کارگر ثابت گژھہِ ہے ۔ بلکہ چھُ بیانیہ ہِک سہارٕ نوان ۔ یژھن کیفیژن ہنز اکھ نمایندٕ نظم چھِ یہ ۔ (NARRATION)

بوٚڑٕ کھورا اکھ دٔرتہٕ پتھ ہیوٚمُت
اَسا وہرِتھ ژھاراں نرلِش

ہوٗنا اکھ آو لمناہ کوٗرنس
تھجہ مژ بُتھو کھنجہ دیُتنس پھیش

اُندی پکھو کین معموٗلی چیزن ہندِ نظمہ ہندِس کنواسس منز پنہٕ ستی چھُ نظمہ منز اکھ سرساوہٕ پاد سپدمُت تہٕ معموٗلی لفظ چھِ بنہٕ سطح پیٹھ وُتھتھ نوٚین علامژن ہندی روٗپ رٹان۔ "دوٗر" نظم تہٕ چھےٚ تقریباً اُمی قبیلچ نظم۔ شاعر چھُ جدید زندگی ہنز افراتفری وُچھتھ یتھ کال کین حسین لمحن منز پناہ ژھانڈان۔ شفیع شوقن یہ وونُ چھُ بلکُل صحیح زِ اُندی پکھو معموٗلی چیزن ہندِ پُراسرار آسنک چھُنہٕ نادمنس حدس تام کانسہٕ شاعرس احساس۔ مطلب یہ زِ نادمنین نظمن ہندی ساری پیکر چھِ ییٚژ پاٹھی اُندی پکھو عام زندگی ہندی پیکر باسان۔

نادمن کوٚر پننین تازٕ وارد تجربن تہٕ واقاتن ہُند اظہار غزلس منز تہٕ۔

روتلہ پتہٕ ییہ! ییہ ناگاش
وَنہٕ کیاہ۔ بنہٕ کیاہ چھُنہٕ دل مُل
وُتھ سُوی سُوی مَتہٕ بہٕ تو راتس
کُنہٕ لولہٕ سرچ باو تھ گژھی تو۔

یمن شعرن منز یُس صوٗرتِ حال وٕتلان چھُ سُہ چھ مویوسی تہٕ حایرٕنگ گوٚن تہٕ سوٚن احساس پاد کران۔ پژتھ طرفہٕ چھِ گٹہٕ بوزنہٕ یوان تہٕ شاعر چھُ گاشہٕ زٕژہٕ وَ خاطرٕ پریشان۔ تسُ چھِنہٕ ساریے کاینات دم پھُٹی تہٕ خاموش باسان۔ سُہ چھُ یہ خاموشی پھٹراونی یژھان مگر تسُ چھُنہٕ کانہہ ساتھ دِوان۔ نتیجہٕ چھُ یہ نیران زِ تمی ہندی شعر چھِ بےمعنہٕ یتک رنگ رٹان۔

وُنہ شہہ چھُ کھارُن وُنہِ دم گرزارُن
کرنجلبو کرنجلبو آباہ چھُ سارُن
چھِتہ ہوشہِ ڈوٗل کاہنہ نہ چھِتہ فکر وٗل کاہنہ
اتہ اور وُنتم ییٚتہِ کیاہ چھُ لارُن

نادمنین غزلن منز چھِ تتھی شعر تہ نظرِ گژھان یہندی مارِ مندی پیکر اُچھن تہ چھِ شہلتھ بخشان تہ ذہنس تہ چھِ منور کران۔ گوڈ چھُ پرن والی سُند مَن محظوظ سپدان تہ پتہ چھِ شعرچہِ مختلف جہژ تہ توجہ طلب بنان۔

صُبحچہِ پرو گرژھہِ اتھ شر شاید
اتھ نیون ٹوٗرن نالس کُن
سانے کتھ کرِ دلو کلہ والن
بیالن اُچھ پھرِ پیالس کُن

باغ اُژھ! سنگین دروازس بُچھیہ اندی یُچھی یوسمن
سوٚمبری مِتی چھِن شوقہ مُشکہِ دار روشس راتھ نام

رحمن راہی ہندس مزاجس یوسہ اہم بندیلی ترقی پسند تحریکہِ لتہ دور نہ پتہ آیہ سوہ چھیہ یہ زِ تمی ہیوٚت یتہ شاعری منز انسان ہندین ازلی مسلن شدتہ سان سنُن۔ تمی ہیوٚت آدمی لوس للہ کھوٚل کرُن۔ موتچہ غارت گری ہُند خوف ہیوٚتن تس زیادے گنُن۔ راہی ہندِ لوکٕ تصور چھِنہ رِواجی عشقکی پاٹھی فراقیچ تہ ہجرچ دگے یوت للہ وان بلکہ چھِ اتھ منز وصلکی لطف اندوز تہ پُرکیف منظر تہ نظرِ گژھان، سُہ چھُ نِسوآنی خوبصورتی تہ جسمس محبت کران تہ جسمچہ کین انگن ہنز نزاکتہ تہ لطافژ ہُند موج تہ تُلان۔

"دِہہ وہری" چھےٚ اکھ لوٚلہٕ نظم۔ نظمہٕ ہُند کِردار (شاعِر) چھُ بے خیالی ہندِس عالمس منز تتھی یارٕبلِس پیٹھ واتان یتہِ تمۍ ہندی محبوبن تس ستۍ عہد وپیمان چھُ آسان کوٚرمُت۔ تس چھُ محبوب سُند ماری منز، گفتار تہٕ شوخی یاد پینس ستۍ ہستی تمۍ سنز قبرٕ ہُند ہیوٚر تہٕ یاد پیوان۔ یُس ووٚنی پرٛانیومُت چھُ آسان۔ تمس چھِ تِم ہہانہٕ تہٕ یاد پیوان یمن ہندِ سہارٕ تمۍ سُند محبوب تس سمکھنہٕ اوس نیران۔

نظمہِ منز چھےٚ تمہٕ سماجٕچ عکاسی تہٕ سپدان یتھ منز شہ تہٕ تمۍ سُند محبوب روزان آسی۔ محبوب سُند من چھُ سماجس خلاف بغاوتھ کٔرِتھ پننی پرٛزنتھ حاصل یٔژھان کرٕنی مگر مُروجہٕ سماجٕچ پابندی تہٕ تمِچ فرسوٗدٕ قدر، زورٲوری تہٕ انہِ چھِ تس بنیہٕ سماجس منز شُترٕ پرٛادان تہٕ شہ چھُنہٕ پننی پرٛزنتھ حاصل کرنس منز کامیاب گژھان، پننہٕ پرٛزنتھ تہٕ وجوٗدُک یوٚہے راوُن تیوٚل چھُ تس تمِس گاڈٕ ہنز بأش کران یوسہٕ خاموش سرس منز ووٚڈھ ژٕلتھ ہیوٚر چھےٚ یژھان کھسنہٕ مگر سو چھےٚ زمینی کُشِشہٕ تہٕ پننہٕ کمزوری کِنی بٔنیہٕ آبس منز وٗکراو تہٕ پوان۔

دِہہ وری برٛونہہ تہٕ یہ کول اُس یرٛژھے ستۍ باسان
لوٚبہٕ ہیٚٹھ اُس گژھان تُرزی پینٛنے پاکٹھی بولیاہ
(زِن تہٕ خاموش سرس منز چھےٚ ووٚڈھ ژلان گاڈاہ)
تُسے بِکر پھُلیہ ہوا پرانہٕ شرانیچ تیہہ ہیتھ
نبہٕ یوٚہے ناگ ونک زوٗن یہاے زن پرٛیاہ
پنُن وجوٗد راوُن تہٕ لول اندِس نہ واتُن چھُ یتہٕ تس بےلہِ جِہ بیمارِ منز مبتلا کران۔ یتہٕ یہاے بیماری چھ تس موتس ستۍ ہمکنار کران۔ بِکر پھُلیہ ہوا چھُ

نظمہ منز اَتھی جان لیوا بیمار کُن اشارٕ تہٕ کاشرس منز چھُ اَتھ ارسطو تہٕ ڈکھ۔ اَتھ نظمہ منز چھیہٕ کیہنہ نہٕرل تشبیہہ تہٕ نظرِ گژھان۔ مثلن نب یوٚہے ناگ وَنک زوٗن یہاے زل پٔرِیا"۔ نظمہ ہنز لفظ تزار چھیہٕ موزون تہٕ یہ چھ نظمہ ہندِس موڈس جان پاٹھۍ (PROJECT) کران۔ ساد نظم آسنہٕ تہٕ چھیہٕ یہ فرحت تہٕ مسرت بخشان تہٕ پرن واٲلی ہنزِ بصیرژ تہٕ چھ کیہنہ نہٕ کیہنہ حاصل سپدان۔

اَمی قبیلچ بیاکھ نظم چھیہٕ "ترےٚ کور"۔ اَتھ نظمہ منز چھُ بُنیادی طور اَکسے کورِ ہندِ ترِن دورن ہنز عکاسی سپدان۔ گوڈنچ کور چھیہٕ تمۍ ہندِ شبابچ علامتھ یوسہٕ کینژو بصری پیکرو ذریعہ پرن واٲلس بروٚنہہ کُن یوان چھیہٕ

گوڈنچ

لیٚمبہٕ منز سوہنہٕ ہٕری گاڈ

ہٕن ہٕن چربہٕ ژانگچ ریٚہہ

رُم رُم اَنہٕ گٕٹہٕ کوچن ہندی تٔنۍ جبشی شہہ

نظر نظر پھیرِکہٕ ہوٚت جنگلٕ

بنض بنض یپیر زاکھاسین کوتر رٔتھ

گوڈنچہ کورِ ہند شبیہہ چھُ یمہٕ کتھہٕ ہُند تہٕ اشارٕ کران زِ شاعرن چھُ اوٚتام کورِ ہُند حُسن تہٕ شباب صرف اُچھوےیوت ستۍ وُچھمُت تہٕ اکھ صورتِ حال چھُن محسوس کوٚرمُت یُس بصری پیکرن ہندِ ذریعہ پیش چھُ سپُدمُت۔

دوٚیمہٕ کورِ ہُند شبیہہ چھُ شاعرن تتھہٕ پاٹھۍ وونلومُت زِ پرن واٲلس چھُ محسوس سپدان زِ شاعرن چھیہٕ یہ کور نزدیک گژھتھ وُچھمٕژ تہٕ تٔس ستۍ ملاقاتھ تہٕ محبت تہٕ کوٚرمٕژ۔ دوٚیمہٕ کورِ ہُند شبیہہ وونلاونہٕ خاطرٕ چھُ شاعرن لمسی، شامی

تہٕ سمعی پیکرن ہُند برمحل استعمال کوٚرمُت۔

اگر ژٕنتہٕ استاوٕنچ
ہَن ہَن اُمرہٕ وانیکٕ سرٚیہہ
رُم رُم سحرچ بانگ
نظر نظر رُدواہ چھُ کھوتمُت پرٕتھ وَتہٕ یُپ
بنض بنض کوٚہہ تیناٮ۪ن کھسہٕ چھوٚٹ پوٚنپُر۔

ترٚیمہٕ کورِ ہُند تشبیہہ چھُ بیٚیہ کینژن بصری پیکرن ہنٛدِ ذریعہ پیش پیدان۔
ہم بصری پیکر چھِ جوانی ہُند نار ژھیتہٕ گژھنس کُن اِشارٕ کران۔

ہَن ہَن گژمژ
رُم رُم دٗدی متہٕ
نظر نظر اندٕ وند کوچس منز ہُرتھ پیمژ۔

راہی سُند لولہٕ تصور چھُ بروٚنہہ کُن بدل بدل پہلو تہٕ وِہی ہاوان" قعر دریا"
نظم پرٕتھ چھُ محسوٗس سپدان زِ شاعرس چھُ لولہٕ بغارے دِنہکُ تصور بے معنہٕ باسان۔
لولہٕ کہ تصور بغار چھُ تس سورے عالم اکھ صحراو باسان۔ تَس چھُ باسان زِ اگر کانہہ
چیز تمِ ہنز زندگی معنہٕ ہیکہِ دِتھ سُہ گوٚو فقط لول۔ سُہ چھُ محسوٗس کران زِ سورے عالم چھُ
لرٕژھہِ بُزِتہٕ گرد آلوٗد (الاَنس پرٕتھ طرفہٕ نزلیشہِ ہنٛز لرٕژھ) تہٕ اکھ تیٚتھ ریگ زار یتھ
منز نہٕ سرابکُ دوکھ تہٕ ہیکہٕ لگِتھ۔

باسان چھُ زِ اَمہٕ نظمہِ ہنٛدِس پوٚت منظرس منز چھِ تم ساری واقعات تہٕ
تبدیلیہٕ پَتھ پردہ بنیو وٕہمہٕ صدی منز انسان سُند صورت حال انتہائی حدس
تام المناک بنوو تہٕ سُہ بنووُن اروبیرک وارث در۔ اُزی کس انسانس

چھ پگاہ اُزی کہِ کھوتہٕ زیادٕ تاریک لبنہٕ یوان ( وہالی نظرٕ روٗنی کرٕ ہنی شینٛچھ) ژھوٹِن لفظن منٛز ہیکوٗ ونِتھ زِ یہِ نظم چھیہٕ جدید انسان سٕندِ تہٕ تمٕس باگہِ آمتہٕ کاینا تُک اکھ منظر نامہ (LANDSCAPE) ۔ توجہ طلب کتھ چھیہٕ یہِ زِ شاعر ہنز رومانی فکر چھِنہٕ تسٕ ناوومید کران ۔ سُہ چھُ محبوب ہندِس دامنس تھپھ کرِتھ تہٕ یہِ سورُے صورتِ حال مُشرٲوِتھ تمٕس قریب گژھان تہٕ زندگی متعلق تِ سپر خاب وُچھنچ کوشش کران ۔

قریب بنیہٕ ہَن وَچھس وَچھاہ سِر
چھُ لولہٕ ہوٚت دم مرٕنہِ ہیچ جوانی
یہِ نار وُہی نے یہِ ترٕیش ہُرینے
گوٗلاب چھُے شہہ خمار پھِے اَچھ

" قعرِ دریا" نظمہِ منٛز چھِنہٕ ایلیٹ سٕنز (THE WASTE LAND) نظمہِ ہندی پاٹھی زندگی ہنٛدِ از سرِ نو تعمیر سپدنٕچ محض اکھ ووٚمید یادٕ سیدان ( یوسہ مذہبہ کہ اَتھٕ رٕٹہٕ پٲدٕ ہیکہِ سپدِتھ ) بلکہ چھُ اَتھ نظمہِ منٛز محبوب سُند وجوٗد زندگی ہنٛدِس زہرِ ریس حرارتھ بخشان تہٕ گنٛٹس منور کران ۔ یہِ کتھ تہِ چھیہٕ اہم زِ راہی چھُ اَتھی نظمہِ منٛز گوڈنکہِ پھِر بنہٕ وجوٗدی فکرِ ہُند باس دِوان یِیلہِ سُہ پتھ کال مُشرٲوِتھ زندگی ہُند نازٕ ترین صورتِ حال وُچھِتھ سوالہٕ چھُ تُلان ۔

خوشحالہ ہرنا گنٛس ونس منٛز
وُچھان تاپس گنٛدان ژھاین
نظرٕ پھِرس تہٕ ناگہ وٲنی پرٕژھنس
ژکس تہٕ ہماراں اُچھو وُچھاں کیاہ

پرژھلی دِلن کھاری کٔنڈی سوالن
دہن سوری اُچھ ژھرے جوابَن
بوچھس کیٚمس کمہٕ گولاٚبی کُٹھ دیُت

نظم چھیٚ قدرن ہنز پامالی نہٕ عقایدن پیٹھ پرٛژھ وۄتھنُک احساس ضرور پاد کران تہٕ کرٛتھ تہٕ چھُ شاعر وُنہٕ اُکس قدریس پیٹھ مکمل اعتبار کرٛتھ جدید زندگی ہنز المناکی ہند دریا اُثر لِنشہٕ بینہٕ پان الگ کڈِتھ زندگی منز آور سپدان تہٕ سہٕ چھُ زندگی بیٚیہٕ نٔو ہیوان کرٛنہٕ۔

ژہ اٰتھو گٔژس منز دُبارٕ زایکھ
وُژھے سو وانٛگ منے پرزناوکھ
ژے زنتہٕ سُے ژوٚنٹھ شاخہ وولُتھ
مے آلوے زنتہٕ سو خُدایی

وُچھتوٚ بیٚیہ اکہٕ نظمہٕ ہُند اقتباس یُس پرٛتھ محسوس چھُ سپدان زِ شاعر چھُ زندگی ستی برپور پاٹھی وابستہٕ۔

تُلا تراد یہٕ ہوٚندر پنجر یلہٕ
کٔلِہن ہتھے ژھایہ گٔبر
برکھ ہاوُنہٕ تہٕ میامیاں کران
(اٰنہٕ وُچھتھ)

زندگی متعلق اہم انداز سونچنہٕ تہٕ لولہٕ جذبس اہم آیہ آبیاری کرنہٕ ستہٕ چھُ شاعر زندگی بلکل نِکھ تہٕ قریب گژھان۔ نتیجہٕ چھُ نیران زِ زندگی ستی اہم تفسیح وابستگی چھہٕ تمی سندِس جنسی جذبس طاقتور بناوان تہٕ سہٕ چھُ زندگی ہندِن

باقی پہلوون مُشرآوِتھ کینژس کاسَن پَنُن مَن رنزناوان ۔ یہ طریقہ کار چھُ جنسی
فعلہ کِسن وییٚہن تہٕ ذِہن تخلیقی شکل دِوان ۔ شاعرس چھُ جنس زندگی ہُند اگر بنہٕ
پیوان ۔ پیٚھٕ ہوی تجربہٕ چھِہ ڈرامایی اندازس منز پیش سپدان تہٕ یہ ڈرامایی انداز چھُ
تمہٕ مخصوص پیکر تراشی تہٕ لفظ نژارِ ستی وۄتلتھ ہیکان یُس راہی سُند خاصہ چھُہ ۔ پیٚھی
ہوی تجربہٕ چھنہٕ فحاشی بنان مگر یہ کتھ چھِ صحیح زِ عریانیتھ چھیہٕ یمَن تجربن حسین
تہٕ خوبصورت بناوان تہٕ یوٚے چھُ یمَن تجربن ہُند مژ تہٕ ۔

راہی سنز "تخلیق" نظمہٕ متعلق چھ کینژن لوکن ہُند وَنُن زِ اِمکی کیہنہ حصہ
چھِہ خوبصورت تہٕ آخری حصہ چھُ نظمہٕ خواہ مخواہ طول دِوان تہٕ اَتھ چھ اکھ
کامیاب نظم بننہٕ نِشہٕ پتھ رٹان ۔ کیہنہ چھ یہ تہٕ وَنان زِ یہ چھنہٕ نظمے تکیاز
یہ چھیہٕ نہٕ واپہٕ پاٹھو جنسی عملہٕ ہنز باوتھ کران ۔ جنسی موضوع آسنہٕ کِنہٕ ہیکہٕ نہٕ
کانہہ نظم جان یا خراب گنزراونہٕ یتھ ۔ اَتھ نظمہٕ منز چھ لفظ تہٕ پیکر تمہٕ
انداز پیش آمتی کرنہٕ زِ تم چھنہٕ کُنہٕ شُبہٕ معنیس پیٹھ واتناوان ۔ دوٚیم یہ زِ جنس
چھ پتہٕ وَتہٕ تخلیقی عملچ علامتھ مانہٕ آمُت ۔ لفظ تہٕ پیکر ییٚلہٕ یتھ پاٹھو استعمال
ین کرنہٕ زِ تمن ہندی معنوی امکان ہُرن نیٚلہٕ چھِہ تم تخلیق ہُرن والی
سُند ظرون پانس کُن بار بار پھران ۔ نظمہٕ ہُند عنوان چھ تخلیق تہٕ یہ تہٕ چھُ ممکن
زِ یہ ہیکہٕ تخلیقی عملہٕ ہنز ورگہٕ باوتھ آسِتھ یعنی شاعر ییٚلہٕ کُنہٕ تخلیقی تجربہٕ منزٕ گزران
چھُ تمیٚ سُند وطیر کیتھ چھُ تمہٕ ساعتہٕ آسان تہٕ بینس اَتھ تجربس زبو
دِنہٕ خاطر کوسہ ژھرٹ ژھرٹ چھیہٕ تمس کرنی پیوان تہٕ ییٚلہٕ سہ اَتھ تجربس
ذبو دِنس منز کامیابی چھ پراوان سہ کمہٕ قسمچ فرحت تہٕ مسرت چھُ
محسوس کران ۔ زیر بحث نظمہٕ منز چھُ شاعر تخلیقی کرب تہٕ وٹران

تہٕ تخلیق مکمل سپدنۍ خوشی تہٕ محسوس کران۔
اَمہٕ نظمہٕ ہندی کیہنہ خوبصورت تہٕ جاندار پیکر چھ بوزنہٕ کیہ بیشن:-

پہٕ کُس مژر گوو! بہٕ چھس گٔنی ژُنٛ!
ژٔے چھُے بےپَرتھ کہربا اُچھن منز
بہٕ داشس کڈہٕ چھیٚہ تنگ یہٕ کوٚٹھر
بہٕ ترٛیش چمہٕ ہا الاو چھُے شہ



خُدایہٕ! کس جادی گرمٕے سمکھیو
زرِن اُمس نیاۓ پوشہٕ نرمی
قدم اُمس زاج پیٹھ زلر زن
وٕنی کھنداں ہرنہٕ ونی کھماں یہ



موٕلیٚ مٕے گنڈٕنم زُمس رُمس ریٚہہ
وبالی واۍ دُہیتھ ژُجم کوٚت
مٕے کونہٕ پتھرس پلان کانہہ انگ



کنن مٕے پکھ واو ہیو گرٛژھاں چھُم
پہٕ کرٛژھ سیاہ گوٚبھ بہٕ کور واتٔرس
مٕے داپہٕ چھا چوٚن یہٕ ناپہٕ آگرٕ

اَتھ نظمہِ ہیکہِ جنسی معنی تہٕ کڈِنہٕ یِتھ تہٕ اَمہِ علاوٕ ہیکہِ یہٕ نظم بێیَن معنوی امکانن کُن تہِ اِشارٕ کٔرِتھ۔

رحمٰن راہیٚس چھُنہٕ محبوٗب پرٛتھ ساعتہٕ حسین تہٕ مٲری موٚند نظرِ گژھان۔ سُہ چھُ زانان زِ حُسن چھُنہٕ پایدار تہٕ یہٕ چھُ وقتس سٟتی سٟتی چھتان۔ تٔمۍ سٟتۍ محبوٗب سٕنٛز جوٲنی حُسن تہٕ شباب یاد پیوان چھُ سُہ چھُ اَتھ موٗران تہٕ وِداکھ دِوان۔

یِمہٕ اُچھ پھٕٹ کٔنہٕ مہٕ رٕوسی کٔچن

یِم وُٹھ چھی کٔنہٕ دٔچھِہ باغٕس گرٕٛکھ

وُچھ وۄگنیارٕ کی یِم سوٚدرٕ مٕلکھ

کس بختاور منٛزٕ شرٕ پراوی

یِم اُچھ پھٕٹے کٔنہٕ وٕن بوٚڈی آبس تٕل

وُٹھ چھی کٔنہٕ صحراو ترٕیشہٕ پٟیمتی

گوڈٕ آسہٕ اُچھ رٕوسی کٔچن ہُند ماہ تہٕ وُٹھ زنتہٕ دٔچھِہ باغٕس گرٕٛکھ مگر وۄنہٕ چھ اُچھن ہٕنٛز شہلتھ آبہٕ بُزی گامٕژ تہٕ وُٹھ زنتہٕ صحراو دٔزان۔

یوٗہے وَجہ چھُ زِ راہی چھُ بدس لمحک برپوٗر حظ یٕژھان تٔمن تہٕ زندگی متعلق یِتھ ہیوٗ رٕویہٕ چھُ تٔس جنس قریب اَنان۔ کٕنہٕ وِز چھُ اَمہِ جذبچہِ اہمیژ ہنٛز تخلیقی اندازس باوتھ کران تہٕ کٕنہٕ وِزِ چھُنہٕ تمٕس شاعری ساتھ دِوان۔ حالانکہ سُہ چھُ شعر تخلیق کرنکۍ سٲری ژھل تہٕ وٕل کامہِ لاگان۔ مگر اکثر و بیشتر چھُ پننس جذبس شعر بناوٕنس منٛز کامیابی حاصل کران۔ وُچھتو یِم نظمہِ تہٕ پانے کٔرِتو محسوٗس زِ سُہ کیتھ پٲٹھۍ چھُ خارجی تلازمن ہند مدتہٕ سٟتی پننِس جذبٕ تخلیقی فن پارٕ بناوان۔

پھٔرکہٕ وُن پاٹز
وُنل وُلتھ سہہ اُچھ تینتاٗلی
تٔھ تچھٕ منز اژوُن پٮ۪ن
برٛژھ برٛژھ کرُون وُچھ وڈتھ کاکُد
پٔل پرٛاٗٹھ پھوٗجہٕ شمشیر
کیٚمی کوٚر ژٔلہٕ پٮ۪نہٕ اَبرس چرٛپھ چرٛپھ
چرٛپھ،
(اکھ تشبیہہ)

"شبنمہٕ لوٗنتن بوٗلہٕ ربیح
ڈوٚپمے کوٗنتہٕ لنِک سرگم چھُے ہُمن وُزان
ڈوٚچھم چاٗنس سینس منز پرٛتھ وِولرِچ ژھال۔
"لیلا"

اَمہٕ قسمچِہن نظمن پیٹھ زور دِنُک مطلب چھُنہٕ ہرگز یہِ زِ راہی
کیاہ چھُ جنسہٕ موٗت شاعر بلکہِ چھُ پزر یہِ زِ لول تہٕ جنس چھِ راہی سندی زٕ
اہم موضوع۔ یہِ ییٚلہِ زندگی ہُند المیہ شدتہٕ سان محسوٗس چھُ کران تمہٕ وِزٕ
سٕہ چھُ جنس تہٕ نہ لول تمُس اَمہٕ نِشہٕ بچاوِتھ ہیکان۔ یہِ چھُ جدید زمانہٕ کیٚن
چلینجن تہٕ فکری نہجن سٕنان تہٕ شیٚنتھ چھُ اُزچہِ زندگی ہنز دگ سران
تہٕ وہتراوان۔ یہِ کتھ آیہٕ بروٗنہہ تہٕ وَننہٕ زِ انساٗنی زندگی ہُند المناک صورت حال
اوس پرانیٚن شاعرن ہُند تہٕ اکھ مقبوٗل تہٕ اہم موضوع۔ مگر تمن اوس اُتھ صورتحالس
منز یٚژھ پاٹھۍ مذہبی قدرن ہُند اُچھ روٗٹ بدس۔ اَتھ برعکس چھُ جدید شاعرن ہندِ خاطرٕ

یہِ المیہ زیادٕ شدید بنیومُت تکیازِ تہندی کنِز تھووہ پٔتہ اُزِکی لاردِ زمانن کنہٕ چیزس، تصورس تہٕ نظرس پیوُر۔ یہِ مایوس کُن نبراش تہٕ خوفناک تصور چھُ اُزِکس شاعرس الاندس منز ترادان۔ اُزیُک شاعر چھُنہٕ زندگی ہندیو تقاضو لِنشہِ فرار ژ دِتھ ژِلتان بلکہ چھُ یمن قبوٗل کران۔ باس، درامن، رٗود تہٕ ہندفونس نظمہِ پیٹھِ چھِ انسان ہند اَمی ازلی ڈرامہچ عکاسی کران ؎

تہٕ نیبر آس تیر

تہٕ ژھوپہٕ

تہٕ تیر

دوٚسہٕ اندوٚندٕ ییچھان

مے اوس داپہٕ یچھ پیٹھ چھوٚت سوٗر نظر گوٚمُت

اتھ نظمہِ منزٕ یُس فضا دوتلان چھُ سُہ چھُ اکھ شدید ذہنی وندک تہٕ زہریُک باس دِوان۔ شاعر چھُ امہِ ہندِ یرک زہر پانس منز شرپاوِتھ امکی اثرات محسوس کران تہٕ تمن ہنزٕ فنکارانہ اندازس منز باوتھ کران۔ سُہ چھُنہٕ نادِم ہندی پاٹھی (زلر زاج نظم) نجاتچ کانہہ وتھ ژھانڈان تہٕ نہ چھُس سو نظری گرٛھان۔ سُہ چھُنہٕ رومانی شاعرن ہندی پاٹھی امہِ صورتحالہِ منز ژ پنچ کوشش کران بلکہ چھُ اَتھ مقدر زانِتھ قبول کران۔ یہِ چھُ یوٚزِ زِتس چھ کینہہ برانتی گرٛھان، انسانن ہندی نہ بلکہ ژھاین ہندی۔

یوٚن سٹرکہِ بیلہِ تہٕ کانہہ ژھاے ڈٔج

یوٚت یوٚت آم دیُس

ہے کوٚت چھکھ دراہٕ شُرلکھنا مے تہٕ ستی

اور اَس زانڈ

تہٕ ژھوپہٕ ــــ تہٕ تیر

شاعر چھُنہٕ بینہٕ پہٕ گدرن کائنہٕ سنتی SHARE ہیکان کرِتھ تکیاز

سہٕ چھُنہٕ زندگی منز تیُتھ کانہہ حرارتھ وُچھتھ ہیکان یُس تمہِ ہندس" ذہنی زمہریرس" منز

جمبرِچ کام کرِتھ ہیکہِ ہے۔ نتیجہٕ چھ یہٕ نیران زِ سہٕ چھُ حد درجہ داخلیت پسند

بنان تہٕ زندگی ہنز المناکی چھیہٕ زیادہ شدتھ اختیار کران۔

بیٚیہ بیوٚٹھس دانہٕ گُٹھس منز

دُرکھ ۔ دُرکھ

نُل آس پھٹنس آمژ

دالنس ترٲوِکھ وُنہٕ

ڈِہ لبکھوٚل چھ پیٚٹھ سوٚر تہٕ نیوٚکھ پانس ستی

گلوان

گلوان ــــ "باس"

درامن نظمہِ منز چھُ یوٚہے عالم بدل اندازِ برونہہ کُن یوان۔

تم آسی گُلبن دِل کھیتھ موکلیمتی

تہٕ یہٕ اوسُس اُترِژ زِلہٕ سڑکہِ پیٹھ

ٹیکسی گمرن ہندس اژھین موسمس

درامن کران

نہ پرُژھ تموے

نہ توٚنگ مےٚ بوزُن

سڑکہِ ہُمہ پاسہ ہے گرد وُڈتھ
پڈر تچھا کانٛسہٕ ؟
کینٛہ پٹرگیہٕ وُستھ

یہ نظم چھےٚ اَزیٚچہ مکانیکی زندگی منز ہینہٕ آمتِس حساس انسان ہنٛدِ سوچ تہٕ فکرِ ہنز ترجمانی کران۔ تمِس (شاعرس) چھُ موٚڑن تہٕ لارِن ستیٚ انسان تہٕ ییمنےٚ ہیوٚ اکھ ہگرُ باسان یُس نہٕ کانٛہہ زُو تہٕ نہ کانٛہہ جذبہٕ چھُ۔ شاعرس چھُ پننِس پانس پیٹھ تہٕ شک گژھان تہٕ اَوے چھ پننِس سوچس تہٕ ژرژلنس درامنس ستیٚ ہشراوان، درامُن تہٕ کلبن دِل کھینٛز چھُ انسان ہنٛدِن حیوانی صفتن کُن اشارہٕ کران۔ راہی ہنز شاعری چھےٚ اکھ ہانژھ یہ تہٕ لاگِنہٕ یوان زِ سُہ چھُ علمچہِ بُنیادٕ پیٹھ شعر گران تہٕ تس چھُنہٕ پننِن تخلیقی آگرن گرِکھ۔

پزر چھُ یہ زِ راہی چھُ پانہٕ تہٕ سونچان ( یہ زن تمیٚ ہنز شاعری پرِتھ محسوس سپدان چھُ) تہٕ مختلف علمن ہنزٕ زان تہٕ چھےٚ تمیٚ ہنزن نظرِن وُسعت بخشان۔ تمیٚ چھُ پننہٕ گوڈنکہِ دورچہ شاعری منز تہٕ اتھ کتھ کُن اشارہٕ کوٚرمُت۔

غزل لیکھی لیکھی سوخن باوِنہٕ چھِ وانجہِ نیرِ ہنٛز راونہٕ
نظر گژھہِ بے پناہ آسنہٕ دِلس گژھہِ پیچ و تاب آسُن

جان شاعر سُنٛد بنیادی خاصہ چھُ یہ آسان زِ تس چھُ قدرتن اکھ بیساٚبہٕ دِل عطا آسان کوٚرمُت۔ تمیٚ ہنٛدِس پیچ و تابس ییٚتہٕ تمیٚ ہنز انفرادی فکر تہٕ سونچ پھانٛچھلاواں چھِ تنہٕ چھُ دوٚیمِن شاعرن ہنٛد مطالعہ تہٕ مختلف علمن ہنز زان تہٕ تِہنٛدِن خیالاتن متاثر کران ۔ اگر نہٕ شاعر خارجی زندگی ستیٚ متصادم تہٕ متاثر سپدِ تیلہِ ہیکو نہٕ تس شاعر وَنِتھ۔ انسانی زندگی ہنٛدِ موجوٗدٕ

صوٗرتہٕ حالکہٕ تعلقہٕ چھُ حامدی کاشمیری راہی ہنٛز جدید شاعری پیٹھ تبصرٕ کران لیکھان۔

" راہی چھُنہٕ صرف اَمہٕ صورتہٕ حالچ زانکاری حاصل کران بلکہ چھُ
سُہ پانہٕ اَمہٕ مُنزٕ گُذران۔ تمۍ سُند زُم زُم چھُ یہ سران۔
تمۍ ہنٛز شاعری منٛز چھہٕ نوٕ آگاہی ہندۍ مختلف پہلوٗ موجوٗد
یمَن منٛز خاصکر تہٕ زٕ پہلوٗ بار بار درینٛٹھ چھہٕ یوان۔ اکھ گوٗد
یہ زٕ سایہ بدن وٗرۍ یَن ہُند تہذیب تہٕ تعلیم ہنٛز قدر
چھُنہٕ (اصلس ہے سنوٗ) انسانی شخصیتکہٕ نیبرٕم لیٚہہ لاو
تہٕ مُلمایہ ورٲے کینہہ نہ۔ سُہ چھُ بذاتی حیوان تہٕ حیوان
خصلژ چھَس پرٛتھ ساعتہٕ اَندری جوش دِوان۔ دوٚیم یہ زٕ
سُہ چھُ وقتی حقیقت تہٕ خارجیت مُشراوِتھ شدید
داخلیتَس گوڈ بران۔ یہ داخلیت چھیہٕ تمۍ سندیو اندرِمیو
دوکھو، نفسیاتی اندرٹھو تہٕ لاشعوٗری تجربَن ہنٛز وٕ پیچیدگیوٗ
سٕتۍ وُنہٕ یوان۔ سُہ چھُنہٕ برونہہ طے شُدہ یا مُروجہ اصوٗلوٗ
نظریوٗ یا فارمولاہو سٕتۍ زندگی ہنٛز زان کران بلکہ چھُ
پانہٕ زندگی وہنٛراوتَس جگرٕ کران"۔[۱]

حامدی ہندِس اَتھ بیانَس سٕتۍ اختلاف کرنٕچ چھُنہٕ کہنی گُنجایش۔ یہ چھُ
پُزر زٕ راہی چھُ زندگی پانہٕ وہنٛراوان تہٕ زندگی ہندِس سوٗدرس منٛز یمہٕ ڈنٛگہ سہ پننہٕ تخلیقی
ذہن منٛز دِوان چھُ تہٕ یمن ڈُنگن دوران یہ کینٛژھاہ اَمہٕ سوٗدرٕ منٛز لبان چھُ

---

[۱] ڈاکٹر حامدی کاشمیری، " جدید کاشُر شاعری" (۱۹۸۲ء) ص۔ ۱۲۱

یا یہٕ کینژھاہ نظرِ چھُس گژھان تمِیُک اظہار چھُ سُہ تمہٕ طریقہٕ کران زِ پرَن وول چھُ پننس پانس شاعر سِندین تجربن منز شریک محسوٗس کران۔ اَمہٕ قسمکین تجربن ہنز شاعرانہٕ تہٕ تخلیقی باوتھ کرنہٕ خاطرٕ چھُ شاعر نوٚین اسلوٗبن تہٕ ہیٚژن ہُند تلاش کران۔ سُہ چھُ کُنہِ آمتہٕ لفظہٕ راشہٕ نِشہٕ انحراف کران تہٕ معموٗلی تہٕ عام ورتاوکی لفظ تمہٕ انداز استعمال کران زِ تِم چھِ تخلیقی اہمیت پرٛاوان۔ یِتھی ہی عام لفظ چھِ کُنہٕ وِزِ نظمہٕ ہُند عنوان تہٕ بنان تہٕ یِتی جذبُک معروض تہٕ۔ "رۄد" تہٕ "ہندِ فانوٗس" نظمہٕ چھےٚ نظمن ہندِس اَتھی قبیلس یِتی واتھ تھاوان۔

"رۄد"

ییوان چھُ

یَنہٕ لوگُن تنہٕ چھُ ییوان

اکی تراپہٕ ژھد رۄس

نہٕ وزِل نہٕ گگراے

فقط رۄد

کوہ تینتاکی چھِ ڈُنگ دِتھ وُتھی منٛز نَل پاتال

"سانہٕ گرٕ ساری موسم ساہری"

(یِہے سوٚدرٕ کورین ہنز۔ اَسمانٕ وُچھ!)

"سانہٕ گرٕ کنہٕ تال بنہٕ مبرجان"

(اڈبرن آسکھ ووٚنمُت

ڈلو بُترات وُچھو)

نہٕ وزِل نہٕ گگراے

شُرۍ، شرُین ہنز موج تام
سارۍ پیٹھہٕ ڈُبنگہ
آنگن کوکر شرٛپٕ مرُس
تہٕ روٗدٕ جوے دوسہٕ سرو کرِتھ
دورے پہ

سوٗدرٕ بلکُ سال اوس پوٗزُے
پوٗز تہٕ چھٹرٕ چھہٕ کانے بیچھٕرِ
ژادرٕ کِھیمرٕ اُتھرٕ
تہٕ بیٹھہٕ چھُ روٗد

وسان

نظمہٕ سام ہیٛنہٕ وزِ چھُ نتان زِ شاعرن چھُ ینتس داخلی ڈینہس باوتھ کرنہٕ خاطرٕ روٗدکُ معروض ژورمُت۔ نظمہٕ استعاراتی معنہٕ کڈنہٕ وزِ چھیہٕ یہ کتھ صاف پاٹھۍ نتہٕ نیران زِ شاعر چھُ زندگی متعلق پننہٕ زوٗتیچ معروضی باوتھ کران۔ خاصکرِتھ اُزچہٕ زندگی متعلق اگرنہٕ نظمہٕ ہند آخری بند یتھہٕ پاٹھۍ شکل رٹہٕ ہے زِ "سوٗدرٕ بلکُ سال اوس پوٗزُے
پوٗز تہٕ چھٹرٕ چھہٕ کانے بیچھرِ
ژادر کھیمرٕ اُتھرٕ
تہٕ بیٹھہٕ چھُ روٗد
وسان

تیٚلہٕ ہیکھو ونتھ زِ یہ نظم چھےٚ کلُہم انسانی زندگی ہنز تمثیل۔ یہ چھُ پوٗز زِ

اَتھ منز چھِیہٕ کُلِہم انسانی زندگی ہندی رنگ تہٕ دیدمان پوان گمرہنہٕ چھُ پزر زِ اَتھ منز چھِیہٕ جدید زندگی ہنز کیتھ زیادٕ شدتہٕ سان محسوس سپدان۔ چھِترِ کانہٕ پھُٹنہٕ تہٕ ژادرٕ اُتھر کھینی چھِ ہاوان زِ اَتھ وقتاه اوس یِیلہِ انسان مختلف تہٕ مُتنوع قدرن ہندِ مدتہٕ سِتی زندگی ہُند مقابلہ اوس کران مگر از چھِ ہم ساری ہتھیار تہٕ ڈھکی بے سوٗد تہٕ نالسگھار بنے متی۔ چھِتر تہٕ ژادر ہیکن مختلف تہذیبی تہٕ اخلاقی اقدارن ہندی استعارٕ آسِتھ۔

" ہندِ فونوس" نظمہِ منز تہٕ چھُ شاعرُ سُند جذبہٕ غارشخصی۔ راہی سُند یہ طریقہ کار چھُنہٕ ہنگہٕ تہٕ منگے بارسس پوان۔ اکہِ طرفہٕ چھِ تمی سُندی تخلیقی تجربہٕ امیک تقاضہٕ کران تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ چھِ اَمہِ قسمکین ہیتی تجربن پتہٕ کنہٕ وُہمہِ صدی ہندی کینہہ تنقیدی مکتب تہٕ کام کران۔ اَمہِ قسچہِ نظمہِ چھے اَسہِ فرانسہٕ کین بہلہِ پایہٕ فنکارن نِش تہٕ میلان۔ یمن منز وُرلین، بودلیر، پال ویلیری تہٕ رامبو شامل چھِ۔ ایذرا پاؤنڈ ہنز "IMAGIST MOVEMENT" تہٕ ایلیٹ سُند غارشخصی نظریہ تہٕ خاصکر تھ تمی سُند مضمون HAMLET AND HIS PROBLEMS چھُ راہی ہندس تنقیدی شعورس مُتاثر کران تہٕ سُہ چھُ پننین جذبن ہندِ خاطرٕ کانہہ معروضی تلازمہ یا خارجی حوالہ ژھانڈان۔

" ہندِ فانوس"

یُتھنہٕ پھوکھ لایہٕ ھسم
سخت اُویُل چھُسے
تیوٗت اُویُل زِ
رنگ

پرٛیٚنِن پھمبہٕ لشن اُڈؠ گرد
شکل افتابہٕ ڈلوم

نیٚبر
پاڈٕ پھیوٚتاہ شیٚنہٕ تھوٚسا
اُندرٕ ہونز طلسماتی
کایناتک ژھوٚپ دوٚپ وارث
میٚنز پھوٚلس، رٕوٚدٕ وٚوٚتھس، تاپہٕ کھوٚتس
بولہٕ بوزم تہٕ بوبن ہُند شورشور
بالہٕ تینتاکی تہٕ اسمان وچھم
دوہلہٕ باسیوم زِ پرٛتھ کنھ گرٛٔڈھ سِر
راتھ کیٚت پیوم نہٕ ژِنیتھیے
آس کمہٕ دِشہٕ گرٛٔڈھن کوٚت پیٚٹھ چھم
اکھ نظر پان وُچھیوم
مگر

یُتھنہٕ پھوکھ لایہٕ ہم
سخت اُوٚیل چھُسے
تیوٚت اوٚیل زِ........

نظم چھےٚ بہٕ ظاہر ہندِ پوٚشک DESCRIPTION باسان مگر لفظہٕ
درتاوس ووٚن دِتھ چھُ باسان زِ یہ نظم ہیٚکہٕ DESCRIPTION آسنس سِتؠ سِتؠ جدید
زندگی ہنزِ المناکی ہُند استعارٕ تہٕ آسِتھ۔ اُزیُک انسان کمن حالاتن منز چھُ شہہ

ہیوان تہٕ تمیٚ سندٕ شوٗنچ تہٕ فکرٕ ہنز نوعیت کیاہ چھےٚ، چھ تمن پہلوون منز
شامِل یمن ہنز باوتھ نظمہِ منز سپزمژ چھےٚ۔ شاعرس چھُ باسان زِ زندگی چھےٚ
موجوٗدٕ حالاتن منز اکھ آویُل "ہندٕ فونوس" بنےمژ یتھ اکھ واو رِنگ نیست و نابوٗد
ہیکہِ کرِتھ تہٕ ترٹن تہٕ طوفان ہنز چھنہٕ کیتھے۔ اُزٕچ زندگی چھےٚ بندوقن تہٕ توپن
ہندِس گُلِس پیٹھ کتھ تام ژھِہس پیاران۔ اُزیُک بندوٗق تہٕ توپِل ہوانوا ہیکہِ
کُنہٕ تہٕ ساعتہٕ زندگی ہُند ڈراما ختم کرِتھ۔ زندگی ہندِ ڈرامُک ختم گژھنُک تصوٗر
چھُ شیخ العالمؒ تہٕ محسوٗس کوٗرمت مگر تَس اوس صرف ازلی موت نظرن تل نہٕ
زِ مونُک سُہ خوف یُس اُزکس انسانس شرکنہِن چھُ ژانان۔

تلہٕ چھےٚ زُیس تہٕ پیٹھٕ چھکھ نژان . . . . .

مگر اُزیُک صورتہِ حال چھُ زیادٕ شدید۔ راہی چھُ بٔییس اکِس نظمہِ منز ؤنان

دنیا ٹھوٗکھ توٗفِ گُلس پیٹھ کوترٹھوٗل

ہندٕ فونوٗس نظمہِ منز چھےٚ بٔیہِ تہٕ کیہنہٕ خصوٗصیژ نظرِ گژھان۔ اتھ منز
چھُ نظریہٕ ارتقاہُک تہٕ برونت گژھان۔

میژٕ پھوٗٹُس روٗدٕ وٕوُتھس تہٕ تاپہٕ کھوٗتُس

میژٕ کھتُن، روٗدٕ ووتھُن تہٕ تاپہٕ کھتن تہٕ آوازو بدلہٕ بولہِ بوزنہٕ، جوین ہُند
شور شوٗر بوزُن چھُ انسانی زندگی ہندین ابتدایی دورن کُن اشارٕ کران ییلہِ
انسان جنگلن تہٕ گوپھن منز روزان اوس۔

نظمہِ منز چھُ شاعرسٕند وجوٗدی کربُک احساس تہٕ ووتلان ۔

دوٗلہِ باسیوم زِ پرٕتھ کتھ گژھہ سر

رات کیٛت بیوم تہٕ ژٕ بتیبے

آس کمہٕ دِشہِ گرٛزھن کوٚت پیٹھ چھُم
اکھ نظر پان وُچھویوم
مگر

شفیع شوق چھُ اَمہٕ نظمہٕ ہنٛزن خوٗبین کُن اشارٕ کران لیکھان:۔

"نظمہٕ ہُند ہندِ فونوس چھُ اکی ساعتہٕ درمنس منز پھوٚلمُت پوش تہٕ تہٕ نظمہٕ ہندِس کیلڈوسکوپس منز اکھ واریاہ مانٛل علامتھ تہٕ۔ پوشہٕ چَمن خاصیژن چھےٚ شاعرن ضرور زٲر کرمژ تکیازِ ہندِ پوشس پیٹھ نظم لیکھنہٕ وِز ہیکہِ ہَن نہٕ شاعر ہندی جذبہٕ بےٚ دخل آسِتھ۔ مگر نظمہٕ ہندِس خودکار تحریری دنیاہس منز یتھ چھُ ہَندِ فونوس باغس منز پھوٚلمتہٕ پوشہٕ نِشہٕ مختلف آسِتھ تہٕ باغس منز پھوٚلمُت پوش باسان۔ فطری حُسنچہِ باوٕژ منز چھیہٕ رومٲنی شاعریہ تہٕ جدید شاعریہ منز بڈ فرق یِہے زِ رومٲنی شاعر چھِ پننین جذبن ہندِس مُکھس ستی یِمہٕ گرٛزِھتھ پیکرن ہندِس گُنجارس کٲم ہیوان۔ ییلہِ زن جدید شاعر پننِ جسأویتھ (SENSOUSNESS) ضبطس تَل تھاوان چھُ۔ ہندِ فونوس نظمہٕ منز چھُ گوڈنچین پنٛدہن سطرن منز یتوٗتے SENSE DATA لوت یہٕ توٗر شدتہٕ سان ووتلاونہٕ خاطر ضروری چھُ زِ

"دوہلہٕ باسیوم زِ پرِیتھ کتھ گرٛزھ سِر ...... بلہٕ
اَمی قبیلچ بیاکھ نظم چھیہٕ سونتھ یوسہٕ پنِنہٕ نوٗعیتچ واحد نظم چھیہٕ
سونتھ نظم چھِنہٕ بہارس متعلق رِوایتی اندازٕ لیکھنہٕ آمژ نظم بلکہ چھیہٕ اَتھ منز سونتُک

---

شفیع شوق: کاشُر ادبُک توارِیخ ۱۹۷۸ صفحہ ۳۷

تخلیقی عمل ہاونچ کوشش کرنہٕ آمژ۔ اَتھ نظمہِ متعلق چھِ کینہہ نقاد ونان زِ اَتھ منز چھِ بڈٕ خوبصورت تہٕ ماڑی منٛدی پیکر ورتاونہٕ آمتی ہازا ہیکہٕ نہٕ یہِ جدید شاعری منز شمار یِتھ۔ تمِ چھِ یہِ دلیل پیش کران زِ جدید شاعری چھیہٕ یتھٕ پاٹھۍ نہراش تہٕ اَتھ نظمہِ منز چھِنہٕ تیُتھ کانہہ چیز نظرِ گژھان یَتھ بُنیاد پیٹھ اَکھ شمار نوٚ فکرِ ہنٛز شاعری منز کرنہٕ ہیکہِ یتھ۔ یہِ چھُ پوٚز زِ جدید شاعری چھیہٕ یتھٕ پاٹھۍ نہراش مگر کُنہ ساعتہٕ چھُ شاعر کوتاہ نہراش آستھ تہٕ کُنہ چیزکہِ حُسنُک تمہِ اندازٕ باس دِوان زِ تمۍ ہنٛز کلہم فکر چھیہٕ مسٔرِس لاران۔ زیرِ بحث نظمہِ منز چھِ تہٕ کرٕ تھ تہٕ کینہہ تتھۍ عُنصر نظرِ گژھان یم اَتھ فکری اعتبارٕ کنہ جدید چھِ بناوان۔ گوڈنیُک یہ زِ یژون شاعر اوس نہٕ قُدرتی حُسنس اَمہِ آیہٕ نسان بلکہ اوس سُہ اَتھ یور کُے معنے آپراوان۔ دوٚیِم یہ زِ اَتھ نظمہِ منز چھُنہٕ سونٛتُک عمل کانہہ انسان وُچھان بلکہ اکھ کیوٚم۔

مژرِ کنٛڈِ

ہو میون ہہ

زمرٕودی پھہ

لولہٕ ونہٕ وٕشلوو وَچھہٕ تیمبرِ لوہٕ وجوٗد

شفیع شوق چھُ نظمہِ مُتعلق کتھ کران لیکھان

" نظمہِ منز چھُنہٕ کانہہ تہٕ PROPHECY یوٚدوے کانہہ یِرٕن دوٗل اَتھ سیٹھے PROPHETIC ہیکہِ زانٛتھ بلکہ چھُ صرف اکھ ماڑی منزرٕ اَتیک مقصد یُس وٕنلان چھُ"۔[1]

---

[1] شفیع شوق" زبان تہٕ ادب" ص - ۱۱۱ -

یہ چھُ پوٗز زِ نظمہِ منز چھُ اکھ ماڑی منز ووتلان مگر اَکِس مقصدس متعلق اَمہِ اندازہ کتھ کرٕنی چھِیہٕ ہناہ مشکل ۔ اگر راہی پانہٕ تہٕ اَمی خیالک آسہٕ نہٕ یہٕ نظم چھُنہٕ PROPHETIC پرٕن والِس بیٚییہٕ اَمہٕ سِتۍ کانہہ فی ۔ نظمہِ ہُند گوڈنکُے مصرعہ چھُ PROPHETIC تہٕ یہٕ چھُ پرٕن والِس ہُشار ہیوٗ کران ۔

تھٔپھ کرِتھ کاکُد تلُن پنجرس تہٕ

وُشنہِ اَکھ ہُندرِس ڈٔکس پھِروان ووٗتھُم

یا

نظمہِ ہندی یم آخری مصرعہٕ ۔

اُچھی قلم کاکُد حرف گنُبد فضا

شش جہت ہاوان اُچھوکھورِ ہو

وق چھُ یور آمُت

" پےٚ چھُ ظُلماتہٕ وُزان" نظم چھِنہٕ بُنیادی طور زندگی تہٕ موتس درمیان کشمکشک نقشہٕ ووتلاوان ۔ اکِہ طرفہٕ چھِیہٕ زندگی ہنز مالے تہٕ بیٚییہِ طرفہٕ چھُ موتک خوف یس کُنہٕ تہٕ ساعتہٕ زندگی فنا ہیٚکہِ کرِتھ ۔ پاٚز چھُ نظمہِ منز موتک تہٕ کونرُ تہٕ نیچوچھِ زندگی ہندی استعارہٕ ۔

(کوترٕ سُند تہٕ پاٚزٕ سُند استعارہٕ چھُ راہی سنزِ شاعری منز علامتی رنگ رٹان تہٕ کیازِ سُہ چھُ یمَن استعارن ہُند ورتاو بار بار کران ۔

پکھ کوترٕ آبہٕ تہٕ وڈٕ کوٚنُن بوٗ چھِ پاٚزس لٔج گندِ ہوٗلی رٔتس

---

راتھ اڈٕ نیٚندرِ گرٕشِتھ ژھیوٗن میٚہٕ خیالن پٔن ہیوٗ

پاٚز اکھ ذہنچہِ وہنہٕ ژھاپہٕ اَندری پرٕ بٕنووُم

تونہٕ تنُس اوس وُہان تِتھے پاٹھی کوتر رَتھ
بالہٕ تێنٛاکی چھٕنیہٕ تیر دِہنان فِتنہس منز

شانہٕ پێٹھی کاٗر پھِرم سۆن تہٕ سیاہ چاہ ڈیوٹھم
ڈۄنٛگہٕ ژێنیس ستۍ دِتُم ماگ شر دُرم سینس منز
وُوٹھ ہۆکھم دارِ بنٛبری آس گرٛشان پھِسرارے
شیشہٕ تھوٗسی آسی ژھێپن جاے رَٹان ڈرزن منز

شاعرس چھُ گُمانہٕ گرٛشان زِموتُک چاہ ہنگلاوِ زندگی۔ یہٕ خوف چھُ تیُتھ شِدت لبان زِ تُس چھُنہٕ کانہہ چیز پنہٕ جایہ نظرِ گرٛشان۔ تَمی ہندی جسم چھِہ وَلسران۔ اۆرے چھُس دِمگِہ پێٹھ پھِرنہٕ بدل بیور اویزان باساں۔ آخرس چھُ تس پننٕ نیچوُ یاد پیوان یُس دُبارٕ تسنٛز زندگی دُشِنیر تہٕ حرارت چھُ بخشان تہٕ تَمی ہندِس ذہنی ہندریس ضبطس تَل چھُ انان۔

حامدی کاشمیری چھُ لیکھان:۔

" نظمِہ ہُند بیاکھ مطلب ہیکہِ یہٕ آسِتھ زِ شاعر چھُ کینٛژو مُرژو تہٕ علامژو مثلاً پاژ، کوتر رتھ، سیاہ چاہ، راتہٕ موگلی مۆدوہو، ہاہگِن، عرقہٕ بھیورہ ستۍ تخلیقی دگہِ دادیک لیُس مُرِتھ (زندہٕ گرٛشھنُک عمل چھُ) اظہار کران۔ نظمِہ منز چھُ خارجی زندگی ہُند احساس وندہٕ راژِ منز شیشہٕ تھوٗسی پیٹھہٕ تہٕ ژێنِس ستۍ ڈۄکھ دِنہٕ ستۍ سیدان مگر پتہٕ چھُ خارجی زندگی ہندی یِم آثار داخلی حقیقژ منز بدلان تہٕ " موخنہٕ پھولاہ ہانگنہٕ مژی مژی زامُت " چھُ تخلیقی کرہُک نیب دِوان۔[1]

---

[1] حامدی کاشمیری " جدید کاشُر شاعری " (١٩٨٢ء) صفحہٕ ١١٦

نظمہِ منز چھ لفظ تمہِ آیہ ورتاونہ آمتی زِ یہ نظم چھیہٕ پاسل بنےمژ۔ ویسے
چھُ راہی ہمیشہ پننس تھیمس تمہِ اندازٕ ٹریٹمینٹ دِوان زِ تمیٚ سٕنز اکثر نظمہ
چھہٕ اوٚک پاسے باسان بلکہ چھُ معنوی امکاتن وارٕیہس حدس تام ہُرراوان۔
" صدا " نظم چھیہٕ زندگی ہندِ ابتدا پیٹھٕ از تام کہ سفرک سفرنامہ۔
نظمہِ منز چھہٕ مُختلف اساطیری کیو توٲریخی تہٕ نیم توٲریخی کردارن تہٕ واقعن ہُند
ذکر تہٕ کرنہٕ آمُت۔ راہی چھُنہٕ یمَن کردارن تہٕ واقاتن ہندِ ذریعہٕ کانہہ توٲریخ
مرتب کران بلکہ چھُ یمن کردارن ہستی پننُن پان (IDENTITY)
گٔرتھ تیہنز گُدرن تہٕ اہمیت پانہٕ تہٕ محسوٗس کران تہٕ پرَن والیس تہٕ کرناوان۔
سُہ چھُ واقاتن ہُند اظہار تمہِ آیہ کران زِ گمانہٕ چھُ گنان زِ شاعر چھُ پانہٕ یمو
منزٕ گُذریوٗمُت۔ سُہ چھُ فریاد کران۔ فریادے یوت نہٕ بلکہ چھُ احتجاج تہٕ کران۔
مگر تس چھہٕ وومید روزان زِ میانٕی یم ودکھ تہٕ احتجاج کیاہ واتن کانسہِ تلشہٕ۔
نظمہِ ہندِس آغازس منز مرزا بیدل سُند یہ مصرعہ جوٗرُن چھُ یتھ کتھِ نشر کران
زِ شاعر ہندی فریاد ہیکن نہٕ تس نیبر گٔژھتھ واتتھ بلکہ سپدن تس پانسے منز۔

چوں صدا سرم بیروں از کوچۂ زنجیر نیست

(بیدل)

مگر امہِ باوجوٗد چھُ شاعرس شک ہیوٗ گژھان زِ کُستام طاقت چھُ
لیُس سارِوے کھوتہٕ طاقتور تہٕ زانٕی کار چھُ تہٕ نٔوے چھُ تس فریاد کران تہٕ
پنُن گُدُرن باوان۔ یوٗدوے نہٕ شاعرس پانس نیبر امہِ طاقتور تصورُک کانہہ
روٗپ وَنہٕ چھُ آسان تہٕ گٔرتھ تہٕ چھُ تس شکس تہٕ پٔرتھِ درمیان کیاہتام
کوٚل باس ہیوٗ آسان زِ کیاہتام چھُ تہٕ اَتھ " کیاہتامس " چھُ سُہ پننہٕ اندازٕ

ناوکران ۔ یہ نظم چھےٚ مشہور یوٗنانۍ المیہ نگار سفوکلیز سُند "ایڈپس ریکس" تہٕ یاد پاوان تہٕ وارڈس وَرتھ سنز "نٹنگ" (NUTTING) نظم تہٕ برونہہ کُن انان ۔ حافظ ہنٛدِ ہٹہِ چھہِ یزید پنٛدٕ آلو تہٕ کنن گژھان ۔ ایلیمکۍ ٹاور چنگیز، کربلا، آدم تہٕ حواؑ یہ ہُند گوڈنیکُ گوناہ، ہابیلٕ سُند قتل یم ساری چیز چھہِ نظمہِ ہنٛدِس کینٛہ واسس منز شامل ۔ کینٛہہ لوٗکھ چھہِ اتھ نظمہِ متعلق وَنان زِ یہ چھنہٕ شاعری بلکہ شاعر سندِ علمُک تہٕ زانکاری ہُند باس ۔ کینٛہہ چھہِ ونان زِ اَتھ منز چھہِ شاعری کُنہٕ کُنہٕ جایہ نظرِ گژھان مگر کُلس پیٹھ چھنہٕ نظم نامیاتی وحدت بنان ۔ امہ قسمکی نقاد چھہِ یہ کتھ مُشراوان زِ نامیاتی وحدت وُہپِنک چھُنہٕ کانہہ مخصوص فارمولا تہٕ نہ چھےٚ شاعری فارمولاسن ہنز زانہہ قایل آسمژ ۔ یہ چھُ پوٗز زِ شاعری ہندی چھہِ کینٛہہ آفاقی اصوٗل مگر یم اصوٗل چھنہٕ تتھ پاٹھۍ کام کران یتھ پاٹھۍ سائنسی اصوٗل کران چھہِ ۔ نامیاتی وحدت پادٕ کرنہٕ خاطرٕ چھےٚ اکھ کتھ لازمی زِ فن پارٕک پرٛتھ کانہہ لفظ مصرعہ تہٕ استعارٕ گژھہِ مرکزی خیالس کُن واتنُک اکھ پود ثابت سپدُن ۔ "صدا" نظم ییلہِ امہِ نظرِ وُچھون نیٚلہِ باسہِ پلنے زِ نظمہِ منز چھُ پرٛتھ کُنہٕ واقعُک ذکر تہٕ کردارٕ سنز عمل نظمہِ ہنٛدِس تھیٖمس شدت بخشان ۔

وونۍ یم لوٗکھ یہ چھہِ وَنان زِ یہ چھےٚ علمُک باس دِوان ۔ تِمن اگر یہ کتھ پرٛژھو زِ اگر نہٕ راہی اکھ لیوٗکھمُت تہٕ پوٚرمُت شاعر آسہے تیٚلہِ کتھ پاٹھۍ سپدِ ہے کاشُر زبانۍ پرٛتھ نظم نصیب ۔

* رۄد وولُن تہٕ وونۍ کتھ ساسالس گژھو

کھور ٹینٛڈبن تام وُن کٔڑ کاڈ آفینہٕ تیٖہہ

ژٕرے چھُسے وَنان

ہے ایلیم کبوٗتا وروٗ پٔٹھو پھپھہ پھپھہ کرو نہٕ نارا
ابوٗ تراب رضؓ ہیٚر بوٗن کاس وُٹھ گمناون واجینۍ میٚژی
ہے کربلہٕ ہکہٕ چھور چھور کرو نہٕ آبہ
ہے چنگیزس نکہٕ وارٕن منز پھرکہٕ وُنہٕ واوا
وُچھ کینہٕ پیٚٹھ چھُس یتھ ژلہٕ وُنہٕ سینکہٕ پیٚٹھ
کُن زوٗن پوٗ تجن ٹینکہٕ تلان

راہی ہٕنزن نظمن ہنز فکر انگیزی تہٕ فنی پوختگی چھےٚ تمۍ سٕندٕن غزلن منز تہٕ ٹاکارٕ۔ تمۍ سُند منفرد لہجہٕ ذہنی کُشادگی تہٕ عصری آگہی چھےٚ تمۍ سٕندِس غزلس اکہٕ نوٚ ہیٚنہٕ آیکُ رمزیہ اندازٕ عطا کران۔ تس چھُ پانس نہٕ یتھ کتھہٕ پیٚٹھ یقین زٕ شاعری منز گژھہٕ سوانحی عُنصر تہٕ آسن یہٕ گژھہٕ پیکرن تہٕ معروضن ہندٕ ذریعہٕ باوتھ لبُن۔ تمۍ ہندٕن غزلن ہندی شعر چھےٚ بار بار یہٕ باس دِوان زِ سُہ چھُ شبیہہ کار تہٕ کیازِ تمۍ سُند پرٕتھ کانہہ شعر چھُ پانژو حسو منز ضرور اکس نتہٕ بٔیس حسس منز ناوان۔ سُہ چھُ پننین تجربن چاہے تم شعوری آسن یا لاشعوری ژہ یتھ تہٕ سٕرتھ پیش کران تہٕ پننین ذہنی وارداتن تہٕ رجحانن سٕنتھ تہنز حقیقت محسوس کران تہٕ اتھ حقیقژ پھہ دِتھ تہٕ لیہ اُنتھ چھُ پننین تخلیقی صلاحیژن بروے کار انان۔

٧۔ پھہ دیُت میٚہ کینژن وارداتن لفظ کینہہ رنزوٗم
یم شعر تمنے زاے مٔنے نہٕ سا یانہٕ بناوٗم

راہی چھُ لیکھان۔

"شاعر چھُنہٕ پانے یوت حقیقتہٕ سام ہیوان تہٕ نوٚین حقیقژن ہندی خاب وُچھان بلکہ چھُ پننہٕ فنک سحر وُزناوِتھ بێین تہٕ یہِ طلسمات زِندہٕ کرِتھ ہاوان۱"

رحمٰن راہی چھُ پننہٕ زمانچہِ حقیقژ سام تہٕ ہیوان تہٕ نوٚین سرحدن ہندی خاب تہٕ وُچھان۔ پننہٕ فنی پوختگی ستۍ چھُ سُہ پرن والس تہٕ پننین یمن طلسماتی تجربن منز شریک کران۔ تمۍ سندِس غزلس منز چھُ باضے ماضی حال تہٕ مستقبل ریتھ پاٹھۍ اکھ اکس منز مدغم گژھان زِ اکھ سرتازٕ تخیلی دُنیا چھُ آباد سپدان۔ یمۍ تہٕ اکہِ طرفہٕ ییتھ کالچہِ ماری منزِ زندگی ہندی نقوش چھِ ووتلان تہٕ بێیہِ طرفہٕ چھُ ازکالہٕکین پُرآشوب حالاتن پیٹھ طنز بہ اظہار شدت اختیار کران۔ ستۍ چھُ مستقبل تہٕ شاعرٕ ہندِ خاطرٕ خوف تہٕ حارتھ ہیتھ بردہٕ ہیٚکن یوان۔

راہی چھُ زندگی ہنزن کریچھن حقیقژن ہنز باوتھ تمہِ انداز کران زِ پرن وول چھُنہٕ ہمتھ تہٕ حوصلہٕ ترٛاوان بلکہ چھُ بدس حقیقژ ہُند مقابلہٕ کرنہٕ خاطرٕ جورتھ تہٕ طاقت تہٕ حاصِل کران۔ تہٕ کرِتھ تہٕ چھُ ریچھن شعرن ہُند حاصل فقط کریچھر تہٕ تلخی نہ

کریشہٕ ہے اماری کانہہ ٹوٹھے عذابے کانہہ
کاش ییتھ سیکلہٕ وقتس پرزٕ ہیے سرابے کانہہ
دلچہٕ ییتھ بے پرژھ بستیہٕ باگہٕ کُس گٚٹا شتھ آو
اوس ییٚس وِسے تارکھ کھوٚت نہٕ آفتابے زانہہ

---

۱۔ رحمان راہی ۔ سرنامہ نوروزِ صبا۔ ۱۹۵۸ء

یِم شورِچھ تازٕ ترین انسأنی ضمیرچ تہٕ موجوٗد پُرآشوٗب حالاتن منز
ہیٚتہٕ آمِتس حساس شاعرٕنٛد تخلیقی رٕدِ عمل۔ اَتھ غزلس منز ووتلن وول کِردار
چھُنہٕ پرانہٕ غزلکس کِردار ہٕندی پأٹھۍ ہجرٕچ تہٕ فراقٕچ دگ للہٕ ناوان بلکہ چھُ
وجوٗدی کربک کریچھر وہراوان۔ یہ کِردار چھُنہٕ کُنہٕ چیزس ستۍ پنُن پان یا جذبہٕ
وابستہٕ ہیکان کٔرِتھ بلکہ چھُ حالاتن ہیٚتھ طنز کٔرِتھ پرأنہٕ زندگی ہٕندۍ بن خابن
پیٚتھ راوان۔ شاعرس چھُ باسان زِ اَزٕچ تاریک زندگی ہیکن نہٕ مروجہ فلسفہ
تہٕ گاشرأوِتھ تکیازِ تہنز لگہ ہأری چھ ختم سپزمژ۔ شاعرس چھُ پنُن پان
تتھ صوٗرتہٕ حالس منز گرفتار باسان یتھ منز تس کُنہٕ چیزٕچ صحیح پہچان بیدٕتھ
ہیکہٕ نہٕ محصر پأٹھۍ ہیکو وٕنِتھ زِ اَتھ غزلس منز چھُ شاعر ہنز پیٚتھ کال پرستی
تہٕ ازکالس ستۍ تمۍ ہنز برہم گی شدتہٕ سان باوتھ لبان۔

مگر اَمیُک مطلب چھُنہٕ ہرگز یہ زِ شاعر کیا چھُ پیٚتھ کال پرستی ہُند
موٗت ہیٚتھ ازکالس مشراوان بلکہ چھُنے حقیقت یہ زِ سُہ چھُ ازکالس ژٕنان
تہٕ نہٕ سران تہٕ۔ تس ییٚتہٕ پیٚتھ کال خوش فکرمندیُن چھُ باسان تتہٕ چھ ازکالچ
بدگمان راتھ تمۍ ہنز نیندٕر حرام کران۔ شاعرس چھُنہٕ کائناتس متعلق وۄتھن
والین سوالن ہُند جوابے پھوران پنُن پرژھلی ضمیر چھُس یِم سوال بار بار
دۄہراوان۔ سُہ چھُ پننِ کُنہٕ یِمن سوالن لیوٗب تھوٗب کران۔ مگر یِم
چھس اَمہٕ پیٚتہٕ تہٕ تشنے روزان۔ پرأنِس زمانس منز ییلہٕ عاشق معشوق عشقٕ دٕنس
زالس منز ولنہٕ یوان آسی۔ تِمن ستۍ ستۍ اوس تہُند اوٗندپوک تہٕ ماحول تہٕ
یِمن ستۍ آدرنہٕ یوان۔ عاشقس اوس جکھُن پیوان تہٕ معشوقس اوس مول ہران
ازتہٕ چھُ مجنوٗنس کانہہ کُنہٕ ورشُن کران تہٕ نہٕ چھُ لألہٕ پنُن قبیلہٕ اَنٛدٕ پکھ

خِمہٕ دِتھ راَچھ کران۔ ازچھِ حالات بلکل برعکس۔

نہ مُتۍ کریکن کَنہٕ ورش نہ خِمہٕ راَچھ زٕ بج ریٛہہ
بَساَوی خانہٕ بدوشؤ سو کُلۍ موکلی شہر آخر



راتھ آس ژانگِج زلو گُلریز
ازٕ چھ تاپس کُج کوہ تال



یِتھ نو بِینہٕ شہرس منز بوزِکھ ووں عشقس آہ
نہ ٹھراَن ووں گراوے کانہہ نہ گراں جوابے کانہہ

اُزیُک انسان چھ ژماں ژماں پانس تام محدوُد سپدمُت۔ تمۍ ہندِس داَدِس، دگہِ تہٕ تمۍ ہندِہن باقی تجربن منز چھُنہٕ کانہہ شریک ہیکان سپدِتھ۔ راَہی چھُ یہ سوٗرے وُچھان ژرژان تہٕ ژینان تہٕ زندگی ہندِس معنیس تہٕ مطلبس اَندری منزی گژھنچ کوٗشش کران۔ سُہ چھُ زندگی محبت کران تہٕ زندگی ہنز تلخی وُچھِتھ تِہ زندٕ رُژھان روزن مگر موتُک خوف چھُس پرٛتھ وِزِ سایہٕ بنتھ ستی ستی روزان۔

نظر یُھرکھ تہٕ وُچھکھ پانہٕ سونتہٕ واو تُندبوٗت
ژیٛوہا پھو جوکھ زہر خندہٕ تہٕ پیٚیے ہُرتھ ہُرتھ آخر

موٗسمے نیٛتھ زٕ تاپھ روُد پیٚنے
شیٛنہٕ گنج بیتھ وَنے ژساں ہوی اُسی

موتک یہ اُژھِن خوف چھُ راہیس باضے بےمعنس کُن تہٕ نِوان تہٕ سُہ چھ اکہ کریٹھ وجودی کربک اظہار ہینھ پاٹھی کران۔

وَتہٕ پدس پیٹھ وَتہٕ پوٚدا پیٹھ وتہٕ پدس
منزلہ متہٕ ! اُسہ ستی ما ہکٹ کرکھ۔

یہ زن گوڑے وَننہٕ آو زِ شاعر (راہی) چھُ پننس پرژھلہِ ضمیرس لیوٚب تھوٚب کرِتھ زندگی گزُارنٕی یژھان۔ سُہ چھُ زندگی ہنز۔ وورسہ گرکہ منز۔ وسان تہٕ اُندی پکھی ماحولچہٕ پابندیہ تہٕ قبوٗل کران۔

راہی ووتھ دفتر گوو ژیر
وَتہٕ شیرکھ وونی کتھ خط وخال

دفترس تام واتن واجینہٕ یہ وَتھ چھُنہٕ شاعرسنہٕ خاطرٕ ہموار تہٕ بنتھ پیران۔ تمس چھُ قدمس قدمس پیٹھ ووریسہ گریکہِ منزلتہ کریم گژھنک خوف تہٕ پننہ وجوٗد راونک خطرٕ درپیش روزان۔ یہ کیفیتھ چھیہٕ شاعرس دأخلیت پسندی کُن نِوان تہٕ یتھن جذبن چھیہٕ باوتھ میلان۔

پھیرِ بازری تہٕ مے ژہاں صحرا
یہٕمہٕ خلوکھ تہٕ کھوٚکھو ژتاں مے کنہٕ

بےنیب قافلہٕ گرداد لبن اندر سرگرم
خموش ژانگ گوپھن سیہ لبن چھ نان

موجوٗد زمانس منز یمہٕ طریقہٕ انسان ہندی حیوأنی صفت برونہہ کُن آیہٕ تہٕ یہ نیوو زِ انسان چھُ پننہٕ پستی ہندین لمحن منز جیلرژن ہند غولام بنان

تمیک اظہار تہٕ چھُ راہی ہندٮ۪ن غزلن منز جایہ جایہ درینٛٹھِ یوان ۔ سُہ چھُ انسان ہندِس ظاہرس تہٕ باطنس درمیان فرق بدٕ گٕڈتھ ہٹوِتھ دِوان زِ انسان چھ تہذیب یافتہٕ آسِتھ تہٕ ژکہٕ حیوانی صفتن ہند حامل ۔

آہہ زن کانٛژھا ژٮ۪ے ہادی کیاہ کرکھ    پانہٕ مارِس واتہٕ ناوی کیاہ کرکھ

رٕتھ وٕ وتھر براژن تہٕ ڈُٹھ کمجار کرٕ    نچھتہٕ ہے کانہہ پرز ناوی کیاہ کرکھ

سیٚچھ پھٹنک ورٕ تہٕ سرباوے کتھن

لوٚہتیا ! یا گوو تٮ۪تس تاپس درکھ

راہی چھُ یہ صورتہٕ حال ژٕہنٛتھ زندگی ہنٛزٕ دوران تہٕ سُہ چھُ ہتھٕن لمحن منز باضے زندگی متعلق    منفی رٕوی یہٕ تہٕ پانہٕ ناوان ۔ تمُس چھ ژٕ واپاری انہٕ گوٚٹے انہٕ گوٚٹ باسان تہٕ زندگی منور کرنہٕ خاطرٕ چھُس پنُن پان مجبوٗر محکوم تہٕ بے بس باسان ۔

نی پیٚتھ ییٚتھی بالس ڈوٚکھ دیٖت تتھی آب سپُد

وٮ۪ہہ کھیٚتھ ییٚتھی سودرس ووٚٹھ ژھنی نایاب سپُد

---

چھوکل یہٕ ژٕہہ بےپرژھ یہٕ وٕن نہٕ واو سرٮ۪ہہ نہٕ وژن کرو

انہو اچھو چھُ مٮ۪ے ہرنس شبس کرٕن سحر آخر

ژھیوے ژانگٕ اٹھن ہندی کھٕن تہٕ کوتر موٗدی

سیاہ روٗدٕ جرٕن منز گوساہ کوت پیٚتھ دراکھ

پننہِ مجبوٗری محکومی تہٕ بےبسی ہُند یہِ گوٗن تہٕ سوٗن احساس چھُ شاعرس زندگی طنز یہِ نظرو وُچھنس پیٹھ مٲیل کران۔ طنز چھُ شاعرس پننہِ وجوٗدی دگ ہوٚمراونہٕ خاطرٕ اکھ ناگزیر ہتھیار باسان۔

سُتھ زمین کیاہ نو آسمان مٔے کِتہٕ
اوٗسا یم بربم تہٕ یم گمان مٔے کِتہٕ
اَسی شبنمی گُلالہٕ ژہی تاپن
روٗدی کنڈی تم چھ نم زنگان مٔے کِتہٕ

رُسُل پونپُر چھ راہی سنٛدین تازٕ غزلن متعلق لیکھان :

"راہی سنز پرانہِ غزلہِ تہٕ چھیٚہ مُروجہ خیالن ہُند پوٚت گرٕ آسنہٕ باوجوٗد اکِہ نوٗرُک تہٕ انفرادیتُک باس دِوان۔ تمٕہ سنزن تازٕ غزلن منز چھُ وجدانہٕ کھوتہٕ ہونرمندی زیادٕ دخل۔ باسان چھ کِتہٕ شعر چھ گرنہٕ آمتی پانہٕ چھنہٕ وُزے متی۔ اَمیُک بوٚڈ بار وجہ چھُ یی زِ خیال چھِ نوٗرچہ برانٛتر برونٛٹھے سُرتھ تہٕ سوچتھ گنڈنہٕ آمتی"۔[۱]

پونپرنہٕ امہِ بیانہٕ سِتی ہیکہِ غلط فہمی تہٕ پادٕ سپدتھ۔ یُزٕ چھُ یہِ زٕ اُزیک شاعر چھُ وجدانہٕ کھوتہٕ تجربس زیٛادٕ اہمیتھ دِوان۔ اُزچہِ شاعری منز چھُ وجدانہٕ کھوتہٕ فکرُ ہُند زیادٕ دخل۔ شاعرس چھُنہٕ خیال آسمانہٕ وسان بلکہ چھُ شاعر

---

[۱] رُسُل پونپُر۔ سون ادب ۱۹۷۶، کلچرل اکادمی صفہ ۲۳۰

فکرِ سخن کرٕنہٕ لفظن ہندِ ذریعہ خیالس اکھ تخلیقی شکل دِوان ۔ یتھ روٗد سوال راہی سنٛز ہونرمندی ہُند ۔ اَتھ چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ سُہ چھُ اکھ ہونرمند شاعر ۔ شاعری چھےٚ نہٕ محض خیال تہٕ امیکُ نوٗر بلکہ جذبُک تہٕ خیالُک کُن سپدُن خیالس جذبہٕ بناوُن چھُنہٕ سہل کتھا ہ ۔ اَمہِ خاطرٕ چھےٚ ہونرمندی لازمی یوسہٕ راہیس نِشہٕ برپوٗر نظرِ چھببہٕ گژھان ۔

راہی ہندی غزل پرٕتھ چھُ محسوس سپدان زِ سُہ چھُ پننین تخلیقی تجربن باوتھ کرنہٕ خاطرٕ معروضن، تمثیلن، مختلف توارٟخی کیو نیم توارٟخی کِردارن تہٕ مختلف قسمن ہندِن پیکرن ژاران تہٕ ژارٕ کرٕنہٕ یمن پننہِ یاوٕژٕ ہندِ اکِہ نرٕل طریقہ کار رٕنگی ورتاوان ۔ اَمی سندین اکثر غزلن منٛز چھِ لفظ تاثر وُفلاونہٕ خاطرٕ صحیح تہٕ مناسب پاٹھی ورتاونہٕ آمتی ۔ عام شعرٕوٕل یمیک راہی ورتاو چھ کران چھےٚ تمی سنٛز پیکر تراشی ۔ پرٕتھ کانٛہہ شعر چھُ اکھ پیکرٕ ہیتھ برونٛہہ کُن یوان ۔ گوڈٕ چھُ پیکرُک ماری منز پرٕن وآلس پانس کُن کشِش کران تہٕ اَمہِ پتہٕ چھُ سُہ اَتھ استعارٲتی معنہٕ ژھانڈنک تلاش کران ۔

پیکر تراشی ہُند یہِ عمل چھُ راہیس اکھ نوٕ زبان گرناوان یوسہٕ ویٚز اَستھ تہٕ رِوٲتی قٲرِی ہندٕ خاطرٕ دوٚپرٕہش چھےٚ باسان ۔ راہی ہندِس شعرٕ سرمایس تہٕ مزاجس اَنزی منٛزی گژھتھ چھ قٲری اَتھ نوِ زبانہِ واقف سپدان تہٕ سُہ چھ یہِ مانان پتھٕ مجبوٗر گژھان زِ راہین کوٚر واریاہس حدس تام کٲشر غزل رِوایتی لگہِ لِیہِ نِشہٕ آزاد تہٕ اَتھ کوٚرُن اَوبر گوبر عطا ۔ تمی بناو کٲشرِ غزلِچ زبان مجازی تعلقہٕ انسٲنی ذیٚہنہٕ کین سنجیدٕ جذبن تہٕ تجربن ہنٛز زبان ۔

**امین کامل** امین کامِل سُند مۆلہٕ شعرٕ مزاز چھُ "لو تہٕ پرٕو" چھپنہٕ پتےٚ پرٕن والین اَتھ یِوان۔ "مَس ملر" شعرٕ سۆمبرٕن یوسہٕ اَمہٕ برونہہ چھاپ آس سپزمٕژ، آس بُنیٲدی طور تمہٕ سٕندین ترقی پسند جذبن ہنٛز ہنگٲمی باوتھ۔ ترقی پسند نظریہٕ نِشہٕ دوٗر ہیتھ چھُ کامِل پننِس مۆلہٕ شعرٕ مزازس پرزناوتھ ہیکان تہٕ بحیثیت اکھ منفرد شاعر چھُ گوڈنِکہٕ پھِرِ پننین سٕری متین تجربن ہنٛز باوتھ کٔرِتھ پرٕن والین تہٕ اَمیُک احساس پاد کران۔ سُہ یِتھ شعرٕ مزازس پانہٕ ناوان چھُ تتھ متعلق کُتھ کران چھُ سُہ پانہٕ وَنان۔

"وۄکھ چھُ وُژوار وُچھان تہٕ نۆوی نۆوی تقاضہٕ کران یمن ہنٛدِس نتیجس منٛز کوٗر مےٚ تہٕ اکھ نوٚو شعرٕ مزازُک تجربہٕ۔ یہ تجربہٕ ہیوٚتُن کامیاب ہیوٚ رۆزُن۔ واریاہ دوس لگی یُوہے رنگ آرٹ ورتاونہٕ۔ اَمیُک مطلب گوو نہٕ میانی تخلیق کیاہ چھِ بٔڈی فن پارٕ، اما پۆز یہ شعرٕ مزاز چھ بلکُل نوٚو تہٕ جُداگانہٕ۔ یہ چھُ اکھ خود دار زخمی مزازٕچ آواز۔"[1]

یہ چھُ پۆز زِ کامِلن کوٚر اکھ نوٚو تہٕ جُداگانہٕ شعرٕ مزازُک تجربہٕ تہٕ یہ چھُ اکھ خود دار تہٕ زخمی مزازٕچ آواز مگر یہ وَنُن چھُ پۆشُھے یِہُنٛد باسان زِ تمہٕ سٕندی واریاہ ہمعصر کیا لگی تمہٕ سُند مزاز وُچھتھ لیکھنہٕ۔ تمہٕ سٕندین اہم ہمعصرن منٛز چھِ نادِم تہٕ راہی ہِوی شاعر تہٕ شٲمِل تہٕ یمن دۄن اہم شاعرن ہُند کلامہٕ پٔرِتھ چھُنہٕ کُنہٕ تہٕ جایہ باس لگان زِ یمن ہنٛدِس تہٕ کامِل سٕندِس مزازس منٛز کیاہ چھُ کانہہ واٹھ۔ یم چھ ترےٚ مختلف آواز تہٕ یِہُنٛد زۆو یہ چھ زبٲنی متعلق الگ الگ۔ ترٚنٛوے چھ زبٲنی پننہٕ پننہٕ آیہٕ ورتاوان یمہٕ سِتۍ یِہُند مزاز بیوٚن تہٕ بدوٚن چھ سپدان۔ آیہٕ چھُ پرزنہٕ نوجوان شاعرو

---

[1] امین کامِل "لو تہٕ پرٕو" صفحہ ۱۹

منز رۄٹ کأنسہٕ کألمن انز یمن منز غلام نبی آتش تہٕ شأمل چھُ۔

خأر یہ بحث اوٚکطرف ترأوِتھ چھُ مانٛنُ بیوان زِکأل چھُ پنٛنین بدس تخلیقی صلاحیتن ہُند بر پوٗر فأیدٕ تُلتھ "لو تہٕ پرٛو" کتابہِ منز اکس منفرد شأعر ہنزِ صوٗرتہٕ منز پرٛن والین متأثر کران۔ سُہ چھُ امہِ کتابہِ پتہٕ ۱۹۶۷ہس منز بیٚنیہ سُے پان" تہٕ ۱۹۷۳ہس منز "پوٚدس پوٚد ژھاے" پرٛن والین بروٚنہہ کنُن ترأوان تہٕ پننہِ تخلیقی سفرکہ جأری آسنُک ثبوت دِوان۔ کأمِلس چھیٚ پننین ہمعصر شأعرن مقابلہٕ ہمیشہٕ یہ کل روٗزمٕژ زِ تمۍ سُند اکثر کلامہٕ گوٚڈہ پرٛن والین تام کم کھوتہٕ کم وقتس منز واتُن۔

کأمل سیٚتھٕ ترقی پسند نظریہِ نِشہٕ دوٗریوو تمۍ ہیٚتۍ نوٚۍ خیالات دأیراونہٕ تہٕ مشأہدس دِژن باقی کتھو کھوتہٕ زیٛادٕ اہمیتھ۔ یِم نوٚۍ خیال تہٕ مشاہدٕ آسۍ نوٚۍ زبان ورتاونُک تقاضہٕ کران تہٕ امہِ خأطرٕ کوٚر کأملن پرٛزی اکھ نوٚ زبان استعمال۔ تہٕ کرٕتھ تِمہٕ ہیوٚک پننہٕ گوڈٕ گوڈٕ پننہِ خیال آرائی شعرک زوٗزبہٕ عطا کرٕتھ۔

ڈاکٹر حامدی کأشمیری چھِ اَتھی کنہٕ وضاحت کران لیکھان۔

" اکیُک وجہ چھُ زِ اَتھ دورس منز چھُ تمۍ سُند ذیہن تخلیقی کھوتہٕ اکتسأبی باسان۔ دوٚییُم وجہ چھُ یہ زِ سُہ چھُ وُنہٕ نادِمہٕ پأٹھۍ بے دایہ تہٕ فیاضی سان لفظ استعمال کران تہٕ یہ کتھ (نظمہِ منز خاص کرٕتھ) مُتأثراوان زِ فنُک تاثرُ چھُ اختصارسیٚتۍ دوٚتلان۔ یِمن نظمن منز چھُ اوٚسلوٗبہٕ رٕنگۍ زیچھر، وضاحت تہٕ ڈیچرٕ تہٕ یوٚتام موضوعُک تعلق چھُ یِمن منز چھُ اردوٗ شأعر آزاد تہٕ حالی بیس پتہٕ سرور جہان آبادی، نادر کاکوری، چکبست، کیفی تہٕ اقبال نہٕ بانگِ درا چِن نظمن

مثلن چاند، گل رنگین تہٕ کنار راوی یکہٕ پاٹھۍ زندگی ہندٕ ین تضادن، ظلمن تہٕ دادٕ ین تہٕ دوکھن ہُند اظہار کرنہٕ آمُت"۔ لہ

کامل چھُ پننٮ۪ن تجربن ہنز باوتھ نظمن منز تہٕ کران تہٕ غزلن منز تہٕ، مگر یزر چھُ یہِ زِ سُہ ہیوکہٕ بحیثیت نظم نگار سُہ مقام حاصل کرِتھ یُس تس غزل لیکھتھ میوٗل۔ تٔمۍ ہنزن نظمن منز چھُ تٔمۍ ہندۍ تجربہٕ رأسی ہوی گرڈھان مگر غزلُک رمزیہ تہٕ اشاراتی طریقہٕ کار چھُ تٔمۍ ہندٮ۪ن تجربن باوقار تخلیقی توڑھ بخشان۔ تٔمۍ ہنز شاعری پیٹھ کتھ کرنہٕ وِز ییتہٕ تٔمۍ ہندِس غزلس پیٹھ زور ییہ دِنہٕ تتہٕ پیٹھ تٔمۍ ہنزن کینژن نظمن متعلق تہٕ کتھ۔ تٔمۍ ہنز مشہوٗر نظمہٕ چھیہٕ "جنگل" "رنیٛز شاہراہ"۔ "زیرو برج"۔ "کاوی دیوہم"۔ "یگاہ کور گرڈھکھ"، "آدم چھُ زینے"، "مرثی" "بے وکھ" تہٕ "نیلہٕ ناگ"۔

"جنگل" چھ اکھ تمثیلی نظم تہٕ اتھ منز چھُ کاملن زندگی متعلق متضاد رُویہٕ (APPROACH) نوٚن ینران۔ زندگی ہُند یوٚہے تضاد چھُ زندگی ہُند حاصل ۔ کینہہ نقاد چھ ونان زِ یہِ چھیہٕ علامتی نظم مگر ہنا سنجیدگی سان پرِتھ چھُ محسوس سپدان زِ یہِ چھِ اکھ تمثیلی نظم۔

پانٛژ پانٛژ کڈان چھُ واوس کل
پانٛژ پانٛژ الاں ڈلاں جنگل
کنٛہ جِہ آہن تہٕ لولہٕ داراں شاخ
حارِ ناتن تہٕ لے کراں جنگل

---

لہ ڈاکٹر حامدی کاشمیری۔ جدید کاشر شاعری، ۱۹۸۲، صفہ ۱۲۶۔ ۱۲۷

نظم چھِیہٕ "جنگل" تشبیہہ اَندی اَندی وَنتھ تہٕ اَتھ منز چھُ غزلُک ہیوٗ انہار۔ اَتھ ہیکو اَسی غزلِ مسلسل تہٕ وَنتھ۔ اگر اَتھ کیہنہ شعر ترٛاوہٕ تہٕ پن تیلہِ تہٕ پیٚیہٕ نہٕ کانہہ فرق تہٕ اگر مزید شعر واتوس تمہٕ سٟتی تہٕ پیٚیہٕ نہٕ کانہہ پھیر۔

"پرٛینی شاہراہ" تہٕ "زیروبرج" نظمہٕ چھِیہٕ فکری اعتبارٕ کاملمٕین نظمن ہُند معراج۔ یِمہٕ نظمہٕ پرٛتھ چھُ باسان زِ کامل چھُ زندگی ہُند لیہٕ لاو تہٕ کُلہ مایہٕ اَوکطرف ترٛاوِتھ زندگی ہُند مطالعہ سنجیدگی سان کران تہٕ اِمکی تم پاس بدِکڈنی کوشش کران یمن کُن نہٕ تیٚز یاکھٕ توجہ چھُ دِنہٕ یوان "پرٛینی شاہراہ" نظم پران چھِیہٕ فیض احمد فیض ہنز یہٕ نظم تہٕ یاد پیوان۔

"شاہراہ"

ایک افسردہ شاہراہ ہے دراز
دور افق پر نظر جمائے ہوئے
سرد مٹی پہ اپنے سینے کے
سرمگین حسن کو بچھائے ہوئے
جس طرح کوئی غمزدہ عورت
اپنے ویراں کدے میں محوِ خیال
وصلِ محبوب کے تصور میں
مو بمو چور، عضو عضو نڈھال

وُچھتو وۄنی کاملنہٕ نظمہٕ ہندی یم شعر یم ہوٚبہ ہوٗ فیض سُند ترجمہ چھُ۔

دوٗر اکھ زیٚھ سرد پرٛینی شاہراہ
بے صدا، پُرسکون، پُراسرار

زاگہِ سوندر حسین ماژگ راتھ
زیٹھ زن شراونس اندر دگرس
آسمان قد سفید پھر ستھ ژھاے
سرد زن شامہ پتہٕ بہتھ تنہا
یاونس پیرِ مرد کانہہ دِیہ ناد

پزر چھُ یہِ زِ فیض سنز نظم چھیہٕ کاملہٕ نظمہِ ہُند وُتشُ ۔ نظمہِ ہنز کُھم پاٹھۍ سام ہیتھ چھُ احساس گژھان زِ یہِ چھیہٕ مابعدالطبیعاتی نظم تہٕ اَتھ منز چھُ شاعرن کائناتس تہٕ انسانس درمیان رشتس پیٹھ غور و فکر کٔرتھ اَتھ اَنزی منزی گرٛ ژھنہ کوشش کٔرمٕژ ۔ یہِ نظم چھیہٕ صوفی شاعری ہندی پاٹھۍ یہِ تاثر دِوان زِ زندگی چھیہٕ بُنیادی طور کائناتک مالک تہٕ خالق پرزناونک اکھ امتحان ۔ شاعر چھُ محسوس کران زِ کریچھر تہٕ تلخی چھُ زندگی ہُند مُکمات حاصل ۔ یُس شخص زندگی ہُند کریچھر وہتراوتھ ہیکہِ تہٕ امیک ٹیوٚٹھ پیالہ چِتھ ہیکہِ، سُے ہیکہِ اَکس سیٚزِ تہٕ پزِینہِ شاہراہہ پیٹھ سفر کرنک سنز کٔرتھ تہٕ زندگی ہندس مولہ مدعاہس واتتھ ۔ انسان ییلہِ اَتھ امتحانس منز کامیاب تہٕ کامران چھُ سپدان ۔ تسندِ خاطرِ چھِ زندگی ہندی ساری غم غصہ وہ داسی تہٕ واری داتھ پوشہِ پھلیہ ہُند رنگ رٹان تہٕ سُہ چھُ پنُن پان زندگی سیتۍ وابستہ کٔرتھ ہیکان ۔

چھونچھ دِتھ قلزمس زین کُس کیاہ
نیل کنٹھس چھُ زہر نوٚٹ بوڈ لاس

زہرس زیچھرس چھُ زھوٚٹ راواں
ترِ منز سرد بہب وُشناواں
تیز تلوارِ پیٹھ چھِ زن مٔتی کھور
سونتہٕ سبزارِ منزٕ قدم ترٛاواں
یان باساں چھُ لوٚت لطیف لطیف

زندگی ستی اَمہِ قسمچ وابستگی چھےٚ شاعرس تتھ وَتہٕ پیٹھ کامیأبی سان رٕوہہ
کنُ پکہٕ ناوان یتھ ہٕ کانہہ میلہٕ پٹ چھُ نہٕ کانہہ تھکہٕ بیٚنڈ۔ اَتھ وَتہٕ پیٹھ پکان
چھُنہٕ انسانس وقتُک شہ تصور قأد ہکان کرِتھ یتھ منزٕ عام پأٹھی پھسِتھ چھُ
آسان ــــــ بروہہ پکِتھ چھُ شاعر بےنیاز بنان نہٕ زندگی یتھ پأٹھی سام ہوان۔

کانہہ گولابُک وُتھرٕ نہٕ کانہہ کُنڈی پوٚت
نہٕ بیٚنڈبن دگ نہٕ منزٕ اتھس خوشبوے
کانہہ نہٕ ٹٔرِ وہر کُنہٕ نہٕ پکھِ ہُندواش
بند قفصس دِواں چھُنہٕ اُڈ گراے
ظأہرچ تیہہ نہٕ بأطنچ نرمی
آب باقی نہٕ کانہہ سورابُک خاب
بسَ چھُ اکھ کیہنہ نہٕ کیہنہ نہ کہیں

یہ نظم چھےٚ اکہِ تتھ کُنرِک باس دِوان یتھ نہٕ کانہہ ناو ہیکہ دِتھ۔
یہ چھُ اکھ حأرتھ یُس محسوس ہیکہِ سپدِتھ مگر فکرِ ہیکہِ نہٕ ترِتھ۔

"زیرو برج" نظم چھیہٖ مواد کنۍ پرٛینۍ شاہراہ" نظمہِ ہُند اکھ کوٗر باسان۔ تہٖ کرِتھ تہٖ چھیہٖ دون نظمن درمیان واضح فرق۔ "پرٛینۍ شاہراہ" نظمہِ منز چھُ شاعر ہستی ہندِ حالہٕ منز نبر نیرتھ پرٛینہِ شاہرایہٕ ہُند مُسافر بنان تہٖ زیرو برج نظمہِ منز چھُ شاعر زندگی ہنزِ دلکشی تہٖ دلفریبی ہندِس کشمکشس منز آورہٕ پوان۔

یٖمہِ فضہِ مُنزٕ چھِ دپان اکھ وَتھ
کُس ژٕلِہ ہستی ہندِ حالہٕ نبر
کُنڈی تار بھدم تھزٕ ژھال تُلِتھ
کس زالِہ یہٕ سمسارکُ کُل، ییٖتھ
پربتھ لنجہِ چھ ژہِی ژہِی دوٚد نیران

یہٕ چھُ بُنیادی طور للہِ ہُندُے تجربہ یُس اَسہٕ یٖمہِ اندازٕ ویوٚد چھُ ؎

ناہدی بارس اَڈٕ گنڈ ڈیوٚل گوم

کاملس چھ نظمہِ منز زندگی ہندی وارِیاہ خوٗبصورت منظر تہٖ ژہِی یادپنٕنس ہستی ستی لوکچارُک محبوٗب تہٖ یاد پیوان یس ہستی رٕلِتھ تَمہٕ زندگی ہندی مدٕری خاب وُچھنی چھ۔

تس یار مشن گارس وُڈی کین
کیہنہٕ آسا میون تہٖ خواب پوان
ییٖتہٕ ہے چھ یوٗن سونتس اَندر
مہوٕ روٚس ورِ تام گب نیران

قودرت کِہن رنگن تہٕ نقشن ہُنتھ چھُ شاعر محسوٗس کران زِ زندگی

ہُند تاپھ تہٕ ترٛز چھُ یمن رنگن تہٕ نقشن چھٕرٛاوان ۔ تَس چھُ سُہ دوہ یاد

پھوان ییٚلہِ پرٛتھ انسان (لیُس پانہٕ تہٕ قودرتکیو رنگو تہٕ نقشو منٛز اکھ چھُ )

چھیٚنہٕ تہٕ اکھ زیرو برج بنہٕ ۔ منطقی نو قطے نگاہ کِنہِ یوٚت تام نہٕ زیرو (صفر)

بیٚیہ کُنہِ عددس سیٚتی رلہ سُہ چھُ بے معنی بنان تہٕ اَمہِ کہِ طاقتُک احساس

چھُ تَمہِ ساعتہٕ سپدان ییٚلہِ یہ کُنہِ عددس سیٚتی رلہِ ۔ اَتھ نظمہِ متعلق ہیٚکہِ یہ

سوال تہِ پاد سپدِتھ زِ اَتھ کیازِ چھُ زیرو برج عنوان ۔ یہ کتھ چھ ساری

زانان زِ زیرو برج چھُ سری نگر شہرس منٛز ویٚتھ ہُند اکھ مشہوٗر کدل ۔

شہرکس یتھ علاقس منٛز یہ کدل بناونہٕ چھُ آمُت سُہ اوس کدل بنیتھ نہٕ

وارِہس کالس سُنسان تہٕ خاموش علاقہٕ ۔ کاملن چھِ ییمہِ چیز نظرِ تل تھاوِتھ

اَمہِ کدلُک ناو ہیٚنہِ نظمہِ ہندِ عنوانہٕ خاطرٕ زورمُت ۔ ازکل چھُ زیرو برج

علاقہٕ اکھ گنجان آبادی وول علاقہٕ تہٕ اَتہِ چھُ نِہٕنھٕ شور تہٕ ہنگامہٕ یُتھ

شہرکِس باقی علاقن منٛز آسان چھُ نظم "زیرو برج" پرن وِزِ گژھن پرن والِس

ہیٚرِ کنِہ اشارٕ نظرن تل روزٕنی نتہٕ ہیٚکہِ نہٕ سُہ نظمہِ ہندِس عنوانس پزٕ نہٕ پاٹھی

واقف سپدِتھ ۔

نظمہِ ہند زیرو برج چھُ کاملنہٕ اندرونُک زیرو برج ۔ شاعر چھُ

محسوٗس کران زِ یِس انسانس نظر موکھ آسہٕ تہٕ ییٚمہِ نہٕ زندگی ہُند تاپھ

تہٕ شہل پکہٕ وٕٹہٕ وُچھمُت تہٕ سوٗرمُت آسہِ سُہ ہیٚکہِ نہٕ زیرو برجک تصورے

کرِتھ ۔ ییٚمہِ انسانن زندگی متعلق زانہہ سوٗنچمُت آسہِ نہٕ سُہ ہیٚکہِ نہٕ زیرو برجکہِ

آدیٚنُک لطف محسوٗس سے کرِتھ ۔

یہ چھُ زیرو برج
زیرو چھ عجائب نوقطہ مہ پرژھ
اَتہ گرُند راوان، اَتہ گرُند وۄپدان
ییمہ ؤزہ منز کوڈ پہ قدم ازتان
تس کیا چھ لطف تمہ آو لیٖنگ
سَتھ پور وُچھتھ بون لیُس چھُ یوان

نظمہِ ہُند فنی اعتبارہ مطالعہ کرِتھ چھُ نَنان زِ کیٚہنہ مصرِ چھِ اکھ وضاحتی تہ تفصیلی بناوان۔ دوٚیم یہ زِ شاعر چھُ اَکِس فلسفی ہندی پاٹھی کانہہ نوقطہ ٹلان تہ پتہ رُے سمجھاونچ کوشش کران۔ زیرو لفظ چھُ پانے ییمہ کتھہ ہُند اعلان کران زِ یہ چھُ اکھ عجائب نوقطہ تہ اَمہ ستی چھ گرُند راوان تہ تہ وۄپدان تہ۔ شاعر ہنز زیٚوِ یم مصرِ بوزِتھ چھ پرن والیٚہندس ذوقس تہ سرُورس منز خلل امش پادہ گژھان۔

یہ چھُ زیرو برج
زیرو چھ عجائب نوقطہ مہ پرژھ
اَتہ گرُند راوان اَتہ گرُند وۄپدان

"کاوی ولیوہم" نظمہِ منز چھُ کامل زندگی ہیٚیہ اکھ طریقہ سَنان۔ شاعر چھُ محبوب ہندِس انتظارس منز آور۔ تس چھ چشمہ پراری پراری لوسان تہ کرِتھ تہ چھیہ تس وۄمیدہ اگر زندگی ہنزِ تاریکیہ کانہہ چیز روشن ہیکہ کرِتھ رُے چھُ فقط لول۔ لولہ کہ تصور بغار چھ شاعرس زندگی ییمہ نوعیتھ ہنز باسان۔

مےٚ ژھیوٚن مُت پن شہن، ہوٚس گوبیوٚ مُت
نظر ییتھ کُن تُلان چھُس تتھ گرٛژھاں شام
یہ کٔمۍ شیطانٚ اَتھہ پیٛٹھ بازی تاٚرٕم
صنٕکس میٛٹھ موٚنہِ کرٕنم شعوٗر سٕس
سیاہ شہمار منٛز تھوٚوٕنم مےٚ بچھ دُنۍ
یہ ٹوٗپھ، دوٚہہ میانہِ زُو کتھ کیٛنژ آیوکھ
یہ دگ، کتھ خاصہِ بدلس کُس پرٛین گوم
نظر تُلہٕ ہابس کُن نب ذٕرتھ ییوم
زمین آسم تہٕ سوتہِ گیراں پدٕن تَل
بہٕ چھُس وٚاراہ وٕتہ حاراں مُسافر
خبر کتھ تاں دمس پرٛاراں بےٚ مقصد

شاعرس چھُ سوالن ہُند اکھ بے کراں بسمندر یوٚہہ کُن پوان۔ سارِوے کھوتہٕ اہم سوال چھُ یہ پاڈِ گژھاں زِ زندگی ہُند مقصد کیاہ چھُ؟ شاعر چھُ مولانا رومی سُند مرید بننچ کوٗشش کران مگر روٗمی چھُنہٕ تمۍ ہنز ترِیش ہُمرآوِتھ ہیکان۔ سُہ چھُ شنکرس دامن رٹان مگر تمُس بنِتہٕ تہٕ چھُس نہٕ تشنگی ژلان۔ آخرس چھُ امام غزالیؔ یس نِش واتان یُس اکھ ژھوٚرُے پیالہ چھُس دِوان تہٕ دٔنان چھُس چیٚیہ۔

یہ نظم چھیہٕ اَوٚہ موکھ جدید سوٗنچ پادا وار تکیازِ شاعر چھُنہٕ ژھوٚرُے پیالہ چینٚس پیٛٹھ تیار سپدان۔ تمِس چھُ پنٕنۍ سوٗنچ، فِکر

تہٕ عصری آگہی سرچِھپن ہندی پاٹھی۔ بُچھان تہٕ سُہ چھُ نالہٕ دِوان۔ تَس چھِنہٕ پیٹھ کانہہ پرٛژھ تہٕ یوسہٕ تمیٚ سندین سوالن لیوٚب تھوٚب کرِتھ ہیکہِ۔ تَس چھِ یِم سوال اَندری کوٗران۔ سُہ چھُ اَمہِ کشمکشہِ منٛز نیبر نیرٕہان نیرُن مگر کِہنی چھُس نہٕ تگان۔ آخرس پیٹھ چھُ نظمہِ منٛز آدمی لوٗکٕ تصوٗر طلوع سپدان یُس شاعرس اَمہِ کشمکشہِ منٛز نیبر نیرنُک واحد وٚسیلہٕ چھُ باسان۔

بہٕ چھُس ہا گرٛژھ مےٚ نشانَن ہنٛز ہٮ۪منی دگ
یمَن سرچِھپَن زمرّد گوو مےٚ نایاب
زدل کوٚرہم بدن روح آکھ در آکھ
تَلا کانہہ رام کرِ وتی بیٚن وُچھتو
تَلا کانہہ واتی توٚ میانِس تہٕ داس
مےٚ چھا کیہنہ دوٗرِ رک ہاوس کنٕہر ٹوٹھ
سوٚ ہےٚ وُچھِہن بہٕ دِمہٕ ہا نرِ تہٕ نارس
سوٚ ہےٚ پیہ ہے بہٕ رِمہٕ ہا پانسےٚ اَتھی

" نیلہٕ ناگ" نظم چھ دراصل اَمی نظمہٕ ہند ارتقائی منٛزل۔ شاعر چھُ زندگی ہُند معنی تہٕ مطلب ژھاراں ژھاراں تھکاں تہٕ ژھلناں تہٕ آخرس چھُس ناووہ میدی نال وَلان۔

ترٛلیشہٕ ہٮ۪تھ دراپہٕ بیٚہ سوکھ یاگی خیالن ہندِ ہرن
وُڈھ پھیشاں پیٚیم کھمان، نارن دسان سنگرن کھسان
نیلہٕ ناگُک پےٚ گڈاں دوراں دواں

پھیرِ پھیرِتھ ییٚہِ ژھٔنٛتھ سپدٕنیہِ وُداسی

یِمن نظمن ہند لہجہٕ تہٕ یِمن منز ووٚپدن واجنی فکر چھیہٕ کاملنہٕ ذہنی ارتقاہکۍ

پَے تہٕ دِوان تہٕ پرن وٲلس پانس سٟتۍ پکناوِتھ محظوظ تہٕ کران۔

وُچھتو ووٚنی کاملنہٕ یہٕ مشہوٗر نظم ۔

"مرثی"

ہتہٕ ساےٚ ہے دوستو اہم سخن ہم دمو

کأنسہٕ مایاد چھُو توتہٕ کیہنہ دپان ہیو

پوٗش آسان چھِ کیتھی

وُہی منٛے گومت مٔشتھ، یا ونُے پیوٚو رٕہتھ

روزِ کوتاہ ژٕہتس          یتھ دماغس دِلس

واریاہ کال گوو

سونتھ ووٚنی ڈیشنس

یہٕ نظم تہٕ چھیہٕ کاملنہٕ مزاجٕچ عکاسی کران تہٕ پرن وول چھُ محسوٗس کران

زِ کامل چھُنہٕ زندگی منز خٔسنٛچ تہٕ ٲری منزرٕچ کانہہ زٕژ وُچھتھ ہیکان۔البتہٕ

چھےٚ یہٕ کتھ صحیح زِ کاملس چھُ یتھ کالچہٕ زندگی ہٕندٕ حُسن تہٕ مزیاد ہیوان۔یہٕ تہٕ

چھُ پزر زِ فنی طوٗر چھُنہٕ یہٕ نظم اکھ وحدت ہیکان بٔنتھ۔رحمٰن راہی چھُ اکھ

نظمہٕ تجزیہ کران لیکھان۔

" ہرگاہ نظمہٕ عنوان آسہٕ دِتھ سُہ عنوان تہٕ چھ نظمہٕ ہند جُزبان تہٕ

ساری جُز یکہٕ وٹہٕ رلتھ تہٕ کُن سپدِتھ چھیہٕ نظم تخلیق سپدان۔کامل صابنہٕ

نظمہِ چھُ عنوان "مرثی" تہٕ یہ عنوان چھُ بجایہِ خود نظمہٕ ہُند دوکھلد لہجہِ مشخص کرنک اشارٕ دوان - چنانچہ گوڈنکُے مصرٕ چھُ اُتھ لہجس ستہٕ ہم آہنگ باسان - مگر "دوستو ہم سوخن ہمدمو" بوزتھ چھیہٕ اَچھ سارے تیتہٕ وسان تہٕ پتہٕ بٔرونہہ پکان چھ اُمچہِ شدت منز چھیہٕ بیہن کمزوری یوان تہٕ بُنیادی لہجس برخلاف لاتعلقی ہُند لہجہِ دوٚنلان"

راہی صابُن تجربہ چھُ صحیح باسان تکیازِ شاعر چھُنہٕ نظمہِ ہندس بُنیادی لہجس منز کانہہ شدت پادٕ ہیوکمُت کرِتھ بلکہ چھُن اَتھ برعکس نظمہِ دَدار واتنوٚمت امین کامل سُند غزل چھُ تمیٚ سند نظمہِ مقابلہ واریاہ جاندار - تمیٚ سندین غزلن ہُند صحیح مطالعہ کرِتھ پتہٕ چھُ احساس سپدان زِ غزل چھُ کاملنس شعر مزاجس بلکل قریب - سُہ چھُ نظمن منز راوان ہیو مگر غزل لیکھتھ چھُ سُہ پننِس شاعرانہٕ وجوٗدچ تہٕ شخصیژ ہنز بھرپور عکاسی کران - تمیٚ ہندِس غزلس منز چھُ تمیٚ سُند سوچ فکر تہٕ جذبہٕ یکہٕ وٹہٕ رلان تہٕ زندگی ہندی بدلوٚنی انہار تہٕ چھ دیدن سپدان تہٕ باوتھ چھیہٕ حسین آسنس ستہٕ ستہٕ موثر بنان - حامدی کشمیری چھ کاملنس غزلس متعلق کتھ کران لیکھان زِ "یہِ چھُ تمہٕ سندِس اَنھس منز بقول پرالپسر "میجک وینڈ" بنان تہٕ جادٕ کرِ دٕہہ کران" [٦]

کامل بیٚیتہٕ پننین نظمن منز عصری زندگی ہندِ زاوِ جارن سُتان

---

[٥] رحمان راہی - کہوٹ ١٩٧٩ صفحہ ٧٣

[٦] حامدی کاشمیری - جدید کاشُر شاعری (١٩٨٢) صفحہ نمبر ١٣٠

چھُ تِتھ چھُ سُہ پننین غزلن منز تہٕ نو آگہی ہندِس گٕاشتس منز زندگی سمجھنچ کوٗشش کران۔ سُہ چھُ اَزچہ پُرآشوب زندگی ہنز نِہہ وُن کار خصلژ تہٕ واقف تہٕ زندگی ہنز تیز رفتاری منز پننہٕ پان راونس تہٕ ـــــ باسان چھُ زِ کامل چھُنہٕ کُنہِ مخصوٗص مکتبِ خیالک، مروجہ فکرِ ہند یا نظریک قٲیِل بلکہ چھُ زندگی پننہٕ آیہٕ سُعان تہٕ ژرزان۔

رحمان راہیس پتہٕ چھُ کامل دوٚیم شاعر ( پننہٕ پیہٕ منز ) یُس زندگی کُنہٕ نظریہ ژھاے پتہٕ بغاٚر واقف سپدنچ کوٗشش چھُ کران۔ اَمہ ہندین غزلن منز چھُ ذاتک کنُہر، تنہاٚیی تہٕ پرژھیوٚن آسنک جذبہ جایہ جایہ تہٕ شدژ سان ووتلان۔ یمن غزلن ہندی شعر چھِنہٕ رِلوایتی لوکہ تصور پیش کران بلکہ چھِ لوچین قدرن ہنز پایالی ہندِ باس دِوان۔ یہ نوٚو تصوٗر چھُ پرن واٚلس بانبر تہٕ پاوان تہٕ اَکھ غار معمولی شدژ ہند احساس تہِ دِوان۔

آلی ساساکلہو پیٹھن ؤسی یہو
خامشی دِژ سوراتھ رِتچ توبہ



کوہن چھُ تراس گژھان، موم زن چھِ وِگلان پل
کوٚلن چھُ آب وُیے وُپ چھُسر چھُسر چھِ دزال



آدمس پتہٕ گرد تہٕ برونہٕ وُنل
بے وساہے چھ موتبر اُستھ

یہ لَر تہٕ لگان کانٛہ کیٛل ہولر تہٕ اَڈٕ جہِ فنا
تہٕ پوشہٕ پان پننٕ بسترس سنان آسی

○

تہٕ برانٛتھ ژھایہ آسنے کران کُھٹھس اَتہٕ گتھ
دلِگ وُڈالی قمیٛر پنجہِ دِتھ ژلان آسی

○

آیہ کرِتھ تام ماگہ زامژ ژھسٹھ
ذہن ترنیٖو لگو قلم تا منتھ

○

کِکر بنجہِ اکہ منزٕ کھٕر زٕون
تھٕچ مژ تھٕچ مژہ ہش زامن

○

یہ فکر تہٕ آگہی چھِ منزٕ منزٕ تمہ سندین غزلن منز طنز تہٕ وٕد تلاوان۔
سہٕ چھُ زندگی، اَندٕ پکھس تہٕ ماحولس تھٔد نظر نزاوِتھ وُچھان تہٕ سماجچہِ ریاکاری
چھُ وُرن تھوٕد نوان تُلِتھ تہٕ پرِن واٰلس چھُ حقیقتھ برونہہ کُن اَنان۔

ہتہ سہٕ بہٕ تہٕ کٔنہ لوکُٹ سرٕہیہ
ہتہ سہٕ بہٕ تہٕ چھُس تھنزٕ نژایہ
اَمہِ کتھِ کرٕ نم وانجہِ گدٕ
کیا سہٕ نظرے دِزٕ ہے نور

ژےچھکھ قایم مےٚ ڈول کھور
اَڈ ژےٚ زیوٗنھ اَڈ مےٚ ہور



بلبل باشو گہلان من
کاو چھِ وقتہٕکۍ موسیقار



دہ ہے اَپاری اَپاری گٔیی ودل واوو
لوٚگےٚ ہٕ دب تہٕ ژرےٚ یتھ میانہٕ دارِ تلۍ واوو



کٔمۍ دوٚپ ییٚتہٕ چھُنہٕ اَدِ بوے
یم کیاہ! اَڈ چھا سانے ژھایہٕ



ییٚمۍ شہرن لوٚب تازٕ طرح
ژھایہِ چھِ باقے گٔمٕتۍ لوٗکھ



اَمہِ قسمکۍ بدس دُنیا چھُ کاٗلس کھوژناوان تہٕ سُہ چھُ پننِس اندرونس منز دُستھ زندگی ہُند ژونگ زالنچ سبیل ژھانڈان۔ نتیجہِ چھُ یہِ نیران زِ سُہ چھ وجوٗدی کربس منز مبتلا گژھان تہٕ پرٕن وول تہٕ چھُ شاعرٕ سُند یہِ دود تہٕ دگ محسوٗس کران۔ شاعرس چھُ دنیا ملگزار باسان ییٚتہٕ روح آوارٕ چھِ پھیران تہٕ زِند دِلن تہٕ جبہ ہشار لوٗکن ہندِ

خاطرٕ ذہنی عذابکۍ باعث چھِ بنان ۔ سُہ چھُ شہری زندگی ہُند ژھریہ تہٕ ہاو باو وُچھتھ مایوس سپدان تہٕ پننہِ وجودکہِ راونکُ خطرٕ محسوس کران ۔ سُہ چھُ پریتھ کُنہِ چیزس شکی نظرِ وُچھان۔

رُاتی راتس آوارٕ رُح پھیران
چُھتخہِ ۔ برنہن مُژرنہٕ لِوان پانے

○

ذہی یہ سرسآے فضا، کوچہِ اَنہرٕ جایہٕ گنبر
یُس اکھا ژاو سُہ نوٚن دراوہٕ یتھ شہرس منز

○

یہٕ تہِ کیاہ کم چھُ یتھ زمانس منز
دم شُمارٕی ہنرٕ ے براتھ بنیے

○

رزٕ پیٹھ پیو قدم تہٕ بچھ سرپھن
کرشٕ آوِج پننہِ حیات بنیے

○

روایتی غزل پرن وٲلِس باسن یم شعر غزلیہ مزاجٕ نِشہٕ جُدا تہٕ بدوٚن. تہٕ یم بنن نہٕ تمہٕ ہندِ ذوق جمالکُ سامان ۔ مگر یُس پرن وول رلوائیژ ہند شعوٗر تھاونس ستی ستی اَزچہِ زندگی ہندِس مزازس تہٕ واقف آسہِ تمِس باسن یم شعر بروقت تہٕ برمحل ۔ کٲملُن اندازِ بیان چھُ برجستہ تہٕ بےٚ تکلف. سُہ چھُ استعارٕ تہٕ گران تہٕ تشبیہہ تہٕ کٲم ہیوان ۔ خود کلٲمی تہٕ عام دوہ دِنچہِ

زندگی منز ورتاونہ یِنہ وول کتھ باتھ ہُند لہجہ تہ چھُ تمہ سندین غزلن منز جایہ جایہ نون نیران ۔ کاملُن تخلیقی ذہن چھُ وِزِ وِزِ ہم عصر زندگی ہندِس پرہتھ رنگس سنان تہ محسوس کران ۔ سُہ چھُ باصے زندگی ہنز بے مقصدیت تہ بے معنویت تمہِ طریقہٕ ژیبان زِ پرن واَلس تہ چھیہٕ زندگی بے معنہ تہ بے مقصد باسان ۔ بقولِ حامدی کاشمیری ( کاملن چھ بے معنہٕ تکہ تجربہٕ اندر سرٕتھ لفظن منز پرزلاوی مِتہ )[1]

پکھ از سڑکن مینوٗ راد
دوہ دونوے رخصتھ تھاوو

ٹکٹہٕ لاگِتھ تہ بند لفافن منز
بے پتاہ خط چھِ ڈاخانکی آسی

○

بیٚیہِ رِیٚہہ اُلاوی مےٚ ینی دماغ ڈہی کوٚرمُت
وۄتھان چھِ مشکہ لومبکھ کاتنِہ میٚنکایہ مےٚ کیاہ

○

حرام چھُکھ اگر ہے قبرمیانہ یپوٚر تھوٚن
مےٚ ہتی گےٚ تہ زَن یم میاَنی شعر صنایہ مےٚ کیاہ

○

کاملنین غزلن ہندی قافیہ چھِ عام طور متحرک آسان ۔ اَمہِ قسمچ قافیہ

---

[1] حامدی کاشمیری "جدید کاشر شاعری" ۱۹۸۲ صفحہ ۱۳۴

بنٛدی چھ تِمو ہنٛدین غزلن منٛز۔ تِمو سُند آہنگ تہٕ لہجہ قٲیم کرنس منٛز پیٚن مخصوص رول ادا کران۔ سُہ چھُ راہی ہنٛدی پاٹھی نوٚی قافیہ تہٕ ردیف دریافت کرِتھ کُلّ تھاوان تہٕ استعار گرنس منٛز تہٕ کامیابی حاصل کران۔ مگر دوٚن شاعرن درمیان چھےٚ یہ فرق تاہم واضح زِ راہی ہنٛدی استعارٕ چھ علامتی رنگ ژھٹان ییلہِ زن کامل سُند استعارٕ استعارٕ ہیوٚر کھُسِتھ چھُنہٕ ہیکان۔ کامل چھُنہٕ زندگی ہنٛدِس بےمعنی آسنس پیٚٹھے کھٕہراو کران بلکہ چھُ منٛزی منٛزی آدمی لولکہِ وُشنیرٕ زندگی ہنٛدی مُدری تہٕ میٹھی خاب وُچھنچ کوشش نہٕ کران۔ رُسُل میرس پتہٕ چھُ کامل گوڈنیُک کاشُر شاعر یٔمی کاشرس غزلس مردانہ شوخی تہٕ بےتکلف لہجہٕ دیُت۔ تِمو بدلوو عاشقہٕ سُند جنس تہٕ سُہ کوٚرُن بحیثیت شوخ مرد پیش، تِمو ہنٛدین غزلن منٛز چھِ نسوانی جمالُک تہٕ جسمُک تصور جایہٕ جایہٕ بردہٕ نہٕ کُن یوان۔

یم آزمٲیشہِ وفہس تہٕ توقعس گیٚنٛد گیُنٛد
منٛے ہےٚ چھُ چوٚن تمناہیے فرشی مے روش

○

روٗہِچ ہلون زیٖستھم زیٚتھ
وولہ یدہٕچ میٚتر مشکاوو

○

ہے لتی پھنہٕ دِلس لولہ مرشیل شوق گنی
یم وُشنہٕ کاڈ تہٕ پاراو نہٕ ییتہ شہرس منٛز

مأری منز سایہ دار ، دل آرام
بس وُچھس وُچھ گسأ وٕم راتھ



وُتہٕ پیٹھ سمکھے یِکھ ، دژایکھ
ؤنی تھے گرٕز ہے ملکُ ناو



ترقی پسندی ہنز تحریکہٕ ہندِس اثرس تابع لیوکھ یہٕ غلام نبی فراقن کانٛہہ تیُتھ غزل یا کانٛہہ ترٛتھ نظم یمیُک ذکر ضروری چھُ بنان ۔ پزر چھُ یہ زِ فراق چھُ ترقی پسند تحریک سوتہٕ نہٕ پتےٚ بحیثیتہٕ شاعر مشہور سپدان ۔ ترقی پسند تحریکہٕ نشہٕ لوب ہیتھ چھُ فراق پننین ذاتی دٔکھن تہٕ داخلی تجربن زیو دِنچ کوشش کران ۔ تہٕ تمہٕ سنز شاعری ہند موضوع چھُ نعرٕ بازی تہٕ پروپگنڈا بدلہٕ انسانی لول ، حسنِ فطرت تہٕ زندگی ہنز ناپایداری بنان ۔ یِمن موضوعن چھُنہٕ سُہ رِوایتی رنگس منز پیش کران بلکہ چھُ سُہ نوٚو انداز تہٕ اوسلوب اختیار کران یُس رحمان راہیَن تہٕ امین کاملن ژھٹہ بڈٕ کوڈمت اوس ۔ فراق چھُ پانہٕ اَتھ برعکس ونان زِ کأشرِ شاعری منز کوٚر اوسلوب تہٕ موضوع رنگٕ گوڈ تمی تجربہٕ تہٕ یتھ پأٹھی کوٚرن اکہٕ نوٚو مزاژُک ڈسلابہٕ ۔ فراق سُند یہ بیان چھُ تتھ چیٹھہٕ منز درج یوسہٕ تمہٕ ڈاکٹر حامدی کاشمیری یَس لیچھمٕژ چھےٚ ۔ چیٹھہٕ منز چھُ تمہٕ مشاعرُک حوالہٕ یتھ منز فراقن پننہٕ نظم " مجبوب آسنہٕ قبرِ پیٹھ " پٕر ۔ چیٹھہ ہندمن چھُ پیٹھ کنی :

" تتھ مشاعرس اندر آے تم غزلہ تہٕ نظمہٕ پرٕ پہٕ یمن اندر دٕ میدٕ اس، ترقی پسند تذکرٕ اوس، سماجی حالاتن ہُند تذکرٕ اوس۔ عوامس منز گے سنجیدگی ہش ظاہر مگر حاکم رُودٕ خاموش۔ میانی کنٕ اوس بہٕ یژھ نظم کاشرس اندر پیش کرتھ اکہِ نوٕ مزازک آغاز کران۔ اوسلوب تہٕ موضوع دٕشوٕے کنٕ۔ اتھ نظمہِ چھُ عنوان " محبوب سنز قبر پیٹھ "۔ [1]

امہِ نظمہِ ہُند اکھ شعر چھُ

دوس آہستہٕ قدم تُل ٹوٹھ دلبر چھُم ییتی
اوٕ یمین واران کلین تل اوٕ ییتی باغس اندر

آسکر وایلڈ سنزِ نظمہِ ہُندٕ آزاد ترجمہٕ " محبوب سنزِ قبر پیٹھ " تہٕ حامدی ہندِ ناوٕ فراقن یہٕ خط چھُ یمہِ کتھہِ ہنز شہادت فراہم کران زِ ۱۹۵۵ء اندی پکھی چھیہٕ فراق نِس سوچس تہٕ شاعرانہٕ طرزِ اظہارس منز پزٕ پاٹھی تبدیلی یوان، مگر یہٕ کتھ تہٕ چھےٚ صحیح زِ فراق چھُ پننہِ امہِ مزازٕ تبدیلی ہُند ذکر ہناہ مبالغہٕ سان کران تہٕ ونان زِ سُہ چھُ گوڈنیک کاشُر شاعر یُس امہِ مزازٕ تبدیلی ہُند آغاز چھُ کران۔ پزر چھ یہٕ زِ سُہ چھ آسکر وایلڈس ترجمہٕ کران تہٕ آسکر وایلڈس ترجمہٕ سپدنہٕ برونہہ چھُ کاملن تہٕ راہین کاشرِ شاعری منز اکہِ نوٕ تبدیلی ہُند ڈسلابہ،

---

[1] ڈاکٹر حامدی کاشمیری ہندِ ناوٕ غلام نبی فراقن خط۔ بحوالہ جدید کاشر شاعری از ڈاکٹر حامدی کشمیری (۱۹۸۲ء) صفحہ نمبر ۱۳۶

کرتام کوٗرمٕت آسان ۔

فراق چھُ واریاہ نظمہٕ لیکھان یمن منز بلبلس کُن ، باعنس منز نامحرم چھُسنہٕ ، تمیٚ دوٚپنمٕ ، پھیر ، ہمسرزل ، ہچوٗلرٕ ، آولُن تہٕ اَنہٕ گٹہٕ اندر بیتن نظمہٕ شامل چھہٕ ۔ فراق چھُ بُلبلس کُن عنوانس تل زٕ نظمہٕ لیکھان ۔ اکھ چھےٚ کیٹس (KEATS) سٕنز نظمہٕ ODE TO A NIGHT INGALE ۔ ہکُ سیٚدرسیوٚد ترجمہ تہٕ بیاکھ چھےٚ اَمی نظمہٕ ہندِس اثرس تل لیکھنہٕ آمٕژ ۔ وُچھتو گوڈنچ نظمہٕ (ترجمہ) ہند یہ شعر ۔

کیا وَنےٚ اَسی کتھ جہانس منز چھہٕ روزان بُلبلا
یتھ جہانس منز سنٕد سوچن غمن آلو گڈان

یہ چھُ کیٹس سٕنز نظمہٕ ہندِ یمہٕ شعرُک ترجمہ

I WHERE BUT TO THINK IS TO BE FULL OF SORROW.

SORROW.

یوسہٕ نظم کیٹس ہندِس اثرس تل لیکھنہٕ چھےٚ آمٕژ سو چھےٚ پلاپہٕ کنہ تہٕ کیٹس سٕنز نظمہٕ سٕتی ہشر تھوان ۔ کیٹس سٕنز نظمہٕ ہُند شعری کردار چھُ زندگی نِشہٕ فرار یژھان تہٕ کیازِ شاعرس چھےٚ زندگی ظالم تہٕ جابر باسان ۔ فرار حاصل کرنہٕ باپتھ چھُ سُہ گوڈٕ شراب چیتھ اَمہٕ نِشہٕ دوٗر یژھان ژُلُن مگر شراب چینہٕ سٕتی چھہٕ نَسٕ زندگی ہندی دادی تہٕ دگ مشان ۔ آخرس چھُ یہ کردار تخیلہٕ ذریعہٕ زندگی نِشہٕ فرار حاصل کرنس منز کامیاب

گرٔھان تہٕ سُہ چھُ کینٛژن ژٕہِن خوشی تہٕ مسرت کِس ڈیٛنِس منٛز واتان۔
بلبل چھُ اَتھ نظمہِ منٛز مسرتُک تہٕ خوشی ہُند تہٕ خود کیٛٹس پننِس زندگی ہُند استعارٕ۔

AND HAPPILY THE QUEEN MOON IS ON HER THRONE
CLUSTERED ROUND BY ALL HER STARRY FAYS
I CAN NOT SEE WHAT FLOWERS ARE AT MY FEET NOR WHAT
INCENSE HANGING UPON THE BOUGHS

فراقنہِ نظمہِ ہُند پلاٹ چھ ییٚتھ کنٕ۔ شاعر چھ پننٕ پان مشراوِتھ یونانی
ڈراما پران آسان تہٕ اَتھی منٛز چھیٚہٕ بلبل ہنٛز تشبیہہ تس بروٚنہہ کُن یِوان۔
سُہ چھُ بلبل ہندی رٕسلی نغمہٕ بوٗزتھ بییٚس عالمس منٛز واتان۔ ممکن چھُ زِ
شاعرس ماآسہِ بلبل ہُند تصور یونانی ڈرامہکہِ کُنہِ لفظ سٟتی ووتلیومُت۔
رحمٰن راہی ہنٛز یہِ کتھ چھیٚہٕ صحیح زِ شاعرس پرٕزہے تہٕ یونانی ڈرامس
متعلق "مُدرہی پادشاہ کتھ" (EXPRESSION) ورتاوُن ترکیاہ زِ یونانی ڈرامس تہٕ مُدرِن
خابن چھُنہٕ کانہہ واٹھ۔ یونانی ڈراما چھُ زندگی ہنٛز تلخ ترین عکاسی کران۔ خاطر
یہِ کتھ اوٚکطرف تراوِتھ ہیوٚ بییہِ فراق صابنہِ نظمہِ کُن تہٕ پرٕی تو ییم مِصرٕ۔

کُلِس تَل روِچھے روِچھ چھُلیُس ہیرِتے بوٚن
زٕیہٕ مضراب لوٗسِتھ پھٕلے ہیٚرِ منٛے چھاوٕنی
دلن ڈور دیُت شوقہٕ چمبن گانٹھہٕ بیرن
بہارس چھُ عادت نظر راوٕ راوٕنی

دُچھم ہِریہ پرٛزلان نیلِس نبس پیٹھ
ہنا دکور پریوٚن شین ہیوٗ اوبرِ لوٚنگاہ
بہ زٕن ژاس محبوب ہیتھ وٚشتے اکِس منز
کھوٗنس لانکہ پیٹھ دوٚن ڈلن تُلنہٕ موجاہ

یتے یوت ہشر چھُنہٕ یمن دوٚن نظمن منز بلکہ چھُ فراق کیٹس پننز
زبان تام ورتاوان ۔

فراق :۔ زٕسِل راگ تے چانٕ مزدار آلوَ

کیٹس :۔ MELODIOUS PLOT

فراق : کنو یام بوٗزم دُژیوٚت گوو شعورس

کیٹس : THOUGH THE DULL BRAIN PERPLEXES :

AND RETARDS,

فراق :۔ یہ خابے وُڑِتھ گوو بہ بیدار سیدٕس

کیٹس :۔

WAS IT A VISION OR A WAKING DREAM
FLED IS THE MUSIC DO I WAKE OR SLEEP.

فراق :۔ ہمی دم بہ ووتس بنیِس عالمس منز

ALREADY WITH THEE.

فراق :۔ وٚشہ

کیٹس :۔ MASSY WAYS.

کیٹس پننزِ نظمہِ منز چھیہِ اکھ پُرکاف تہٕ ماری منزٕ کی زٕنہ لاتھ تہٕ

فراقنہِ نظمہِ منز چھُ سونتکُ اکھ تاپہ دوہ ۔ دونونی نظمن ہُند تقوبلی مطالعہ کرِتھ چھُ نَنان زِ کیٹس سِنز نظم چھےٚ اکھ شاہکار ییلہِ زن فرٲقنۍ نظم وارِیاہ طریقوٚ کمزور چھےٚ ۔ فراق چھُ وارِیاہ باوتھ (EXPRESSION) لفظ تہٕ مصرٕبۍ ورتاوان تہٕ یتھٕ پاٹھۍ چھےٚ نظم فن پارٕ بنتھٕ ہکان ۔ اَتھ مقابلہ چھُ کیٹس سِنزِ نظمہِ ہُند پرٛتھ کانْہہ لفظ تہٕ مصرٕ متحرک تہٕ یم چھِ یکہِ وَٹہٕ زٕلِتھ نظمہِ منز ودٕلن والِس احساسس شِدتھ بخشان ۔ تقوبلی مطالعہ اوٚکطرف ترٛاوِتھ چھےٚ اَتھ نظمہِ منز فرٲقنۍ حُسنِ فطرتس سٟتۍ وابستگی تہٕ لگاو  ٹاکارٕ پاٹھۍ درِنٛٹھۍ یِوان ۔ وارِہن نظمن منز چھُ تمۍ  فطرتُک حُسن بدِ کوٚڈ مُت ۔ یہِ حُسن چھُ فراقس دوٚلسنٕ تہٕ اُنان تہٕ مایوس تہٕ کران ۔ تس ییلہِ زندگی ہنز ناپایدٲری ہیٚتھ نظر چھےٚ یِوان ۔ سُہ چھُ گلہٕ موٗران ۔

دوہنۍ ژٕ آیکھ روزٕ ماژنے نِش بہِتھ
وانس چھےٚ اکھ صبح چھُے اکھ شام چھُے
شام ییدِتھ کس بہٕ وَنہٕ بوزٕ یم مےٚ کُس

(یمبٕرزل)

چھِ کاتیاہ خاب وُنہِ تعبیر رٕژستے
تلا کانْہہ چارٕ کرِٕ تۄ چارساز و
وُنے سورُے مےٚ وُچھنے چھُم وُچھم کیا؟

(نُمُو دوٚنیم)

اکِہ طرفہٕ چھُ شاعر زندگی ہنز ناپایدٲری وُچھان بیٚیہِ طرفہٕ چھُ پرانین یوٗنانین ہندی پاٹھۍ محسوس کران زِ انسان چھُ قدرت کہن اَتھن منز اکھ گِندن

تماشہ۔ انسانس چھُنہٕ پانس تام کھنی بلکہ چھُ تی نکھ والان یہ تس قدرتن قسمتس اندر لیوکھمُت چھُ۔ فراقنی نظم "باغس منز" چھ اتھی کتھ کُن اشارہ کران۔ یہ نظم چھیہٕ شیکسپیر سندِ مشہور ڈراما KINGLEAR کہ اِیمہِ مکالمچ یاد تازہ کران۔

AS FLIES TO WANTON BOYS ARE WE TO THE GODS,
THEY KILL US FOR THEIR SUPPORT,

"باغس منز" نظمہِ ہندی یم مصرٕ وُچھو۔

" ہیو ہا اشرفا روز وُژھ یتھ کُلہ لنجہِ تل
اکرا بیتھ سروِ کجہِ تل زاگ ہیو
یور کنہٕ روزکھ بہ دو شوُنی ھتھ دِمکھ
پاڈتن چھاچھکھ چھٹل تن نوٗرتن
اوَے ہا رٹنو دِشو ھتھ کرنوٗ بند
متے ہا روٗٹے کاژر چھٹل یوٗکن وُچھو
زنگتکس باغس اندر مئیتہِ گووینھے پننہٕ پونپرا
بے نیازن لاوبالن نشہِ یہ ھتو توقع کمیک؟

فنی نوقطہ نگاہ کنہِ چھیہٕ نظم انتہائی کمزور ۔ اکہِ طرفہٕ چھیہٕ نظم وضاحتی تہٕ تفصیلی بیٚیہِ طرفہٕ چھنہٕ اَمِچ زبان تخلیقی رنگ رٹتھ ہیچمژ۔ یہ نظم چھنہٕ کانہہ آہنگ تہٕ ووتلاوِتھ ہیکان۔ مگر اَمیُک مطلب چھُنہٕ ہرگز یہ زِ فراقنی پرتھ

کانہہ نظم کیا چھیہٕ کمزور۔ سُہ چھُ پننِن کینژن نظمن منز نوِ آگہی تہٕ تازٕ ترین زان کارِی ہندٕ مدتہٕ سیتی ذٲتی دوکھن تہٕ وارِی داتن ہنز اکس حدس تام پرٛزباوکھ کران۔ مگر یمن نظمن منز تہٕ چھِ کُنہ کُنہ فنی کمزورِیہٕ نظرِ گژھان۔ لفظ چھِنہٕ فراق احتیاطہٕ سان ورتاوان نتیجہٕ چھُ نیران زِ یمن نظمن منز چھِ کُنہ کُنہ خامیہٕ تہٕ نظرِ گژھان۔ ڈاکٹر حامدی کاشمیری چھُ لیکھان:

فراق چھُ برابر جد و جہد کران، چنانچہٕ شعورس منز لیکھنہٕ آمژٕ نظم "بُلبلس کُن" یا پتٕمِن کینژن وریِن منز لیکھنہٕ آمژٕ کینہہ نظمہٕ مثلن "دُنیب ہِچولُر" "وَتھ" "سوال" تہٕ "شرط" چھیہٕ فراقنہٕ فنی شعورچہٕ مزید ترقی ہند باس دِوان۔ یمن نظمن منز چھُ لفظن ہندِ موہ لگ احساس ہُرلوٚمُت تہٕ عصری مسلن ہنز زان زیادٕ وفنیمژ۔"[1]

حامدی سُند بیان چھُ یتھ حدس تام صحیح زِ فراقنِن کینژن نظمن منز چھُ پرٛزی پاٹھی عصری مسلن ہُند اظہار سپدان تہٕ سُہ چھِ زبٲنی ہندِس ورتاوس منز اکس حدس تام ہشیار ہیوٚ گژھان۔ تاہم چھیہٕ یہ کتھ تہٕ محسوٗس سپدان زِ اَمہِ قسمچِن نظمن منز چھِنہٕ جذبس تہٕ خیالس میلُ ہیکان سپدتھ۔ وُچھتو "ہِچولُر" نظم یتھ کُن حامدی صابن تہٕ اشارٕ چھُ کوٚرمُت۔

وُچھاں وُچھاں کوٚر گلاٹی رنگو رِیہو رقص
تھِنہٕ پیٚیہٕ لوٚت لوٚت ٹسرارے
تجن تہٕ ترٛیشن ہندِن اڈٕ دزِن بیمن گے کادِ
تجن ہنز شوخل ریہہ اَس وُنہٕ رنگ بدلاوان

---

[1] حامدی کاشمیری "اَصرِ کاشُر شاعری"

نہ کانٛہہ شٔر نہ ہنگامہ نہ کھنگالہٕ

یِم مصرہٕ تہٕ گٔلہِم نظم چھیہٕ یِتھٕ خیالس اَندٕ اَندٕ وٕونٛتھ زِ یِتھ کالچہٕ زندگی ہندی دوہ آسہٕ مِیٹھی تہٕ بےغم تہٕ اَزچ زندگی چھیہٕ کریٛٹھ، تلخ تہٕ بےٚراشٕی۔ مگر شاعرن یِیمہٕ طریقہٕ لفظ چھہِ ورتاوی مۃ تمہٕ سۃ چھُ تمی سُند بُنیادی جذبہ لفظن بُزی گومُت۔ یِیمِیک تاثُر نظمہٕ منٛز ووتلن گوٚژھہ۔ بےٚراش حالژٕ منٛز گوٚژھہٕ شاعرس "گولاڈرنگی ریٛہو کوٚر رقص" ہیوٗ باس ٲکِتھ ہیکُن تہٕ نہٕ گوٚژھہ "تھٕنہٕ ہیٚیہٕ لوٚت لوٚت لٔسرارے" ہیوٗ تصور ووتلُن۔ تِکیازِ یِژہٕ حالژٕ منٛز چھُنہٕ رقص کرنُک تہٕ تھٕنہٕ ہینٛک تصور کہنی معنے تھوان۔ یِمن چیزن ہند تعلق چھہٕ خوٚشی تہٕ مسرتس سۃ۔ آخرس پیٹھ چھُ شاعر ہیٚیہٕ شوٗنچل ریٛہہ" ؤنِتھ پننس جذبس ہیٚیہٕ ہن پامال کران۔ یہٕ نظم چھیہٕ وُشنہٕ وانجہٕ ترٛٲوِ دوشس ترٛاونُک باس دِوان۔

"آولن" نظم تہٕ چھیہٕ عصری آگہی تہٕ زانی ہندس اثرس تل لیکھنہٕ آمٕژ۔ "ہچوٗر" نظمہٕ مقابلہٕ چھیہٕ یہٕ نظم وارہس حدس تام کامیاب۔ وون گو شاعرن اگر لفظ ژارُن منٛز احتیاط ورتومُت آسہہے تہٕ وضاحتس آسہن نہٕ کام ہیٚژمژ تیٚلہ آسہے نظم زیادٕ جاندار بنیمژ۔ تہٕ کرِتھ تہٕ چھیٚاتھ نظمہٕ منٛز جذبچ تہٕ خیالچ ہم آہنگی درٛیٚنٹھی یِوان۔ یِتھ ہوی مصرٕ اگر نظمہٕ منٛز کڈِتھ نموکھ تیٚلہ ہیٚکہٕ نظم زیادٕ پُر اثر بٔنِتھ۔

شہٕ دیہٕ نہٕ وون زانٛہہ تہٕ مے آلو
کنو بوز تمی سنٛز کریٚکھ
"ہیا وق ہا آو یور"

ژٕرے چھُے نا اژُن
بَتہٕ ہا گرٕژھی سرٕد"

منے اوس شفیق ماجہِ ہندِس شیشہٕ جارس تہٕ
پموے کوچو منز الوداع کوٗرمُت
میانٮ۟ مارٕ مُتی تہٕ اَس یہِ وَتھ قدما دِرٕ"

اَتھ نظمہِ منز چھِ کینہہ مارٕمندی شیشہٕ (IMAGES) تہٕ موٗجود ییم فراقنہٕ شیشہٕ کاری تہٕ فنکارانہٕ صلاحیژ ہُند بر پوٗر باس چھِ دِوان۔

پوٚت دِگرِک تاپھ اوس
نالین ہندِس وسوٗنس آبس عکس تُلان
سرٕ کوچہِ وُشناوان
ژالٕ پنجرو منزٕ کُٹھن ہند پیٹھٕ نقشاوان

پشو کوٚڈ پان ننبر
وبھہ لج کرٕلہٕ ٹھٹھن"

فراق سٕنزن نظمن منز چھِ کُنہٕ ساعتہٕ مافوق الفطری عنصر تہٕ وَنہٕ پوان۔ "اَنہٕ گٹہِ اندر" نظم چھےٚ اَمی قبیلچ نظم۔ اَکھ افسانوی اندازِ بیان چھُ پرن وٲلِس لازماً متاثر کران تہٕ سہٕ چھُ فراقنس اَتھ ولوٗلس داد دِوان

ہمہ تھمہٕ تلہٕ وونیوو دندانا

مےٚ کُن چھُ وُچھان مےٚ ہیٚتھ چھُ اُسان

ژٕم ترامہٕ ہٕنٛژ سَردیمٕہ تن

چھُس گیٚنہٕ اویزان واویلا

فراق چھُ پننِس ہم عصرن سٟتۍ ہیٚکتھ غزلہٕ تہٕ بیکھان تہٕ غزلس پننہٕ باوژ ہنٛدِ اکِہ اہم وسیلہٕ رٔنگۍ ورتاوان۔ تمۍ سُند غزل چھُ تمۍ سنزہٕ نظمہٕ مقابلہٕ ہنارُت تہٕ پُرتاثر۔ سُہ چھُ بیچہ کال پسندی، تنہائی، ودٲسی تہٕ ناومیدی ہوۍ موضوع نظاوان۔ سُہ چھُ اکثر تِمنے موضوعن ہیٚتھ قلم تُلان یِم رحمٰن راہیس رٕنش اُسِہ میلان چھہ۔ مثالہِ خاطر وُچھتو یہِ شعر

یا سُہ خوش فکرمندیٚن چار سو وٕلو پرِدِبو

یا یہِ بدگمان روٗزِل بہ ونتھ لوکہٕ خابے کانہہ

(راہی)

تہٕ سٟتۍ فراقنین یِمن شعرن سۭ

سو پوشہٕ وار شہ زُہنہٕ گیٚہ سُہ وِگِنہٕ ون وُن ہیوٗ

یہِ ژٕم ہریہٕ شُٹۍ یاہ تِمہٕ تِمنٛۍ تاپھاہ



اکھ یاد گٔنۍ بادام پھُلے چھاوِ منز دٔنۍ تاپھ

اکھ یاد ماہِچ زانڈ شُشُر شیٖنہٕ ژٕم ہریہٕ

خیالک یہِ ہُنٛشر چھُنہٕ ہرگز یہِ معنی تھوان زِ فراق چھ راہیس نقل کران۔ بلکہ چھُ پزر یہِ زِ فراق چھُ راہی سٟندی رُوہ کان وُچھتھ پننہٕ تخلیقی شخصیتھ تعمیر

گران - آیہ کتھ ہیکو ڈ ینتھ زِ موجوٗد کاشرِ لوٗ شاعرو منز چھُ فراقن راہی مُند اثر رٛوٗمت. تُو آگہی تہٕ عصری زندگی ہندی نقشہٕ چھِ تمۍ ہندس غزلس منز بار بار نظرِ گژھان۔

تس آسی رنگ تہٕ پھولان پانسے نہٕ رنگ تہٕ ڈلان
سُے اوس آر پلن بیٛیہ وُناں خبر کیا کیہ



نہٕ اوس یارِ ونس منز موکلُ زِ دل پھولِہ ہے
نہٕ اوس تا پہٕ وُڈرِ بیٛٹھ ژھدن قدم تھوٗ ہ



باغہٕ پھُلیا تہٕ تاپہٕ شُہلا ہیتھ ژوٗکھ
ماگہٕ ششرِس منز کُنے زوٗن نزو وھس



ہرگاہ نہٕ ییم آہنگ نہٕ اچھِر زورِ کرِہ کھ سوی
بیٛیہ کُس اکھاہ نہٕ تہٕ اوس لیٛں وَنہٕ ہا بہٕ دلکۍ سیر



آلوا اکھ گوو دِلس پھٹ نارِ ژھٹھ
اکھ بنیُل اکھ آویُس میٛے یوت ژلوٗن

ییم شعر ییمہِ آگہی تہٕ فکرِ ہنز عکاسی کران چھِ سو چھےٚ جدید زمانس سٍتی وابستہٕ۔ مگر امہِ آگہی تہٕ فکرِ مُند شعوٗر تھاوِ نہٕ باوجوٗد چھُ فراق بُنیادی طور اکھ روٗمانی شاعر۔ سُہ چھُ مجازی حُسنُک عاشق۔ ہجر للہِ دان تہٕ وصلکۍ خاب

ڈِچھان تمٔ سُند محبوٗب چھُ حسنُک اکھ نوٚو تصور، ییتھ برونٛہہ کنُہ یوان تہٕ یہِ چھِنہٕ ٹایپ باسان ؎

تمِس چھ ازٕ تہٕ پننٕ شفقہٕ رنٛگی ہوس کوٗراں
فراق چانہٕ غنچہ دگ تہٕ لولناوِ ژل



چانِہ نظرن ہُند اعجاز
اکھ اکھ ژُیہ سپدُم سونہاری



راتھ ییلہِ ڈیوٚٹھُم، ڈیوٚٹھُم خاب
یوسہ کتھ کرنٕم تتھ اُشہٕ ٹارے

ڈاکٹر حامدی کاشمیری چھُ ونان :

"فراق چھُ رومانی رجحان موجوٗب کینہہ جان شعر ونہٕ باوجود کاملس مقابلہ پرون باسان"۔[۱]

یہِ چھُ پزر زِ فراق چھ پرانِہن شاعرن ہندی پاٹھۍ حسنُک موٚت تہٕ تمٔ سٕندین غزلن منز چھِنہٕ کاملنِن غزلن ہندی پاٹھۍ جنسی پہلو درینٹھی یوان تہٕ نہٕ کاملن بے تکلف لہجہ۔ تاہم چھ کُنہِ کُنہِ جایہِ فراقن جان غزلیہ شعر ونِتھ پننہٕ شاعرانہٕ صلاحیژ ہُند پوٗرٕ پوٗرٕ باس دِتمُت۔

---

[۱] حامدی کاشمیری : جدید کاشر شاعری (۱۹۸۲ء) صفحہ ۱۴۵

پہ لرٕ پہ جنگلہِ چھچل کلٕ ہوا نوا گمٕ گے
نہٕ اکھ صدا تہٕ سمندر ہتھ یاوٕ شہارس تام

منظفر عازمن ہینتی تمہٕ دوہن شعر لیکھنہٕ ییلہِ ترقی پسند تحریک زورس پیٹھ اُس۔ مگر ترقی پسندی ہند زور وُچھتھ تہٕ وٲدے نہٕ تمہٕ نعرٕ بازی تہٕ پروپیگنڈ ہیچ ڈابر بلکہ روٗد نہٕ پننین بے لوس جذبن ہنز باوتھ کران۔ تمہٕ سنز کلیم شاعری ہند بنیادی وصف چھُ یہ زِ نہٕ چھُ وژن گو شاعرن ہندی پاٹھۍ موسیقی تہٕ سازس شاعری ہند ہرتر مانان۔ موسیقی تہٕ ساز ییمہِ انداز رُسل میرنہٕ شعر باوژ ہند اکھ اہم وسیلہ چھُ بنان تمی انداز چھُ عازم تہٕ سازتس لنش استفادٕ کرِتھ پننین خیالن باراو نچ کوشش کران۔

ڈاکٹر شفیع شوق چھُ لیکھان۔

" ساز چھُ عازمُن میڈیم۔ اُمہِ خاطرہ ہینکہِ نہٕ کنہٕ ساعتہٕ شعرکُ سورُے کیھنہ قربان کرِتھ۔ (عام پاٹھۍ) زیچھن بحرن منز مُدرین لفظن ہند تلہِ ترادٕ اچھرِ پھُیر تہٕ زیروبم چھپہٕ عازمنہٕ شاعری ہند سورُے کیھنہ۔ غزلن منزے یوت نہٕ بلکہ نظمن منز تہٕ چھُ عازم کانہہ مُدرِ لے تُلتھ پانہٕ تہٕ مدہوش گژھان تہٕ پرن واٲلس تہٕ مستی ہنز کیفیتھ پادٕ کران۔ یہ چھُ امی موسیقی ہند نتیجہ زِ تمہٕ سنز مشہور نظمہ "کلوال"، جلو، وہم، آولُن "بیترِ چھنہٕ اند وٲتتھ تہٕ اند لبان" لہ

---

لہ ناجی منور، شفیع شوق "کاشر ادبُک توٲریخ" ۱۹۷۸ء، شعبہ کشمیری صفحہ ۱۰۱

عازم چھُ زندگی مجت کران تکیاز سُہ چھ زندگی ہُند حُسن وُچھان تہٕ محسوس کران ۔ زندگی ہُند حُسن سُہرتھ تہٕ ژینتھ چھُ عازم زندگی ہندی گیت گیوان ۔ تم گیت ہیم لولہٕکین آگرن گریکھ چھِ اَنان تہٕ حُسنس پیٹھ پھلوأے پیدہٕ خاطرٕ انسانس آماد چھِ کران ۔ پرزٕ ہے بوزو تیلہِ چھُ عازمنہٕ شاعری منز مستی ہُند تیُتھ عالم دوٚتلان یَتھ پیٹھ خوشی ہُند تہٕ مسرتک راج چھُ ۔ اَمِ مزازٕچ باوَتھ تہٕ اعتراف چھُ پانہٕ مظفر عازم کران ۔

رنبہٕ وُن حُسن چھُ انسان سُند ازلُک خواب ۔ حُسنے یوت چھُ مقام یُس یُتھ انسان مرزاوہٕ چھُ لِوان ۔ فنکار سنز کأم چھےٚ اَتھی رنبہٕ وِنس حُسنس پردٕ ڈالنہٕ تہٕ پأراو کرُن[1]

عازمن چھیٚہ وُنیکتام زٕ شعر سوٚمبرنہٕ بازر تراومٕژ ۔ "زولانہٕ" تہٕ مینہٕ کامن" ۔ تمی سنزن مشہور نظمن منز چھیٚہ راتھ "کلوال" آولن ، جلو ، وہمہٕ ، حُسن تہٕ زندگی" نار امارکُ ، اڈ ژٔڈ بامن تہٕ مینہٕ کامن ہِشہٕ نظمہٕ شأمل ۔ یِمو نظمو منز چھِ بیشتر نظمہٕ موضوعأتی ۔ باسان چھُ زِ شأعر چھُنہٕ تجربس کأم ہیوان بلکہ چھُ کُنہٕ ویٚدِس موضوعس لفظن تہٕ موسیقی ہندِ ذریعہ نظم کران ۔

نتیجہٕ چھُ یہِ نیران زِ اَمہِ قسمچین نظمن منز چھُ تجربُک فقدان تہٕ موضوعس متعلق شأعر سُند جذبأتی رُویہٕ ٹاکارٕ ۔ یِٚس یِمن نظمن پرتی عن پارٕ بنہٕ نِشہٕ پیٹھ چھُ رٹان ۔ یِژھن نظمن منز ییلہِ شأعر زندگی تہٕ حُسنس متعلق کہتھ چھُ ٹلان باسان چھُ زِ سُہ چھُ کانہہ ذأتی تجربہٕ پیش کرنہٕ بجایہٕ مواد تمہِ اندازٕ ورتاوان

---

[1] مظفر عازم: "زولانہٕ" صفہٕ ۱۱

زِ مواد چھُنہٕ شاعر ہندِس ورتاوس تابع روزان بلکہ چھُ شاعر ہنز ذات اَتھ تابع سپدان ۔ مگر کُنہٕ کُنہٕ جایہ چھُ تمہٕ سُند ذاتی تجربہ تہٕ مشاہدٕ تمہِ اندازٕ دیدمان سپدان زِ پرن وول چھ شاعرس داد دِنس پیٹھ مجبور گژھان ۔

شبنمن چھرکاو کوٚر زن پرون مس کھاسن پھُرن
سرنیہہ ڈھٹن یامتھ پیٚد لاس تہٕ ناری نار گوٚو

(بہار)

مُدے گنڈ اَتی اَتھ سنگر مالہِ چشمو
اَتی بالہٕ تیتالِہ پیٹھ شوق روُوم

(نارا مارگ)

موسیقی ہُند پہ خاص اہتمام چھُ تمہٕ سندِن وارِہن نظمن منز نظرِ گژھان ۔
مگر اَمیُک مطلب چھُنہٕ ہرگز یہ زِ عازمن کیا چھُنہٕ ترٛژھ نظمہ لیچھمژٕ یمن منز ذاتی تجربُک شدت تہٕ اظہارُک نوٚو آسہٕ ۔ کلوال ، وہمہ ، جلوٕ ، آولن تہٕ اڈٕ ڈٹی بامن چھ یِمہٕ کتھِ ہُند ثبوت زِ شاعرچھُ واقعی تجربن ہنز . باوتھ کرِتھ اکس نوِس طرزِ اظہارس تہٕ ڈسلابہ کران ۔

ہے مےٚ کتھ جایہ چھِہ کھور ٹھہراوتھ
ہے مےٚ چھا چسا ، مےٚ چھا وزناہ کیہنہ
ہے بہ مازوٚنہٕ ہُندے پرتو چھُس
رووٚمُت شیشہٕ عمارٔژ اندر
ہے بہ ما آسہ بہ ما آسہ ہے نہ
ہے بہ ما چھُس تہٕ بہ کیاوَنہٕ کیا چھُس          " جلوٕ "

دارِ پوٚٹ میون ژھوٚرے روٗد وٗڈِتھ گوو کوترٕ
کیہنہ تہٕ پھوٚرم نہٕ تگر اَندری غوطن گےٗ ہاوس
آدمن کیاز قدر کرِنہٕ خلوٗصس سائنس
مجنس آبہِ حیاتس تہٕ چھِ کھوژان آدم

"وہمہ"

وُچھ وُچھ ووٚٹھ کیاہ تیٚ ہُمہِ گاڈِ
آبکُ سینہٕ ژٕٹھ کیاہ وٚژھ کیا کھٕژ
کیاہ وٚژھ کتھ کُنی گیہِ غاب

(آوٕلُن)

یمن نظمن سام ہیتھ چھُ ننان زِ تجربکہ تہٕ طرزکہِ اظہارکہ نویر باوجود چھیہٕ یم نظمہٕ اکس حدس تام وضاحتی تہٕ تفصیلی بنان۔ عازم چھُ تشبیہہ تہٕ استعارہ تہٕ گران تہٕ باوٚژ ہندین باقی وسیلن تہٕ کام ہیوان۔ مگر تمی ہندین استعارن چھنہٕ مضبوط تہٕ مربوط پیکر ڈُکھس یم تمی ہندِس خیالس تہٕ جذبس اکھ غار معموٗلی میُل کٔرتھ ہیکہ ہان۔

ڈاکٹر حامدی کاشمیری چھ عازمنین نظمن متعلق کتھ کران لیکھان۔

"عازم چھ ترقی پسند شاعرن مثلن سردار جعفری یا جوش ہنز بیانیہ شاعری ہنزِ نہجہِ کُن مایل"[۱]

عازمنین نظمن منز چھیہٕ کُنہِ کُنہِ صوٗفیانہ فکرِ تہٕ نظر گژھان،

---

[۱] ڈاکٹر حامدی کاشمیری۔ جدید کاشر شاعری۔ ۱۹۸۲۔ صفہ ۱۵۳

"منہ کامن" چھیۓ اکھ پڑھے نظم ۔ رِواییتی صوفیانہ شاعری مقابلہ چھُنہٕ اَتھ نظمہٕ منز کُنہٕ خاص قسمُک نوپر نظرِ گژھان ۔

ژھاراں ژھاراں ڈرایوسے مَتہٕ

ہے ہے اُڈ وتہٕ ماگژھ شام

اوسُکھ وَتہٕ وَتہٕ اتھ آہم کتہٕ

ہے ہے اُڈ وَتہٕ ماگژھ شام

عازم ہندی غزل پرٛتھ چھُ محسوس سپدان زِ سُہ چھُ اَکس حدس تام مُروجہ شعری فکر تہٕ اظہارہٕ نشہٕ انحراف کرٛتھ پننین ذاتی تجربن شعرُک جامہ تمہِ اندازہ ولان زِ سُہ چھُ کینژن جان شعرن ہُند خالق بنتھ پننہِ شاعرانہ شخصیتُک باس دِوان ۔ سُہ چھُ پننین احساسن تہٕ جذبن تمہِ اَنمانٛچ زبان عطا کران زِ یم جذبہ تہٕ احساس چھِ محسوس تہٕ زندہ پیکرن ہندِس صورتس منز پرٛن وٲلس پننِہ مٲری منزُک احساس دِوان ۔

ژرٛتھ تیر لوان اَس زرَتھ شٹھے رگن منز

اکھ پرٲنی چِھٹیا چاٲنی ییٚتین دارِ مرٛم راتھ

○

اَچھ گاش ژہاں آیہ اَچھن منز مٮ۪ے برٛم راتھ

سوے پرٲنی سپار اَس بدل پاٹھی پرٛم راتھ

○

راتھ ژنہٕ گاش وو ژٕم اَدی سُہ نالِس ترووم

واے تعبیر پرٛژھاں دراس تہٕ خابے روُوم

عازم چھُنہٕ زندگی ہندِس حُسنس پتھ نبوٗت پھلواز تمۍ کیا آسہٕ نہٕ عصری مسلن ہنز پیچیدگی ٹرہرٕ۔ یہ چھُ پزر زٕ سُہ چھُ عام حالاتن منز حُسنس پتھ دیوانہٕ تہٕ زندگی ہُند عاشق مگر باضے چھِ عصری زندگی ہندی پُرآشوب حالات تمس تمہٕ انداز وہتراونی پیوان زِ زندگی متعلق تمۍ سُند رومانی رُوِیہ چھُ بدل رنگ تہٕ اظہار رٹان تہٕ سُہ چھُ زندگی ہندِن تاریک گوشن سِنز کوشش کران۔

گیوٗر لارٕں چھُ رہ مُسافیرن
موڈ کاتیاہ چھ گاشدار وتن

اکھ دماہ دم ہیوٚتمُ تہٕ لتہٕ موبجہٕ گوس
رنجہٕ وتکُ ژلان چھ تیز قدم

کہندِس شہرس ژوٗ زِ بتہٕ جوش
میانِس شہرس کوٚل زوٗر تا پچھ

لولچہ رنگ لرِٹنگہٕ بر دراہتی
پش پھٹہٕ متی سوسہٕ رِمتی تا لو

یتھی شعر پکھنک مطلب چھُنہٕ ہرگز یہ زِ امہٕ قسمک سوچ تہٕ فکر چھُ عازمنِن غزلن منز ارتقائی مُنزِل پراوان، بلکہ چھُ سُہ خاپے کُنہٕ وِز زندگی ہندِس اکھ پاسس نشان تہٕ امہٕ قسمکہٕ شعر چھِ تخلیق پیدان۔ کلٔہم پاٹھۍ چھُ سُہ رومانک

شاعرٕ تِمٕ سُند رومانی انداز تہٕ لب و لہجہٕ چھُ تِمٕ سنز صحیح پرٛزنتھ

پمپوش ہیدی ژانگو دِلس ناپہ ملر وُتھو
رنجہٕ گاڈ نژن کور تہٕ کرامانتھ سَہرم راتھ



تھکِتھ ما آسہِ ہیومُت راتھ ہندین زُلفہٕ ژھاین منز
صُبح بیدار گژھِ پننین وُٹھن کُم جار کر یارو



چشمن چھُ گژھان یا مُتھ جانانہٕ بُتھیک ہاوس
موختس چھِ کران امبر مستانہٕ دلُک ماتم

عاژمن چھِ مُنزی مُنزی طنزیہ فن پارہٕ تہٕ تخلیق کرِمتی۔ اَتھ سِلسلس منز چھہٕ تِمٕ سنز مشہور نظم "قصیدہ بہ شانِ جم" ناو ہینس لایق۔ تِمٕ سنزٕ بہٕ طنزیہ نظم چھیہٕ رحمٰن راہی سنز نظمہِ "معافی نامہ" کھوتہٕ جان نظم باسان۔

حرفن تہندین زُو قُربان
مینے کوزشک بے چھُس نادان

غلام نبی خیالؔ چھُ زندہ دِل تہٕ حساس شاعر۔ تمیٚ ہنٛز شاعری منٛز چھیٚ پرٕن وٲنس زندگی ہندین سٕنین وۄگنین تہٕ دادین ہٕنز ترجمانی جایہ جایہ نظر گژھان۔ تمیٚ سٕنزن اوٚلین نظمن منٛز چھیٚ "شمع تہٕ شاعر" اکھ اہم نظم گنٛزرناونہٕ یوان یتھ منٛز چھُ زندگی ہندِ کریچھر پانہٕ تمی ہنٛز برجستہ باوتھ کران چھُ۔ اَمہ نظمہِ ہُند داخلی لہجہ چھُ قابلِ تعریف۔ اَتھ نظمِ منٛز چھ زندگی ہندین متضاد پاسن ہُندپے تہٕ نیب تہٕ میلان تہٕ شاعر سُند زندگی متعلق زووی تہٕ چھُ پرٕن وٲنس ولۄد سپدان ؎

| | |
|---|---|
| بٔتیہ اَستہٕ اَستےٚ نوٚس دۄہہ | وۄگنیاے راتن شنانہٕ تےٚ |
| وۄنہٕ کس دُمروٲژم وۄنان | یَیمہِ راژ ہُند افسانہٕ تےٚ |
| یم گُل تہٕ گےٚ ہےٚ بنگہ ہی | شوٗنگی جانہٕ ورآلبن اندر |
| خلوت چھ واشا ہیو کڈان | تہنٲیو مُژراوی بَر |
| کم گُلبدن خاکس رلیاے | شژیاہ بنیاے کُم خانہٕ تےٚ |
| سمساہ کس اَتھ گردشس | چھیٚنیہٕ لگی سبٹھاہ جانانہٕ تےٚ |
| کم ڈولہِ یٔیتہٕ ڈولان وۄچھم | کتھ مانٛز ڈیٹھم رَب گژھان |
| یٔیمی نوٗر یوٗژھ ، یٔیمی گاش موٗنگ | مندین وۄچھم تنٛس شب گژھان |

اَمہ نظمہِ پتہٕ چھُ خیالؔ واریاہ نظمہ لیکھان تہٕ یمین زنگا رنگ تجربن ہنٛز ژرینہٕ وۄن دِوان۔

"بنی آدم" نظمہِ منٛز چھُ شاعر زندگی ہنٛزِ ماہیژ پیٹھ غور و فکر کرِتھ یتھ نتیجس پیٹھ واتان زِ زندگی چھیٚ ظلم تہٕ جبر تہٕ انسان چھُ بےٚ بس تہٕ بےٚ کس۔ یہ نظم پران پران چھیٚ اقبالنٕ نظم "روحِ ارضی آدم کا استقبال کرتے ہوئے" یاد پیوان ؎

کھول آنکھ زمیں دیکھ، فلک دیکھ، فضا دیکھ
مشرق سے اُبھرتے ہوئے سورج کو ذرا دیکھ

خیالنی نظم چھُنہٕ اقبالنہٕ نظمہٕ ہندی پاٹھی وومبر بڑٕ۔ خیالنہٕ اکھ نظمہٕ منز چھیہٕ زندگی اکھ بے کراں سمندر یُتھ نہٕ کانہہ بوٛٹھ چھُ نہٕ کانہہ تار چھُ۔ صرف چھ خطرات۔ شاعر چھُ ہم خطرات وُچھتھ تہٕ ژینتھ راوان تہٕ ہے بنگہٕ گرٛشان۔ تس چھیہٕ زندگی ہنز دِے گرٛشان تہٕ اکی جامہٕ نیٛر کڈنک شوق چھُس گنٛن ہیوان۔

زندگی لوے منٛے آلو تہٕ بہٕ سیدٕس موجود
اُچھ تہٕ مُرٛشرہم تہٕ ژہ واپاری وُچھم کاشش
دوٗر تاں کُنہٕ بھٕہ روٗس سمندر ڈیوٗکھم

یور گرٛشینچ سو ہیتم وزنہٕ یلہ واتہم آخر
گردٕ ستی آسہ یہ دامن ژھیونمُت ہایہ گوٗمت
اکھ اگر دِرٕ ژسٛے دِنُن نال خبر اوٗر روزیا؟
پلوٗن وُزٕ کہٕ پیٹھ بیونڈ ہیٛر بون کھسان
کیا چھُنا جان بہٕ لوٗژرا وہٕ برونہہ بور پھیٛکن

یہ نظم چھیہٕ ہاوان زٕ شاعر چھُنہٕ برونٛہہ سرکھ کرٕی ہنٛز موضوعن مازان بلکہ چھُ زندگی ہنٛدِس سمندرس منز وُستھ تہٕ ڈنگہٕ دِتھ ہینہٕ محسوساتھ باوان۔ ڈاکٹر حامدی کاشمیری چھُ خیالنین نظمن متعلق وَنان۔

"باسان چھُ زِ شاعر چھُنہٕ مُروجہ یا معلوم موضوعن یا خیالن نظماونچ کوشش کران بلکہ چھُس شاعرانہٕ موضوع زندگی ہندیو تجربو تہٕ حاری ثاتو منز لبان۔ یہ چھُ نارہٕ رِیہہ ہندی پاٹھۍ تمس اندری اندری رگہ رگہ تیلان۔ کڈرِ عذابہٕ پتہٕ چھہ لفظن تہٕ مُرژن ہندِ جامہ وٚلِتھ تمس ہن ہن میٹھ راوان تہٕ پرن والین تہٕ چھُ رُحس میچھر بھیران"۔[1]

"دٕہ نونی گُدریو" نظمہ منز چھُ یتھ کال پسندی ستی ستی اُزکہ زمانک حال اوحال تہٕ شدتہٕ سان پرن واٚلی سُندظون پانس کُن پھران، شاعر چھُنہٕ زندگی ہندس یتھ کاٚلی اسلوبس مُٹ مُٹ گرژھان بلکہ چھُ تازہ ترین صوٗرتہٕ حالچ زان تہٕ عرفان تھٲوِتھ اکھ سرنٛچ کوشش تہٕ کران۔ نظمہ منز چھ مادہ پرستی ہنز ترقی، قدرن ہندس زوالس، لول تہٕ محبت انسانی دل و دماغ منز تیرلس تہٕ بنیہ کتھن سماجی کیو فکری مسلن تہٕ تبدیلین دل دِنہٕ آمُت۔ ہیُتہ اعتبارہٕ چھیہ نظم غزلکس اہارس منز پیش سپز مژ،

| | |
|---|---|
| پولسہٕ کرتھ نام زیٛنہٕ دے ہتہ ٹلہٕ | محبتا گوژھہ غریب آسنہٕ گرھو |
| بس اُتی چھاوہو دٕہ ہے یاوُن | بارہٕ ستماہ چھہ یار مشراوُن |
| میانہٕ ڈسی ژٕ تہٕ گنگھ سبٹھاہ غمگین | چانہٕ ڈسی منے تہٕ دِلس قرارے روو |
| صُبح پھلتھے چھُ دٕہ وو نھاں سنیٛن | شام واتان پیواں چھ اوُش تراوُن |

تہٕ آخرس پیٹھ چھیہ نظم یہ انداز رٹان۔

زندگانی چھُ پارے آبس پیٹھ واو زنگاہ ہیٚس تہٕ نیرلس ژوُک

---

[1] ڈاکٹر حامدی کاشمیری، جدید کاشر شاعری (۱۹۸۲ء) صفحہ ۱۵۷-۱۵۸

کِتۍ دلدار دژاے زینہٕ دِل    مٔنزِ بُس تام وَتہٕ کُس زَن پوٚک

شاعرس چھ زندگی ہندِس سونتس موج تُلنک ہاوس گنان تکیازِ تِ
چھُ یِمہٕ کتھ ہُند شدید احساس زِ پگاہ گژھہ یہ سونتھ تہٕ ہردٕ بُزِ۔
دون گرین توتہٕ سونتہٕ کال سرو    وُچھِ یکھے یہ باغ کِتھ کٕنۍ ہوٚکھ
کاکِسوئے تمِس چھُ لہراوُن    بارٕ ستماہ چھ یار مُشراوُن
"خابن ہندی سراب" نظمہِ منز چھُ خوف، حاٖرتھ تہٕ کھوژناون وول ماحول
تہٕ فضا وۄتلان۔ نظمہِ ہُند کردار چھُ وندراٖژ منز۔ گوئٹے سُند "فاوسٹ" پٔرِتھ
اٗندی پکھِس نظر زاوان تہٕ ماحول چھُس ہوٚندر تہٕ خوفناک باسان۔ تمِس چھُ
اَتھی حالس منز پننہِ محبوب یاد پیوان تہٕ تمی سندِس وجودس متعلق چھُ اکہ پیٚتھ
رُوئیک باس دِوان۔ اَمیُک مطلب چھُنہٕ ہرگز یہ زِ تمی سُند محبوب کیاہ
چھُ بےوفا بلکہ چھُ حالاتن ہندِس گردابس منز لگِتھ خبر کتھ وَتہٕ لوٚگمُت یِمیُک
تہٕ عاشقس علمے چھُ۔

خبر کیاژ چھیہٕ لجمژ سو میانۍ ولِس پدمان
نظمہِ منز چھ مافوق الفطری عنصر تہٕ داخل گژھان یُس نظمہِ ہندِس
کنواسس منز پیٚتھ سماجی حالاتن تہٕ تبدیلین ہُند استعارٕ چھُ بنان۔ فوق
الفطری عنصرن ہُند ورتاو چھُنہٕ پرٕن واکس ہیےٚ بنگہ کران بلکہ چھُ اَمہِ خاطرٕ
خیال گوڈ فضناتہِ قایم کران۔ وُچھتو یہ فضا کِتھ پاٹھۍ چھ وۄتلان ؎
تھوسو تھوسو چھُ یتِری کنہِ پیوان گوٚب گوٚب شین
یہ خوفہٕ راتھ، یہ سردار فضا، یہ دَم پھُٹۍ وَق

خبر کیاژ ری ؤنی راژ ہنز باہ وایکھ

اَمہِ پتہٕ چھیہٕ نظم یتھ پڑاوس کُن سفر کران ۔

خبیث روح چھ وہ گوکنہِ وساں مکانن منز

نظر چھیہٕ فاد وُلبن تاأنی چھ آسمانس تھوپ

سوزۍن میأنی تہٕ ما آسہِ راہون کھیمژ؟

خبیث روح منے تہٕ پراراں چھ عہد و پیمانس

مگر سُہ کُس چھ کھران نختہ دون اچھن ہند گاش

"خلا" نظمہِ منز چھُ شاعر اکس تتھس کردار ہنز عکاسی کران یُس پننہِ آشنہٕ نِشہٕ جُدا چھُ گومُت ۔ یہِ جُدائی تہٕ پننہِ یادِ وۍتر چھُ تمس دردناک عذابس منز مُبتلا کران ۔ اَمہِ قسمکین تجربن ہنز باوتھ چھُنہٕ خیال جذباتی سطحس پیٹھ کران بلکہ چھُ سُہ یتھین موقن پیٹھ پننین تجربن تہٕ مشاہدن متعلق سونچان تہٕ غور و فکر کرِتھ یمن زبو دِنچ کوشش کران ۔ پننین جذبن پیٹھ سونچنہٕ ستی چھُ سُہ تمن محسوس خیال بناونس منز وارہس حدس تام کامیاب تہٕ گژھان

اَز برونہہ شینے رتھ اکھ زونگ ژھبو

اکھ اَنہٕ پھُٹ، اکھ افتابہ بالہِ پتہِ کنہِ غاب گو

اَز چھُس تؤے سونچس پیومُت

ییتہٕ جان کیاہ؟ ناکارہ کیاہ؟

اَز یاد بیِیہ کوسہ تام چھم پھری پھری پیوان

اَز چھُم نہٕ پانس تام کینہہ ۔

یم مصرع چھِ باسہِ دِوان زِ خیال چھُ مُحتاط رۆزِتھ تہٕ لفظ بے وایہ پاٹھی

ورتاواں تہٕ نظم چھیہٕ کمزوری ہنز نشکار گژھان ۔ " نارک سران " نظمہٕ منز چھنہٕ شاعر زندگی متعلق اُمی اندازٕ سونچان بلکہ چھُ تمٕ سُند زوی یہ مکمل پاٹھؠ بدل انہار دٕٹان ۔ خیال چھُ موٗلہٕ کنہِ رومانی شاعر ۔ سُہ چھُ زندگی گراوہٕ تہٕ کران تہٕ لول تہٕ بران ۔ تَس چھیہٕ زندگی باپتھ حُسنٕ حسن تہٕ گابے وکھژارے ہٕ کھژار باسان ۔ مگر کُلھم پاٹھؠ چھُ تمٕ سُند رومانی زوی یہ تمس زندگی ہنز وکھژارٕ تنہٕ بچاوان تہٕ سُہ چھُ زندگی ہُند عاشق بنان ۔

میانہٕ محبوبہٕ ژے گے ناسہ کنن میانٕ وبداکھ
لوٗلٕ ووٚنی آکھ تہٕ وولہٕ یتھ لولہٕ منز للہٕ ناوتھ
چانہٕ باپتھ مے رچھو نار تہٕ نارن زاجس
عشقہٕ دادِس مے دِژو ویسنہٕ تہٕ سینس ویہہ بیوم

( نارک سران )

شاعرس چھُ منزٕ منزٕ یہ احساس تہٕ گنان زِ زندگی چھُ اکھ گندنا ،
اکھ کھیل یوٚسہ کُنہٕ تہٕ ساعتہٕ ختم ہیکہٕ گژھتھ ۔ یہ احساس چھُ شاعرس
بانبراوان تہٕ ووداسی کران ۔

واے کاٚژا زندگیہٕ چیر اتھن ژجہٕ نیرتھ
اوٚنگجٕ زالیو منزٕ یتھ کنٕ چھُ زلان وکلوٚن شین

خیال چھُ غزل تہٕ لیکھان تہٕ زندگی متعلق تمٕ سُند متضاد زوی یہ چھُ تمٕ سندین
غزلن منز تہٕ ٹاکارٕ ۔ سُہ چھُ پننین غزلن منز لوس ، انسان ہندین ازلی مسلن
تہٕ گاہے گاہے وُہمہٕ صدی منز ہینہٕ آمتس تہٕ قدرو لحاظہٕ بچانگرٕ فردٕ

ہندین ناز وارد تجربن رمزیہ انداز پیش کرنچ کوشش کران ۔ خیال چھُ پرانین خابن شکی نظرِ وُچھان تہٕ گاہے چھِس ہمن خابن تِلمہ گرٛشھان ۔ کینہ وِز چھُس زندگی ہُند حسُن ( یُتھ سُہ موت چھُ ) مشرٛبس لاران تہٕ یہ چھُس بے معنہٕ تہٕ بے مقصد باسان ۔

گولٲبی صُبحکہ انمانہٕ وُچھ مے خابس منز
لیسند قدم چھُ شہُل ناگ یُتھ سرابس منز

چھِنے پوشہٕ مُرٛ یہ نظر میانی ازتہٕ ترے فلوا
پھولاں چھِ ازتہٕ چمن زار اَکِس گولابس منز

بنصف راتس تہٕ یُودوے چانہٕ رویُک برونت گوشوقس
منے باسیوو اوبرٕ منزٕ کھوت آفتاب آہستہ آہستے

ازتاں چھووُم چانین وعدن ہُند شیہجار
ازتاں جگرس ملوُم زلہٕ ؤن نار متیو

پرٛون چھ پرانان نوو چھُ نوان
منے تہٕ کانہہ موسم بیہ ہے راس

راتھ ژھوٚنڈُم بازرِ تے شُنیٚ یاہ
اَز ییٚلہٕ گرٕ وولُس نَتہٕ رووُس

○

بُرزِ پَٹٕسن تَتہٕ پھٔلی نہٕ گُلاے
یَنہٕ یَتھ لَرِ منز ژاو خبر کُس

○

یہٕ تاپہٕ کرٛاے دُپہرچ یہٕ آمہٕ تیوٚمُت دوہ
فَسم مئے سونہٕ کہٕ سحرٕک یہٕ چھُس عذابس منز

○

وَتھ ژھوٹان لُکن یَتھ شہرس منز وَتھ میٖانی دَرشنا صحراوس کُن
ژھُپہٕ راوی تمو قندیل پَنیٚنی مئے چھیہٕ ژانگس رِیہہٕ سوتہٕ واوس کُن

○

یہٕ اَچھ گاشَس تھپھ دِژھم
اَز چھم برونہہ کُنہٕ زُوٚل کران

خیال نُین مختلف غزلن ہندی یم شعر چھِ ییمہٕ کتھ ہُند ثبوت فراہم
کران زِ سُہ چھُ اکھ حسہٕ ہشیار شاعر یُس نظمہ ستۍ ستۍ ہٕتی غزل تہٕ چھُ
لیکھان۔ خیالس چھُ پننُ مخصوص اوٚسلوٗب تہٕ تمُ ہندی شعر چھِنہٕ کانٛسہٕ بیٚیس
شاعر سنز آواز بازگشتُک باس دِوان۔ سُہ چھُ پننس یَتھ کالس تہٕ حالس لول
بَران۔ سُہ چھُ زندگی ہُندس رِتہٕ چوان تہٕ اُمیدک نہرہ شرٛپراوان۔

رشید نازکی سُند شعر مزاز چھُ رومانی تخیلک پرورد تہٕ سُہ چھُنہٕ زندگی
ہُند کریچھر تہٕ تلخی وُچھتھ پریشان گژھان بلکہ چھ پنٕنہِ رومانی رُوی یہ سٕتی زندگی ہُند
ماری منز ربدِ کڈنیچ کوشش کران۔ تمس چھُ کلاسیکی مشرقی ادبُک مطالعہ آسنس
سٕتی سٕتی عصری ادبہٕ چین بھیرہا و خصوصیژن ہُند علم تہٕ۔ سُہ چھُنہٕ پننین اکثر ہم کال
شاعرن ہندی پاٹھی پرٕژھ تہٕ عقیدتُک دامن ترٛاوان بلکہ چھُ یمن ہنٛدٕ مدتہٕ سٕتی
زندگی ہند نازٕ ترین صوٗرتہٕ حالک مقابلہٕ کران۔

یتر پاٹھی چھنہٕ تمی سنزٕ شاعری منز ناوہمیدی ہندی عناصر نظر گژھان
بلکہ چھ تمی سندی شعر پھری پھری یہ باس دِوان زِ سُہ چھُ پُروہمید شاعر۔ پننی مذہبی
عقاید تہٕ پرٕژھ چھنہٕ تمِس وہ داسی دِوان گژھنہٕ بلکہ چھس قدم بہ قدم زندگی
دبتراونیچ تہٕ گزارنیچ ہمت دِوان۔ سُہ چھُنہٕ پننین اکثر ہم کال شاعرن ہندی
پاٹھی اروپیرس تہٕ واراگس منز ہینہ یوان تہٕ نہ چھُ قدرن تہٕ عقایدن شکی
نظرِ وُچھان۔ تمی سنزٕ شاعری چھ ییمہٕ کتھہٕ ہُند تہٕ بار بار باس دِوان زِ تس چھُ
عصری حقیقژن تہٕ تبدیلین ہُند پوٗر پوٗر احساس تہٕ عرفان مگر سُہ چھُنہٕ وناولی
منز ییتھ پننس سارٕ ہسے پتھ کاس خارٕ باد کران بلکہ چھُیہٕ عصری آگہی تمی سندین
عقائدن تہٕ پرٕژھہ دٕربر بخشان۔ سُہ چھُ ییمہٕ کتھہٕ ہُند قایل زِ عقیدن تہٕ پرٕژھہ ہنٛز
ناویل ہیکہِ زمانی تقاضو مطابق بدلتھ مگر یمن ہنٛز مولہٕ افادیت روزِ تا ابد قایم
تہٕ دایم۔ تکیازِ اگر نہٕ پرٕژھ تہٕ عقیدچ بُنیاد مستحکم روزِ تیلہٕ ہیکہِ یہ صوٗرتحال
تمام عالم انسانیتہٕ خاطرٕ نقصان دہ ثابتھ سپدِتھ تہٕ انسان چھلہٕ تمام انسانی
صفاتو نِشہٕ اتھہٕ تہٕ سُہ بنہٕ پانہٕ اکھ حیوان

راتھ ژھونڈُم بازرتے شُنیاہ
اَز ییلہٕ گرٕ وولتُس تَتہٕ رووُس

○

برُز پَتُّن تتہٕ پھلِہٕ گُلائے
یَنہٕ یتھ لرٕ منز ژاو خبر کُس

○

یہ تاپہ کرأے دُپہرچ یہ آمہٕ نیومُت دوہ
قسم مےٚ سونتہٕ کہٕ سحرُک یہ چھُس عذابُس منز۔

○

دِتھ ژھوٹان لُکن یتھ شہرس منز وَتھ میانہٕ دَرِتھا صحراوس کُن
ژھوپر آوی تموٚ قندیل ہیٚمِ مےٚ چھیتہٕ زانگس رہِہ سوتہٕ واوس کُن

○

یہِ اُچھ گاشُس تھتھ دِژھ
از چھم بروٚنہہ کنہِ زوٗل کران

خیال ییٚن مختلف غزلن ہندی یم شعر چھ ییمہٕ کتھ ہُند ثبوت فراہم کران زِ سُہ چھُ اکھ حسہٕ ہشار شاعر یُس نظمہٕ ستی ستی پٕرتی غزل تہٕ چھُ لیکھان۔ خیالُس چھُ پننُ مخصوص اُسلوٗب تہٕ تمیٚ ہندی شعر چھنہٕ کانٛسہٕ تیس شاعر سنز آواز بازگشتُک باس دِوان۔ سُہ چھُ پننِس یتھ کالس تہٕ حالس لول بران۔ سُہ چھُ زندگی ہندِس تہٕ بچوان تہٕ اُمیک نہرتہٕ شرٕ پراوان۔

توتہٕ چھُم تمہٕ سُند تصور عطر بختاں ہاوسن
یی زِ یتھ ناریک ناہ خانس چھُ پرٕتھ درواز بند
بس فقط تمہٕ مارچی مست زوٗن چھم صبح کتھاہ

(زوٗنی ہے زوٗنی)

یہٕ نظم چھےٚ یمہٕ کتھِ ہُند ثبوت تہٕ فراہم کران زِ رشید نازکیس چھ عصری حقیقتن ہُند سوّن تہٕ گوّن احساس۔ یہٕ تہٕ چھُ پزر زِ یہ احساس چھُنہٕ ٹائپ۔ آ، یہ چھُ پزر زِ یہ نظم چھےٚ وضاحتی یمہٕ کِنۍ نظمہِ ہِندِس حسنس نقصان چھُ ووتمُت مگر وضاحتی آسنہٕ باوجود چھُ نظمہِ ہند دوکھ ہوّت لہجہ لفظ ژاٗر تہٕ اَمِچہٕ تشبیہہ پرٕن والیس محظوظ کران تہٕ پرٕن وول چھُ شاعرس داد دِنس پیٹھ مجبوٗر سپدان۔

رشید نازکی چھُ یمہٕ کتھِ ہُند قایل زِ فن گژھہِ انسان ہندِس ذوقِ جمالس محظوظ کرنس سِتۍ سِتۍ زندگی تہٕ ENRICH کرُن۔ اگر کانہہ فن تہٕ ادب ذوقِ جمالس مطمئن کران آسہِ مگر زندگی تہٕ تہذیبس کانہہ خدمت آسِنہٕ کران۔ تیلہِ چھُ تمہٕ فنکرٕ نہٕ ادبکہ آسنہٕ کھوتہٕ نہٕ آسنۍ بہتر۔

رحمٰن راہی ہنز شاعری ہِند صحیح مطالعہ کرنہٕ خاطرٕ یتھ پاٹھۍ اَسہِ فارسی اردو تہٕ انگریزی شاعری ہنز زان گژھہِ آسنۍ بالکل تِتھے پاٹھۍ گژھہِ رشید نازکی ہنز قدر سنجی کرنہٕ وِزِ فارسی تمہٕ سُندِ رلوایتچ، اسلامی نظریتچ احادیثہٕ نبوی ہنز تہٕ کلام اللہ ہچ جان شود بود آسنۍ۔ تمہٕ سُنزِ شاعری منز چھُ ایراٗنی کردارن احادیثن تہٕ قرآنی آیاتن ہُند برمحل ورتاو جایہ جایہ نظرِ گژھان تہٕ یہند ورتاو سنۍ چھُ تمہٕ سُند اندازِ بیان تہٕ اُسلوٗب اکھ منفرد رنگ تہٕ لہجہ رٹان۔ اکھ

لہجس تہٕ رنگس متعلق کتھ کران چھُ حامدی کاشمیری لیکھان۔

"رشید نازکی ہندِ اسلوبچ اکھ منفرد خصوصیتھ چھیٚ یہِ زِ تمۍ چھُ شعرک ایرأنی مزاز کأشرِس ستۍ رلوومُت تہٕ دوشوے رنگ چھُ پانہٕ وأنۍ رلتھ میلتھ اکھ بیاکھ شوخ رنگ بنان۔ یہِ چھُ پرٛزر فارسی لفظ، ترکیبہٕ تہٕ تشبیہن ہُند ورتاو چھُ تمِس خالص کأشر لہجہٕ لِنہٕ ہنا دوٗر بٔھوان مگر یہِ کمی چھیٚنہٕ تمۍ سندِ طرزِ اظہارچہِ تھٕ خصوصیتہٕ نقصان واتہٕ ناوان یوسہٕ تمِس معاصر شاعرو لِنہٕ الگ کران چھےٚ سو گٔیہِ کأشرِ تہٕ ایرأنی عناصرن ہند ملناوُنُک اسلوب۔"

نازکی ہنزِ شاعری ہُند وُرُن وُتھرُن چھُ عشقُک جذبہٕ۔ سُہ چھُ اُتھی جذبس پھِرِ پھِرِ آبیاری کران تہٕ مس مُدرِ خاب وونان۔ تمۍ ہندِ خاطرٕ چھُ زندگی ہُند مولہٕ مُدعا محبوب سندۍ خاب وُچھنۍ تہٕ تِمنے منز پننۍ پان آوُر تھاوُن۔ تمۍ سندین شعرن منز ہیمِس عاشقہٕ سُند کردار وونلان چھُ سُہ چھُ صاف دل لولہٕ بوٗرُت عاشق یُس پننِس معشوقس پیٹھ قُربان چھُ۔ اگر تمۍ سنزِ شاعری لولہٕ نغمہٕ وُنو شاید گژھہٕ غلط کینہہ۔ مگر یہِ یاد تھاوُن چھُ ضروری زِ تمۍ سنزِ شاعری منز وونلن وول عاشق چھُنہٕ ملبوس بلکہ باوقار عاشق۔ عشق چھُ رشید نازکیس زندگی ستۍ وابستہٕ کران تہٕ تمۍ سُند روٗمانی تخیُل چھُ تمِس عشقچہِ مستی منز آور تھاوان۔ سُہ چھُ یہِ تہٕ محسوس کران زِ زندگی چھیٚہٕ مختصر تہٕ فأنی تہٕ یتھِس صورتِ حالس منز ہیکہِ عشقُک جذبے انسانس زندگی ستۍ وابستہٕ کرِتھ تہٕ اُتھ معنے دِتھ۔

ییٚتہٕ چھِ وزوان شونگۍ متین خابن مُدرۍ افسانہٕ چأنۍ
پے دوان میانین امارن مس مُدرۍ پیمانہٕ چأنۍ

---

حامدی کاشمیری۔ جدید کاشُر شاعری (۱۹۸۲ء) صفہ ۱۶۶

چاٗنی درٕے ژٕرے میانہٕ لولُک بولہٕ وُن کستوٗر چھکھ
نوبہارن گورہٕ ناون نغمۂ مستانہٕ چاٗنی

ییٚمہٕ نوٗرٕ ژٕ تہٕ بہٕ زٕنگتس آمتؠ
یوٚت ییتھ لوٗسُ یتہٕ یتہٕ ڈٔرامتؠ

گُمانوٗ راتہٕ کیو ازٕ نوٗسکھر کرٕ      گوڈٕن شرٕ وٕنی کوٚر دوہن ہٕنتی سازوٲینز
سوٗراہٕچ موٗردگی تہٕ خاموشی ژٕج
مئے گوٗو شک آسہٕ ما انہار چھونُے

اگرچہٕ تمٕی سٕنز شاعری ہند موٗلہٕ موضوع عشقے چھُ مگر سُہ چھُ بالضے ازچہٕ وکھٕر زندگی عصری آگہی ہندِس کاشش تٔل تہٕ سام ہیوان۔ سُہ چھُ شہری تہٕ میکانیکی زندگی ہند ژھوژنیار تہٕ تمِچ بے معنویت یانہٕ تہٕ محسوٗس کران تہٕ یٔرن وٲلس تہٕ تمِتھ انزٕی مُنزٕی کران۔ سُہ چھُ عصری زندگی ییٚمہٕ آیہ اَنہٕ ہاوان۔

دریچہ بند چھس
تہٕ کوچہ ووراں
لبن چھ خم ہیوٗ
تہٕ ہانکلن لبل
گرن اَندر ہیتھ
اونزٕکی ہوی

## کرایہ درزن

(ہ شہرسونٔے)

رشید نازکی چھُ حسہ ہشار شاعر تہٕ تس چھُ یمہٕ کتھہٕ ہُند شدید احساس زِ زندگی چھیہٕ کنگالہٕ سپزمژ۔ مگر پننہٕ شاندار تہذیبی وراثژ کنۍ چھُنہٕ سُہ موجودٕ زندگی ہُند صورتحال تسلیم کرنہٕ خاطر تیار سپدان۔ بلکہ چھُ پھانگر سپزمژِ زندگی پتھ کالٕی خابوٕ ستۍ سجاونچ کوشش کران۔ سُہ چھُ موجودٕ زمانہٕچن تبدیلین ہندی منظر تہٕ صورت حال پننین نظمن منز جایہ جایہ وۄزلاوان تہٕ پرن والۍ سند ظون موجودٕ پُر آشوب زندگی کُن پھران۔

تلہٕ سا کانژھا گُل مۄرونا
آدم زاد اگر پھژکنن پتہٕ برونہہ وُچھ وُچھ
چشمن گوو وٲناکھ سمندر
یتھ کشکوس ترٲوِو کینژھا
(صدا)

یتھ طورس تیلی ژھوٚن زلرن زال
کوتر ژج بے ناو وتن
یتھ شہرس منز چھنہٕ ژھایی کانہہ
اَنہٕ راژ ہنز کتھ پرژھ ژھایہ گٹن
(ژھاے)

ٹھس ٹھس
کُس چھو
یِتھ بستی منز ٹھس چھنہٕ جایز
(احساس)

رشید نازکین چھ رژ نظمہٕ لیکھنس ستی ستی جاندار غزل تہٕ لیکھمتہٕ۔ تٔمسندین غزلن منز چھ عشقچ سرمستی تہٕ عصری زندگی ہندی بدلونی وہر جایہ جایہ نظرِ گژھان۔ سُہ چھُ پننین غزلن منز ذاتی غم، محبوب سُند سراپا تہٕ جدید زندگی منز ہینہٕ آمتس حساس انسان سُند رُوحانی کرب تہٕ تمہٕ بنز کھرِ دار نفسیاتی کیفیژ وۄتلاوان۔ سُہ چھُ یمن احساسن تہٕ کیفیژن غزلکس رمزیہ اظہارس منز فنکاری سان پیش کٔرِتھ رُت شاعر آسنک ثبوت فراہم کران۔

داغٕ گوو نوُرانہٕ سحرُک شام پیو اسمانہٕ وُسی
رویہ نازس پیٹھ گنداں ییلہِ کوٹھے بیچان ووتھ



شہپوری یاوُن چون گلرو ہخ پژی یہ چھ للہ وان
یہ چھیہ چانی قداوار کتھ افسانہٕ بناوان



وُنہٕ پیٹھ پرژھنم بنیہِ تمہٕ مٔتہ
بنیہِ پیٹھ دُنیاہ کوتاہ دوٗرہ

وُچھتھاہ چشمن ہنز وہراتھ
تارکھ نبٕ ہیتھ بون وُزٕھ راتھ



خال خالے بناں چھُ ییتھ ساتھاہ
نالہ میتہٕ رۄٹ میٚہ الکتابکی پاٹھۍ



ہیٚنہٕ اَنہٕ گٕنڈ راژ ہُند تصرُف رٹی
آسمانُس جرتہٕ کُم نارکھ جرکھ



مرغوب بانہالی سنز گوڈنچ شعر سۄمبرن "پرتوستان" سپز ١٩٧٦ء منز شایع۔ یہ کتاب پرٕتھ چھُ محسوس سپدان زِ تمیٚ سُند شعر مزاج چھُ فارسی تہٕ اُردو زبانٕنٛ ہندِس کلاسیکی شعر رنگس منز رنگتھ۔ سُہ چھُنہٕ شعر براے شعر ونک قایل بلکہ چھُ شاعرس سماجک اکھ ذمہ دار فرد مانان۔ یُس پننو ہشاہ جِسو سِتی سماجی زندگی ہنزن خرابین پیٹھ نظر گزر چھُ تھاوان۔ مگر امیک مطلب چھُنہٕ ہرگز یہ زِ سُہ کیاہ چھُ شاعرس اکھ سماجی کارکن مانان۔ بلکہ چھُ پزر یہ زِ سُہ چھُ شاعرس سماجک ساروے کھوتہٕ زیادٕ حساس فرد مانتھ تمِس نِش یہ توقع تھاوان زِ سُہ گژھہِ دوررس سماجی تبدیلی کُن پرن واجی سُند ظون پھیرن ییتھ اکھ صالح معاشرٕ تعمیر ہیٚکہِ سپدِتھ۔ اَمہِ خاطرٕ چھُ ضروری زِ شاعرس گژھہِ کانہہ IDEAL آسُن ییٚمِچہِ بُنیادٕ پیٹھ تمِ سٕنز خابہٕ عمارتھ تعمیر ہیٚکہِ سپدِتھ۔

مرغوب باہمالی سنز شاعری پرٛتھ چھُ باسان زِ تِمہٕ سُند IDEAL چھِ عشق تہٕ امہِ عشقچ بُنیاد چھیہٕ خلوصس، پزرس تہٕ سنزرس پیٹھ۔ عشق چھُ پزٕرچ تہٕ خلوص ملون ۔چونکہ مرغوب چھُ اکھ پوٚز عاشق تہٕ صاف دل انسان لہٰذا چھُ تِمہٕ سنزِ شاعری منز تہٕ خلوٗص تہٕ پزر برجستگی سان بروٚنہہ کُن یوان تہٕ پرٛن وول چھُ محسوٗس کران زِ یہ چھُ پننہٕ عشقیہ واری داتھ تہٕ تجربہٕ سادگی سان پیش کران تہٕ ہنگہٕ تہٕ منگُک کانٛہہ لباد چھُنہٕ ولان بلکہ چھُ تی وَنان یہ تس وَنُن چھُ۔ عشق چھُ مرغوبنہ خاطرٕ شمع ییمہٕ کہ مدتہٕ ستی سہ ماحولس تہٕ اٚندی پکھ زندگی گاشرٛاوان چھُ۔ سہ پننہٕ زامان زِ زندگی چھیہٕ مختصر تہٕ ناپیدار مگر ہستی چھُ محسوٗس کران زِ ناپائدار تہٕ مختصر آسنہٕ باوجود چھیہٕ زندگی مزٕرچ تہٕ ماری منزٕ۔ زندگی متعلق یُتھ ہیوٗ رُویہ چھُ شاعرن زندگی متعلق POSITIVE نوقطہ نظر دِوان ییتھ کنۍ چھُ سہ زندگی نشہ دوٗر گژھنہ بجایہ اَتھ زیب یوان تہٕ اَتھ منز ہنٛن پان آدٕر محسوٗس کران۔ سہ چھُ رُسُل ہیرِ نی پاکھٕ ژلہٕ وُنہن تہٕ بدلونین زٕہین ہند حظ تُلان۔

بدلوٗن تہٕ ژلوٗن سے کس چھُ پرٛاران
غنیمتھ یہ ژنہٕ گاشس پننہٕ لوسہٕ نا وکھ

زٕہن محسوس رُچھ کران یم چھم مُدے موت
منے پتہٕ بدلے حقیقتھ آنہٕ حسابچ

کرِ کینژھا اَتھی یاون گرٛنکیہٕ منز
ژھوکِ ریٛہہ افتابس تام یکھہ

بہ کیا وَنے ژٕ شبنمو
ژٕ چھے نبر چھ کیا بنٕ

شفیع شوقؔ چھُ مرغوبنٕہ شاعری متعلق کتھ کران لیکھان ۔

" مرغوب بٕنہ شاعری ہنز اہم خصوصیتھ چھے یہ زِ یہ چھےٚ شیفتہ کیٚن تہٕ ذاتہٕ کیٚن رلوابیٚ موضوعن آویزٕ ۔ تمہٕ ہنز شاعری ہنٛد فکری عنصر چھُنہٕ صرف عصری آگہی بیٚش کران بلکہ چھُ سہٕ یُتھ پاٹھۍ اسلامی جذبس للہ کھولُل کران ۔ امہ ہنزِ زبان چھے سیٹھاہ رنگین تہٕ پارادیٚنہ ۔ ہنزِ پیکر تہٕ حسین تہٕ آزرِ استعمارچھِ مرغوبنٕہ شاعری اکھ منفرد مقام بخشان ۔ تمُہ کرِ ہیُتھ ہنز داریاہ تجربہٕ تہٕ ہوُن زِ کاشر زبانِ منز کاژاہ گنجایش چھیہٕ "

مرغوبنٕہ شاعری ہند پننہٕ پاٹھۍ مطالعہ کرنہٕ پتہٕ چھُ باسان زِ طنز چھُ تمہٕ ہنز شاعری ہنز زیربیاہر ۔ سہٕ چھ عصری زندگی ہندس وٕچھرارس تہٕ جدید انسان ہنزِ ریاکاری وُنُن تھوٚد تلان تہٕ یُرن وارس چھُ یہ مانتس پیٚچھ مجبور کران زِ اَز چ زندگی چھیہٕ محض ریاکاری تہٕ استحصالن آوُر مرٕ ۔ یٚنس اَتھ جذبس دِنہٕ خاطرٕ چھُ مرغوب نوٚ زبان تہٕ نوٚ محاورٕ گران تہٕ یمن ہنز تازکاری ہنٛد چھُ جواز تہٕ فراہم کران ۔

پننہٕ سانٛین قبرن کیٚاژو پرنگ
پیٚنہٕ امہ تہٕ کرُد سلام لیکاہ

---

ل۱: شفیع شوق :۔ نوٚو کاشراد بٕ تواریخ صفہ ۳۲۹ کاشُر شعبہ ۱۹۹۲ء

پنجرس منز پکھ واہان پاز
فضہس منز کاون یہنہ وول



بلبلن ہمزبان بناواں پوٚک
نومغہٕ کاون شہ باگراواں پوٚک



ساری عالم ساری فاضل
پتھ کس یتھ شہرس منز جاہل



سنخ چھے ہیوٚر کھسنک ارمان
پکھ سا حاصر چھے بلاے۔

کاو، بلبل، پاز تہٕ اگر بچھنی چھہ مرغوبہٕ اہم استعار۔ شہٕ چھہ ین استعارن ہندورتاوبار بارکران تہٕ یوٚتام تہٕ پرن وول مرغوب نن امہٕ قسمہٕ کین استعارن اُنزِ منزِ گرتھ
شہٕ ہیکہٕ نہٕ تمہٕ سنزِ شاعری ہنز قدر سنجی کرِتھ۔

# ASRI KA'SHIR SHAIRI

BY

DR. MAJROOH RASHID

*PUBLISHED BY* :

*Book Media*



2nd Floor, Kallu Building
Madina Chowk, Gawkadal
Srinagar-190001, KASHMIR (INDIA)
TEL. : 78218, 73788

1995 PRICE Rs. 150/-